# رُوحانی فلسفہ

امین کامل

جموں کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز
سری نگر

# پَلِنہٕ کتھ

یِیھ کتابہ مَنٛز چھِ اسلأمی تصوّف ، ویدانت تہٕ ترٛکہ شاستر س بییہٕ ترٛشیہ مضموٗن درج ۔ یِم چھِ بذأتی صوٗفی شأعیر نادِ چھِ انتھالوجی بطورٕ" زان" لیکھنہ آمٕتۍ ، یِمہ سہ اکیڈیمی ہِندِ طرفہ ترٛین جلدن اندر چھاپ چھِ سپیٖز مٕژ ۔ اکیڈیمی ہٕنٛزِ کأنٛسرہ مشاورتی کمیٹی ہِندِ اَکِہ فأصلہ مُطأبِق چھِ وۄنۍ یِم ترٛہوۄے مضموٗن الگ کتأبی شکلہِ اندر چھاپ یوان کرنہٕ ۔

یِمو اَندرہ ترٛیِھ مضموٗنن مَنٛز یاد چھِ تِتھ مضموٗنس بییہٕ لیکھنہٕ آمٕژن اہم کتابَن ( خاص طور انگریزی ) بییہٕ تھاونہٕ آمٕژ ۔ اَدہ کِنہٕ ہرگہ کُنہٕ نوۄکتَس مُتعلق کانٛہہ بیأنی غلطی کأنٛسہِ درِشٹہ پییہ ، سہ آسہ نہٕ اَسہِ ٹۄکہ تِمَن وٕسیلہِ کتابَن اندر موٗجوٗد یِمہِ اَسہ مطالعہ کٕرِ ۔ اۄکۍ چھِ ترٛیِھ مضموٗنَس سٟتۍ کتاب نامہ دِتھ یِمَن وسیلہ کتابَن (SOURSE BOOKS)

ہنرٕ نشان دہی کرنہٕ آمژ۔

یِم مضموٗن لیکھنُک مقصد اوس نہٕ یِمَن روٗحٲنی فلسفن کانٛہہ ویژھنٕے وار یا تنقیدی سام ہیٚنٛز، بلکہ کٲشرِ شاعرن ہُنٛز موٗنٛچن تراے ہُند اکھ عام پوٚت منظر دِیُن۔ سہٕ فضا ہاوُن یَتھ اندر تِم شعر اٲسۍ ہیوان۔

یَتھ کتٲبی شکلہِ اندر چھاپ کرنہٕ برونٛہہ کوٚر اَسہِ یِمَن مضموٗنَن بیٚیہِ نظر دِتھ سنسکرت لفظَن ہُند بچھور سیٚود۔ اَمہِ وراے سوٗزۍ اَسہِ یِم بیٚن زٲنۍ کارَن نِشہِ تہٕ، یِمَو اَندرٕ اٲسۍ پروفیسر بل جی پنڈت صاحبَس ترِکہ شاسترس تہٕ غلام رسول نازکی صاحبَس تصوّفس نظر دِنہٕ خٲطرٕ سیٹھا شُکر گزار چھِ۔ تِہندِ ن مُفید خیالَن آیہِ، تِہُنٛد حوالہ دِتھ، پوٚرٕ پاٹھۍ جاے دِنہٕ۔

الگ کتٲبی شکلہِ اندر چھاپ گژھنہٕ کِنۍ پیٚیہِ یِمَن مضموٗنَن اکھ وَکھرٕ زان لیکھنٕچ ضروٗرُر رٕتھ۔ اَسہِ چھُ یقین سہٕ زان بناوِ پرَن والین ہٕنٛدِ خٲطرٕ یِمَن بیٚیہِ ہَن فایدہ مند۔

امین کامل

۱۹ دسمبر ۱۹۶۸ء

# فہرِس

صوٗفی چھ پزرس نام وانُنچ کوٗشش کران۔ پزر (حقیقت) چھُ اکھ، سُہ ہیکہ نہٕ اکہ کھوتہٕ زیادہ آسِتھ۔ البتہٕ پزرکی تصوٗر ہیکن واریاہ آسِتھ۔ مگر پزرکی تِم ساری تصوٗر چھِنہٕ اصل پزر آسان۔ لہٰذا صوٗفی گژھنہٕ مذہبکی، کُنہٕ نہٕ دیشکی یا کُنہٕ تہٕ قومکی آسِتن، تِمن چھِنہٕ کانٛہہ تہٕ فرق روزان۔ تِم چھ پزرکی تصوٗر الگ تھاوِتھ، صرف پزرک فہم تہٕ اظہار کران۔ اکھ اکی سِندین مشاہدن، تجربن تہٕ بیانن ہُند فائدہ تُلان تہٕ تِمن پننِ وَتہٕ ہاوُک بناوان۔ یتھکیا زہٕ تِم چھِ زانان زہٕ آفتاب گژھِ تہٕ برجہ کھسِتن چھُ آفتابے۔ گوٗلاب گژھِ تہٕ وارہ پھوٗلِتن، چھُ گوٗلابے۔ تِم چھِ آفتابکی تہٕ گوٗلابکی مُشتاق، کُنہٕ خاص برجکی یا پوشہ وارہ ہندی چھِنہٕ۔ برجس یا پوشہ وارہ سیتھ محبت کرُن گوو نہٕ آفتابس تہٕ گوٗلابس سیتھ محبت کرُن۔

وُنیک تام چھِنہٕ کانٛہہ تہٕ تصوفس یا درشنس کانٛہہ اَکھ سیکہٕ تارٛیف کرٕتھ ہیٚچ ہٮ۪ن۔ نہ چھُ شاید یہ مُمکن تِکیازِ پرٛیتھ صوفیس یا گیانیس چھُ اَتھ مُتلِق پنُن پنُن تصورُ، یُس تمِس پننہٕ ذاتی تجربک تہٕ مُشاہدُک نتیجہ چھُ آسان۔ دُنیہِ ہکہ کانٛہہ تہٕ ژور صوفی نیتوکھ، تمہِ وُچھو زِ بُنیہ یادی طور اکاے گژھتھ وَنیتھ تہٕ چھ تمہِ وَکھنے اندر تمہِ بانہٕ واتی تیوت اِختلاف کران زِ عام انسانس چھ تمہِ ژور مختلف تصور باسان۔

توتہٕ وَنو اَسی زِ تصوف یا درشُن چھُ زندگی ہُند سُہ طریقہ یمیُک مُدا مقصد باری تعالا سندِس ذاتس سیٚتی گٔنہ وسیلہ ورأے تعلُق پادہ کرُن چھُ۔ یا دوٚیمین لفظن منٛز پنُن پان پرٛزِ ناوِتھ مُطلق حقیقتس اندر لین سیدُن چھُ۔

عرفانیچ یہ عمل چھنہٕ کتابو تہٕ پوتھِکو اَندرہٕ وُزان بلکہ چھ پننِس باطنس کِس سوٚدرس اندر ڈُبکہٕ دِنہٕ سیٚتی ووٚبران تہٕ اَتھ چھُ مشاہدہ، کشف یا درشن ناو دِنہٕ۔

یوت تام یہ عمل مشاہدہ کِس حدس تام چھُ روزان، یہ چھُ محض اَکھ روحانی تجربہ یُس محسوس چھُ سپدان مگر بیان چھُنہٕ ہیکان گژھتھ. مگر یُتھے یہ لفظن ہُند تہٕ اظہارُک جامہ چھُ وَلان۔

یہِ چھُنہٕ سُہ تجربہٕ تہٕ مُشاہدٕ یا تہٕ روزان یہِ اوس۔ بلکہ چھُ اکہٕ فلسفچ تہٕ کتٲبی علمچ شکل لبان۔ انسٲنی زبان اختیار کرنہٕ یِنہٕ چھہ لٲزمی مَن اَمہ کِس اظہارس اندر واریاہ تضاد وۄتھران۔ اصل مشاہدچ بناوٕنہٕ تہٕ صوٗرتھ چھیہ صاف گژھنہٕ بدلہٕ وُزلان۔ تکیازِ مطلق حقیقژ ییٚنہٕ لفظن منز ہینہٕ یہِ شاکھ ییٚہِ لاگنہٕ، تیٚمچ اصل پزٕرٲل وٕتھی تن روزہٕ پٲنی پانے یہِ شاکس تژھایہ۔ اوے یہِ کینژھا لیکھت چھُ، سُہ یہِ حقیقت، بلکہ اصل حقیقژ ہنز تژھانے، پردٕ تہٕ غلاف۔ سُہ چھُ محض کتٲبی علم۔ اکھ تھیوری نژٕ باطنی مُشاہدٕ۔

اَسہِ وۄن زِہ ژھنیٛاٛدی طور چھہ سٲری صوٗفی کٔنی کتھ وَنان۔ مگر تہٕ اسہِ تہٕ چھہ صوٗفیانہ تصور پننین مذہبی تصورن سیتی ڈۄکھ دِتھ روزان۔ دۄیمین لفظن منز چھنہٕ مذہب چہ تقیہ یا نولن نِشہ آزاد ہیکان گژھتھ۔ اما پۄز ہمہ اوستی (ادوہیتہ واد) چھُ کُنہ سُہ صوٗفیانہ تصور ییٚتھ اندر مذہبی ماحول تہٕ گنڈٕتی پیٚتھر پیٚہتھ، مکمل ہشر تہٕ گنیر چھُ دریشٹھ ییوان تہٕ زمانہٕ کہو مکانہٕ چھہ دوٗری روٗس چھُ اکی قسمک رُخ نظرِ گژھان۔ اَمہ تصور وراے باقے سٲری صوٗفیانہ تصور چھہ پننین مذہبی ماحولن تہٕ روایژن اندر تیتھہ زولانہٕ ہندِ زِہ تیمو نِشہ الگ گژھتھ ہیکی نہٕ تہنٛد وجوٗد قٲیم رۄزِتھ

اَتہٕ چھُ لازمی مَن سوال ووتھان زہ مذہب تہٕ تصوف کتہٕ

نَتہٕ چھہ پانہٕ واٗنی الگ گژھان۔ اَمہ سوالک جواب چھُ پانسے یہ

کتھ تہٕ اَنزراوان زہ تصوف کتھہ پاٹھو چھہ کُنہٕ قومس یا مذہبس

اندرہ پادٕہ سپدان۔

پرتھہ مذہبس یا دَرمس چھہ ظاہری تہٕ باطنی زہ روخ

ظاہری روخ کنھ چھُ اَکھ انسانہٕ سِندین سماجی مسلَن یا ضرورتن

سیتھ تولُق آسان تہٕ باطنی روخ کنھ چھُ یہ تہندین جذباتی یا روحانی

ضرورتَن ہُندسامانہٕ میسر کران۔ اَمکہ یم زہ روخ چھہ اکھ

اَکس سیتہٕ تیتھہٕ پاٹھو نَتھو آسان زہ اکھ روخ چھُنہٕ بیہ

روخہ نشہ الگ ہیکان گژھتھ تہٕ پَنُن وکھرہ وجود قائم کرتھ۔ تصوف

چھُ اَتھ برعکس، اَمہ ظاہری روخہ نشہ الگ روزتھ صرف باطنی روخس

کُنے یوت پَنُن سورُے توجہ پھِران۔ دوٚیمن لفظن منز وَنو اَسی زہ

تصوف چھُ مذہب کہ محض جذباتی روخچ نمایندگی کران۔ اَتہٕ چھہ پانسے

یہ کتھ تہٕ صاف سپدان زہ مذہبس مُقابلہٕ کیازہ چھُ تصوف صرف

تجربہٕ تہٕ مشاہدس کام ہیوان۔ منطقی دعوا دلیلہٕ کیازہ چھُنہٕ اَتہٕ جاے۔

یہ کیازہ چھُ عقلہٕ بجاے عشق پَنُن دَیتہٕ ہادوک بناوان۔ چونکہ یہ چھہ

اَکھ جذباتی یا واری داتی کاٗفیت اَوہ کتھ ہیکی نہٕ اَکھ عقل، منطقی

دعوا دلیل یا لفظ تہٕ اظہار ساتھ دِتھ - پرٛ یتھ جذبأتی کأفیتھ اندر چھُ
یِما سپدان - زِ یوٚ چھےٚ کلان تہٕ عقل راوان۔

مذہبس تہٕ تصوفس چھےٚ اکھ نِے زٕہ وٕ نہٕ گژھان - تہٕ
دوشوٚے چھِ اکھ اکِس نِشہٕ بدوٚن پننہِ پننہِ انفرادیت رٔچھان تہٕ
تأمیر کران - اَتہٕ چھُ یہ پزر تہٕ نتان زٕ تصوّف چھُ مذہبہٕ بتم یادواد
گوڈٕ چھُ مذہب زٕنم لبان تہٕ اَدٕ چھُ تمہِ نِشہٕ تمیک جذبأتی روح الگ
گژھتھ تصوّفُک شکل لبان - چنانچہ اکھ حقیقتھ چھےٚ تواریخ تہٕ ڈٕکھ
کران -

اِنسان سُنٛدِ مذہبی زندگی منٛز چھِ ترٛیہ اہم دور آمتہٕ -
اکھ گوو دیو مالأیی - یتھ زٕ انسان ژھوپأری قدرتکۍ مُنظاہرٕ اوس
وُچھان تہٕ تِمن اوس پوزا کران تہٕ کثرت پرستی ہُند شِکار - اَمہ
کثرتہٕ پوزا کِنہ آس تہٕ تَس پانس تہٕ خودایس درمیان تولُق
آسنس کانٛہہ ویرٕ ژھے باسان - تَس اوس کرٛزٕ نِدر اکھ گُنہ
(وحدت) لبنہٕ یوان - یتھ نہٕ خودایس تہٕ پانس درمیان انسانس
کانٛہہ ٹھوٚر باسی تَس چھٕنہٕ تصوّفُک کُنہ ضروٗرت پیوان - اَوٕے
سپدہ اکھ دورس منٛز تصوّف پأدٕ -

دۆیُم دور اوس توحیدی یا دۆیمن لفظن منز حقیقی مذہبن ہُند۔ حقیقی مذہب چھُ انسانہٕ سِندہٕ ذہنہٕ منزٕ دیومالائی دورکہٕ کُنزوک تصوّر کڈان تہٕ تمہٕ بدلہٕ اکہٕ بُخ یادٕی دُیی ہُند تصوّر دِوان۔ ساسٕن دیوتاہن چھُ اکھ دیوتا یا خداے موکلان۔ مُرتہٕ پوزا چھُ ختم گژھان۔ اُمس خدایس تہٕ انسانن درمیان چھہٕ وجودہٕ لیحاظہٕ اکھ سنگین قلاے اِستادہٕ گژھان۔

وجودی طور چھہٕ خداے لافانی، حدبندی روٚس تہٕ انسانی عقلہٕ تہٕ سوچہٕ نیبر گژھان۔ انسانس تہٕ تَس چھُنہٕ ذاتہٕ تہٕ صفاتہٕ رنگہٕ کانہہ تہٕ ہشر روزان۔ اِنسان چھُ محدُود، اناسِرن اندر گرفتار تہٕ فانی ذات بنان۔ سُہ ہیکہٕ نہٕ خدایس کُنہٕ پاٹھۍ وُچھتھ ڈیشتھ یا وِہاتہٕ کرِتھ۔

مگر اِخلاقی سطحس پیٹھ چھُ خدایس تہٕ انسانس منز باگہٕ اکھ وُسیلہٕ پیش یوان کرنہٕ۔ سُہ گوو اوتار تہٕ پیغمبر———
وحی تہٕ پرادانی۔ اُمس پیغمبر یا اوتار سِندہٕ تألیمہٕ پیٹھ عمل کرنہٕ سیتۍ ہیکہٕ اِنسان نجات لبِتھ۔ یہٕ عمل چھُنہٕ انفرادی زندگی بلکہ سماجی زندگی

سپتھ تہٕ واتھ دِتھ آسان۔

دیو مالأیی دورس منٛز چھُ انسانہٕ سُند ذہن ابتدٲیی حالس اندر آسنہٕ کِنہِ منطقی دعوا دلیلہٕ رٔستہٕ بِلکُل ناواقف آسان۔ لہاذا چھُنہٕ تس گوڈٕنچہ لٹہٕ مذہب دعوا دلیل دِتھ عقلہٕ وُنتیج دوان چھُ، تسہِ چھِ کینہہ بہان تہٕ قایِل گژھنس چھُس تہٕ چارہ روزان۔ اتھ صورتس منٛز چھِنہٕ لٲزمی مَن تصوّف وٕہ برنگ سوالے وہ تھان یکیارٕ زٕنہٕ چھُ یہ مذہب کرٕ بُنیادٕ تراوٕنکُ تہٕ پتہٕ عمارتھ تامیر کرنکُ زمانے آسان۔ دوٚیمِس لفظن منٛز چھِنہٕ اتھ مذہب کِس تامیری دورس منٛز تہٕ تصوّف پٲدٕ سپدان[1]۔

---

[1] توحیدی مذہبن ہُند دور چھُنہٕ گنڈتھ زٕ فلأنی تأریخہٕ پیٹھ فلأنی تأریخس تام کیا چھِ توحیدی مذہب پٲدٕ گامتی۔ اتھ چھُ زمانس تہٕ مکانس سیتی تولُق۔ تہٕ زَن گوو پرتھ مُلکس منٛز چھُ مختلف وقتہٕ توحیدی مذہب دوٚ تھمُت؛ یمو پتہٕ دیو مالأیی دورُک تصوّر ختم چھُ کورمُت۔ یِمن مُلکن اندر پتہٕ توحیدی مذہب تہٕ تصوّف پٲدٕ سپدی، چھُ ہندُستان گٔنڈے مُلکُ پتہٕ پتہٕ تلی یوزا وُنہٕ تہٕ پورٕ پأٹھی موجود چھُ۔ امہِ حسابہٕ چھُ یہ مُلک وُنہٕ تہٕ دیو مالأیی دورس منٛز ے گُذران۔ یہ کینہہ چھُ عجیب زٕ توحیدی (برٕ وٕتھ ٹس شقس پیٹھ)

ترٛیٚیِم دور چھُ تصوّفُک۔ اَکہِ طرفہٕ چھُ وۄدنی توحیدی مذہب انسانی فکرٕ ہُند دروازٕ مُژراوان، بیٚیہِ طرفہٕ چھُ تامیٖری دورٕ پٮ۪ٹھٕ مذہب ظاہری رسمن تہٕ رسوٗمن اندر تیوٗت گرفتار گژھان زِ انسانن ہنٛز باطنی زندگی چھنہٕ تسکین ہیکان لبِتھ۔ نتیجہ چھُ یہِ نیران زِ کیٚنہہ انسان چھہ مذہب کِس باطنی یا روٗحانی تصورس کُن پننہٕ سورُے حِس ہوش لاگان۔ ظاہری زندگی نِشہِ الگ گژھتھ چھہ پننہٕ باطنی زندگی سام ہیوان۔ اَمیٚک ترٕٛ چھُ لازمن یہِ نیران زِ تِم چھہ کیٚنہہ ذاتی تجربہٕ تہٕ مُشاہدٕ کران۔ تِہُند مُشاہدٕ ووتِھ چھہ کیٚنہہ نتیجہ کڈان تہٕ یِمے نتیجہ چھہ تصوّفُچ بُنیاد بنان۔ چنانچہ پرٛٮ۪تھ مذہبچ تواریخ ترٛاوتھ چھہ اَسہِ وُچھان زِ تِمہِ کہِ تامیٖری دورٕ پتے چھُ تصوّف زامُت۔

---

تصورد تہٕ مختلف صوٗفیانہٕ فکری نظامو پٮ۪ٹھ منٛز اَدوٕ یتہ داد تہٕ شامِل چھُ، ہیوٗک تہٕ دیو مالائی دورُک یہِ تصوّر عام لوٗکن ہندٕ ذہنہٕ منٛزٕ کڈنہٕ بلکہ سپٮ۪ز پھِرِتھ یہِ صوٗرتھ زِ اَمی دیو مالائی تصورٕچ کرٕ توحیدی تصوّرسے بنیو شکار تہٕ تِم تہٕ کرِتھ پھٕٹی یوٗتاہ پٮ۪ٹھ آمادٕ۔

پتھے باطنی سَید کشیرِ منٛز تہٕ ترٛکہ شاستریہ دیو مالائی تصوّر ختم کرنس اندر ناکام۔ اَمہِ سارِکی وجہ بیان کرنُچ چھنہٕ یتہٕ نتھ گُنجائش۔

تصوّف ـــــ یُس مذہبس خلاف اکہ ردّ عمل بأڑھ چھُ وۄتلان ـــ چھُ لأزمی مَن مذہب چھ دُیی خلاف آدٕسے (ہمہ اوستی) تصوّر ہیتھ کلہٕ کڈان. تکیازِ یہ چھُ کُنی وِلتھ یتھہٕ کہ ذرہی سے سعہ قلاے ییٚتھر چھُ دأرِتھ یوان دِرتہٕ. یہ سےر مذہب انسانس تہٕ خدائس منزٕ باگہ کھرٕ کران چھُ. تہٕ یتھہٕ کنہٕ انسانس رۄحأنی ژھرہٕ محسوس چھُ سپدان.

یہ ہمہ اوستی یا اَدٕسے تصوّر چھُ دراصل پرأنس دیومالأیی دورکس گُنٕس (وحدت) کُن واپس ژلُن. فرق ہرگہ چھُ سعہ چھُ ہرٕ زِہٕ دۄہ نٕ چھ اَتھ تصوّرس وحی تہٕ پراوانی تہٕ سیٹھا آسان. یتھیک نہ اوسُس ژیلہٕ کانہہ تصوّر تہٕ نہ کانہہ ضرورتھ. تیلہٕ اوس تہٕ تتھہٕ کنٕ قسی اندر انسانس کُنہٕ دُیی ہُند باس. مگر وۄہ نٕ چھُ مذہب کہ دۄہ ایہ خارِہٕ دُیی ہنٕز اکھ زبردس دُگ اِنسان کلہٕ وان تہٕ سعے دُگ یا دُیی ختم کرِتھ چھُ مُطلق حقیقتٕ سیتھ اکھ مُکمل وحدت قأیم کرنٕچ کوٚشش کران. یتھ پأٹھی چھُ مذہب تہٕ تصوّف اکھ اکس نِشہٕ جُدا گژھان تہٕ پننہٕ پننہٕ انفرادیت الگ پأٹھی قأیم کران.

اَسہٕ وۄنی زِہ مذہبس چھ زِہ رِحانٕ. ظأہری یا سمأجی تہٕ بأطنی یا جذبأتی. بأطنی رۄخہ کنہٕ چھُ اَتھ منز تیمہ بےشُمار ژِتہٕ

مُنتشر پأٹھۍ موجوٗد آسان۔ یِمَو پیٹھ تصوّف پنُن سِرٕ بے پٔرزلاوان چھُ۔ اَمہِ لِحاظہٕ نہ چھُ مذہب تہٕ نہ چھُ تصوّف کُنہِ اَکہِ قومُک تہٕ مُلکُک جاگیر تہٕ پأداوار۔ اَوٕے چھُنہٕ یہِ فأصلہ دِیُن تہٕ سہَل زِ گوڈنی کمہِ مُلکس منٛز چھُ تصوّفن کلہِ کوڈمُت۔ مگر وَنُن چھُ یِوان زِ اَکہِ منفرد تہٕ الگ شکلہِ اندر لوٚب تصوّفن گوڈنی عرَبیس (مغربی ایشیا) کِس علاقس اندر زٕنم۔

ہندوستانس اندر اگرچہ تصوّف چھ بےشمار زٕ زِ چھ ویدن تہٕ اُپنشدن اندر چھکرِتھ، یِم خبر کأتیاہ ریشن ہندی ذأتی تجربہ تہٕ مُشأہدٕ چھ، مگر تصوّف چھُ گوڈنی دعوا دلیل ہیتھ بُدھ متس مُقابلہٕ کرٕ نہٕ بایتھ سوترن اندر زِ ہیتھ مسیحس بروٚنہہ پیٹھ ترٛیہ ہتھ مسیحس پتہٕ تام وۄتلان۔ تہٕ اَکہِ منفرد شکلہِ منٛز چھُ اصلی اَٹھہِ مہ صدی عیسائے پیٹھے شنکراچاریہ سِندہ اَتھہٕ کلہِ کڈان۔ ہرگہ سوترَو پیٹھے ہندوستأنی تصوفٕچ منفرد شکل تہٕ مُجرا نِمَو، تو تہٕ چھُ یہِ عربیس علاقس مُقابلہٕ پانٛژھ ہتھ ؤری پتم پأداوار۔ دۄیمن لفظن منٛز یِتھہٕ ہندوستانس اندر اُپنشدن اندر تصوّفکی چھکرِتھ خیالات قلمبند اَسہ سپدان، عربیس اندر اَسہ آمُت منفرد، منظم تہٕ الگ شکل رٹمٕژ۔

عربیس کہٕ اَمہِ تصوّفی تحریکہِ ہندأنی کار چھُ اَکھ نیم افسانوی

شخص آرفیس اوسمُت۔ اُمی سِنٛز تأ لیم پھائلے ہ سٔتی مہ یا اُتھِی مہ صدی مسیحس برونٛہہ سأری سے یونانس اندر۔ تأریخ دان چھہ وَنان زہ یہ اوس منغربی ایشیاہس منٛز اکھ نوو فکری دوریس زیادہ تہ سأمی فکرِ تہ کم کاسہ زرتُشتی عقیدن ہٕند نتیجہ اوس[1]۔

---

[1] زرتُشت (۶۰۰ مسیحس برونٛہہ) چھہ ایرانس اندر اکھ عظیم پأغمبر ووٗتھمُت۔ اُمی سِنٛز کتاب چھہ ژند یوس پرٛانس فارسی یس منٛز چھہ۔ اُمی چھہ ہرمزد تہ اہرمن یا نور تہ گٹہ ہٕند تصور دِتھمُت۔ یہ اوس اکھ توحیدی مذہب چنانچہ ووٗنمُت چھُن "خدا یکے است نہ بیک شمار" خودا چھُ اکھ مگر گرنٛز ہٕند اکھ نہ۔ یہوے تصور چھہ "قُل ہُو اللہ احد" وَنِتھ اسلامن تہ پیش کورمُت۔ مگر زرتُشت چھُ "نہ بیک شمار" لفظ وَنِتھ حقیقت مُطلقس زیادہ نوٗزِک تصورسان برونٛھ کُن آنان۔

زرتُشت سُند یہ نور تہ گٹہ (نور و ظلمات) تصور چھُ آرفیسی نظام پانناوان۔ آرفیس چھُے پننہ خیالاتھ اکثر تمثیلن اندر پیش کران۔ اکھ زمانہ اوس یپلہ زِیوٗسس (عظیم خودایس) اکھ شُر ڈایونیسس زیگریوٗس زاو۔ یہ آو لُکچہ وأنسہ منٛز ے ٹیٹنن ہندِس قبضس منٛز۔ تمو دِتی اُمس گندن تماشہ تہ آٔنہ۔ تمہ پتہ مور کھ

تہٕ اوس اَکھ اندر کھینَس ممانتھ ۔

کائِناتَس مُتلق اوس یِہُند عقیدٕ یہِ زِ حقیقتِ مُطلقہ
پیٹھٕ گیہ زِژن ہِنٛدی مختلف سلسلہ شُروٗ ۔ یِمہِ سلسلہ چھُ
اَکھ نوٚو کائنات ووہ پیداوان ۔ انسٲنی رُح چھ اَمہٕ ازلی نوٗرٕچہ کینٛھہ
چھکرٕنہٕ آمژٕ زِژہٕ ۔ اَسی چھ اَمہٕ زِژہٕ سوٚدرٕ نِشہ واریاہ دوٗر پیمتۍ
تہٕ واپسی ہِنز وَتھ چھ سیٹھا کٔژ پیٹھ ۔

مرنہٕ پتہٕ چھُ اَکِس نیک انسانہٕ سٕنٛد رُح اَکِس
ماشس وَرِیَس ، یِمن مِس دُنی یاہس (عالم اسفل) اندر یِمہٕ
نیک عملہٕ ہُنٛد پھَل تُلان تہٕ اَکِس بدکار سٕنٛد رُح چھُ یِتی سے
کالس سزا تُلان ۔ پتہٕ چھُ سُہ بیٚیس جسمس اندر زُنم لبان ییٚتھ
پاٹھی چھِ زندگی تہٕ موتک سلسلہ چلان ۔ اَمہٕ سلسلہ منزٕ چھُ سے
نجات (نِروان) لبان یُس یِتھ زندگی منز تہٕ موتہٕ پتہٕ چہ زندگی
منز نیک اُصوٗلَن ہِنز پاروی کرِ ۔ یِہنز کانہہ پژِھ ترٛیہ زندگی (دتھ
زمین چہ تہٕ ترٛیہ پاتال چہ) گذاران چھُ اُدہ چھُ اَمہٕ زنمہٕ چکرٕ
نِشہِ موہ کلان ۔

انسانس تہٕ خدایس درمیان یُس نوٗلُن یاہشر
کُنبر پادٕ چھُ سِیدان تِتھ چھُ آرفیس " تھیوریا " لفظ ورتاوان

آرفیسی تصوّفس چھہ زہ عنصر ہیم زَنَن پرٕ ہِتھ تصوّفس

بُنہٕ یادی عنصر آسان چھہ۔ اَکھ گوٚو خُدایس تہٕ انسانس پانہٕ وٲنی

باطنی مشاہدٕ سیٚتہٕ تولُق سپدُن۔ بیاکھ گوٚو انسٲنی رۄحس تہٕ

خُدایس پانہٕ وٲنی لِین سپدُنس مُتعلق فکری وضاحتھ۔ آرفیسن

کٔرۍ خانقاہ قایم یِتہٕ لۄکَن اَیچ تالیم اُس دِنہٕ یوان۔

یہٕ تصوّف چھُ رۄحس نورٲنی تہٕ لطیف چیز مانان تہٕ

جِسمس اَکھ مادی تہٕ کثیف چیز۔ اَمہٕ تصوّفک مقصد اوس رۄح

جِسمہٕ چہ حدبندی نِشہٕ آزاد کرُن تہٕ اَمہٕ خاطرٕ آسہٕ اَتھ اندر کیٚنہہ

رۄحٲنی مَشقہٕ (یوگ) تہٕ موجوٗد۔ حیوٲنی ماز، یوٚت نام زِہ ڈھول

---

تہٕ کھیشو کھ۔ کیھتام پاٹھۍ رۄد اُمی سُند دِل محفوٗظ۔ سہٕ کھیشو اُمی سُند

مٲلی تہٕ بیہتھ پاٹھۍ گوٚو یہٕ دیوتا دُبارٕ زندٕ۔ مگر ٹیٹنن ہیٚنزٕ اَتھ

شرارژ بیٚہتھ گوٚو زیوٚسس نارانار۔ تمہٕ زول سورۍ ٹیٹنوں۔ تمہٕ

سورٕ بیٚہتھ گوٚو اِنسان پادٕ۔ گویا انسان چھُ دون مختلف تہٕ متضاد

عناصرن ہُند ملہٕ وُن۔ اَکھ گوٚو نورٲنی (ڈایونیسس) بیاکھ گوٚو ظلمٲنی

(ٹیٹنون)۔ یہٕ تمثیل واژ سارۍ سے یونٲنی فِکرٕ اندر۔ چنانچہ افلاطو

تہٕ چھُ انسانس مُتعلق یوٚہے آرفیسی محاورٕ "ٹیٹینی فطرت" استیمال

کران۔ یانسے بدی کُن لارٕ وُن۔ مگر بُنہٕ یادی طور چھُ یہٕ زرتُشتی تصوّر

اُمیک مُراد چُھ سعوٗ طبعی حالت یِتھ انسان جذباتن ہندس انتہائی شِدتس منز پننِس انفرادی ہستی مُشرٲوِتھ پننِس پانس مطلق حقیقتک پرتو زانان یا لُبان چھُ۔ یہ یِمہ وزہ تس خُدایہ سِنز عنایت (انوگرہ) سپدان چھِ۔

اُمی آرفیسی تصوفس ترٲو یونانس پیٹھ زبردس اثر۔ چنانچہ اُمس پتہ پیٹہ والیو یونانی فلسفہ دانو یِہِمن منز فیثا غورث (پیدایش ۵۸۰ مسیحس برونٹھ) ارسطو، سقراط، افلاطون، فلاطینوس بیترہ چھِ شامل چھ تصوفچ یہ تحریک مختلف فلسفی رنگ دِتھ طاقتور بناوان تہ یہ چھِ عرفانی جماژ (GNOSTICS) ہندِ ذریعے دوٚیمہ صدی مسیحس برونٹھ پیٹھ دوٚیمہ صدی مسیحس پتہ تام ساری سے مغربی ایشیاہس تہ اسکندریہس ژھھ کڈان۔

یہ تفصیل دِژ اَسہ اَمہ خاطرہ یتھ یہ کتاب پرن والین ہِمہ صوفیانہ فکرہ ہنز کم کاسہ زان سپدِہ، یوسہ گوڈنی اکھ منفرد تہ منظم تحریک بنتھ دُنیاہس اندر وہ نشان چھِ۔ اسلامس اندر چھِ تصوفچ تحریک بہرحال ادترچ بانے دہمہ کہمہ صدی عیسائے ہنزِ کنِھ۔ ہندوستانس منز تہ چھِنہ اُٹھمہ صدی برونٹھ تہ کشیرِ منز نومہ صدی برونٹھ اَیِچ کانہہ منظم تہ منفرد تحریک آسان۔

تصوّفی فِکرِ (خاص کر ہمہ اوستی) چھُ پننہِ بناوٹہٕ تہٕ نوعیتہٕ
کِنۍ مذہبس مُقابلہٕ زیادٕ تیزی سان سفر کورمُت۔ یِکیازِ اَتھ
چھُنہٕ زمان تہٕ مکانُک حدبندی لاگو۔ اَوے چھُنہٕ یہ وَنُن صحیح زِ
کُنہٕ مُلکُک تصوّفی فکر کیا چھُنہٕ بیٚیہ کُنہٕ مُلکچہٕ تصوّفی فِکرِ نِشہِ
متاثر سپدمُت۔ یہ کتھ چھےٚ تواریخی طور غلط۔

یہ ہمہ اوستی تصوّفُک تصوّر چھُ پرٛیتھ شایہ
بُنیادی طور ہیٚو روٗدمُت۔ یہ چھُ اَمہِ فِکرِ ہِنٛز وُسعت وہراو تہٕ
یہ چھےٚ توحیدی تصوّرس خلاف ردِ عملُک کُنۍ وَتھ تہٕ مثلن یتھ
اُپنشد نیتی نیتی، ویدانت برہمن، ترِکہ شاستر اَنتر، اسلام الاعمار
وُنِتھ اَکھ ناقابلِ قیاس، اظہار تہٕ باسس حقیقتِ مطلق وَنان
چھِ، تِتھۍ چھُ چینی تصوّفُک بانی کار لاوزی[1] سرِ مُطلق، ناوو نِشہ بالا

---

[1] لاوزی چھُ مسیحس برٛونٹھ شیٚہ ہتھ وری اوسمُت۔ اَمی چھےٚ "ڈاو ڈِ جِنگ"
ناوہ کتاب لیچھمٕژ۔ اَمیُک مانے چھُ "دینُک تہٕ طاقتُک طریقہ"۔ ڈاو
(طریقہ) ڈِ (طاقت) جِنگ (دین)۔ اَمی سُنٛز بُنیادی تالیم چھےٚ وُو وائی
(لاعلمی) تہٕ زَن گَو انسانَس پزِ پرٛیتھ قسمہٕ چہ عملہٕ نِشہ پرہیز کرُن۔ اَمیُک
مانے چھُنہٕ اَتھ مَتَھ وُسعتھ بہُن تہٕ کینٛہہ نہ کرُن۔ سو گیہ لے علمی۔ لاعلمی



(برٛونٹھ صفحس پیٹھ)

ناقابلِ فنا، صوٗرتھ تہٕ مادٕ بغأر قائم، پزٕ یتھ جایہِ تہٕ چیزَس اندر موٗجوٗد تہٕ وٕہا تہٕ کرِتھ۔ کائیناتُک اصل کارنُک کارُن۔ یتھ کانٛہہ ناو چھُنہٕ یُس بے ناو ڈاو (لا اِسم طاو) چھُ۔

یُہے حقیقت مُطلق یتھ لاوزی بے ناو ڈاو وَنان چھُ ییٚلہِ کائیناتیچ ووہ پزاوُن ہار چھُ بنان، اَتھ چھُ شہ ڈاو (طاو) ناو دِوان۔ اَتھی چھُ ویدانت آتمن، تزکرشاستر شو، زرتشتی تصوٗف اشا عیسائی تصوٗف کلام (Logos) تہٕ اسلأمی تصوٗف حق یارب یا واحدیت تہٕ الوٗہیت وَنان۔

بہرحال تصوٗف چھُ عشق تہٕ مستی ہُند دُنیا یا تہٕ فلسفہ۔ اَمہِ فلسفکی اُسی ووہ نی قائل آسو یا نہٕ آسو۔ یہ کتھ ییٚتھ اُسہِ مانٛنی زہٕ یہ چھُ اَکھ زبردَس طاقت یمیٚتھ واریاہَس کالَس انسأنی زندگی متأثر کران رُودمُت۔ انسأنی سماجَس، تہذیبَس تہٕ تمدنَس اندر چھُ یہ رنٛگہِ رنٛگہِ تہٕ دوٗرس تبدیلی ییٚن ہُند ذریعہ بنیومُت۔ خاص کرٕ

---

چھ اَکہٕ خاص نیتہٕ تہٕ مقصدہٕ مُطأبق عمل کرنَس وَنان۔ اَتھ چھُ بھگوت گیتایہِ اندر تہٕ بہترین وضاحتھ موجوٗد۔

اَکھ ہمہ اوستی فلسفن چھُ مذہبی تصوّف، تنگ نظری تہٕ نابرابری سیٖتۍ زور آزمائی کرِتھ، تھٕہ وارِیاہ کینٛہہ دِیُت تہٕ وۄہراوعطا کوٚرمُت۔

# کِتاب نامہ


۱. گریٖک ریلیجس تھارٹ — ایف آر کامرن فورڈ — لندن ۱۹۵۰ء

۲. دی تھیاسوفی آف دی — آکسفورڈ یونیورسٹی — ۱۹۴۸ء

اَرلی گریٖک فلاسفرس — پیرس

۳. دی اَویولیوشن آف — جلد زہ — گلاسگو ۱۹۰۴ء

تھیالوٗجی اِن گریٖک فلاسفرس

۴. اے شارٹ ہسٹری آف — فن یولان — نیویارک ۱۹۵۰ء

چینیز فلاسفی

۵. دی وِزڈم آف لاوزی — لِن یوٹانگ — نیویارک ۱۹۴۸ء

۶. ڈاوز ٹی چینگز — لیوِنل جیلز — دوٚیِم چھاپ لندن ۱۹۴۷ء

۷. انسائیکلوپیڈیا آف ریلجن — مضامین بر- گریٖک ریلجن، ناسٹِکس، ڈاوِزم

اینڈ اِتھکس

۸. تاریخ تصوّف قبل از اسلام — بشیر احمد — ثقافت اسلامیہ لاہور، پاکستان - ۱۹۶۲ء

# (۱) توٲریخ

ہِندی مذہب چھُنہٕ اِسلام، عیسٲیت یا بُدھ مَتکۍ پٲٹھۍ کانٛہہ توٲریخی مذہب۔ توٲریخی مذہبَس چھُہ اَکھ بٲنی کار آسان تہٕ سُے چھُہ تِہُنٛد ساروے تٲلیم پیش کران۔ ہِندی مذہب چھُ اَتھ برعکس رُتمو مذہبی رۄحٲنی تہٕ وہمی خیالن ہُند مجموعہ، یُس ہِند پرچار زمانہ پَتہٕ زمانہٕ ہِندوستانکۍ رِیشو اوتار تہٕ فلسفہ دان کران روٗدۍ۔ یُہے وجہ چھُ زِ اَتھ چھُنہٕ کُنہِ کانٛہہ سِکہ تٲریف سَپدِتھ ہیچ مٕژ۔ سُہ شخص یُس یانُس ہیٚوَنٛد چھُہ وَنان چھُ ہیٚونٛد، خواہ سُہ آستِک (خُدایس مانَن وول) آسِہ تن یا ناستِک (دہری)

| وېدَن ہُنٛد زمانہ |

وېدن ہُنٛدِ زمانُک آغاز چھُ آریَن سۭتۍ ۲۰۰۰ م، ب[۱] سَپدان تہٕ ۵۰۰ م، ب اَندواتان یِلہِ زَن ساری وېد مُکمل چھِ سَپدان۔ اَتھ زمانَس تہٕ چھِ رۄحٲنی فلسفُک ومہ بُہ نظرِہ نٕل تفاوت ژور باگ (۱) کَٹر تہٕ پۄزا باگ (۲) توحیدٕ باگ (۳) ہمہ اوس باگ تہٕ (۴) اُپنشد باگ۔

---

[۱] م، ب مسیحَس بروٗنٛہہ۔ یِتھے پٲٹھۍ گو م، پ مسیحَس پَتہٕ۔

آرین ہنز گوڈنیچ چھہ کھ چھ منز ایشیا پیٹھ ۲۰۰۰ م، ب
ہندستان اژان تہ اَمہِ پتہ چھ یم سہلابچہ پأٹھی یی ساری سے
شمالی حصس آوران تہ پنن تمدن پھألاوان۔ یہ ہندس گوڈہ کالس
ہیکو نہ اَسی کانہہ واضح فلسفہ کال وُنتھ۔ تکیازِ اَتھ اندر چھ کثرتہ
پوزا[1]، تجسیم[2]، کینٹ توحید[3]، شُوَد توحید[4] تہ ہمہ اوس عقیدن
ہندِ اَکھ اَکس متضاد خیالات بے ترتیب پأٹھی موجود۔ یم زن خبر
کأتیہن نسلن منز تدریجی شعور دبوِد تہ تصور پیش چھ کران، چنانچہ
رگ وید چھ اَمیک ٹاکارہ ثبوت، یوسہ آرین ہنز سارِوے
کھوتہ اہم، مقدس تہ پرأنی کتاب چھ۔

رگ ویدس اندر چھ ۱۰۱۷ منتر (نغمہ) یم دہن حصن اندر
باگراونہ چھ آمتہ۔ اَمیک اَخری حصہ چھ باقی حصن مقابلہ سیٹھا فلسفہ
بوٚرُت۔ یورپی عالمن ہند خیال چھ زِ یم ساری منتر چھ ۱۵۰۰ تہ ۱۰۰۰
م، ب تام لیکھنہ آمتہ۔

---

۱ کثرت پوزا۔ واریاہ دیوی دیوتا مانُن۔ ۲ تجسیمی۔ غأر مأدی صفت جسمانی
مثال شردھا (عقیدہ) منیو (زٔکھ) واکھ (آواز) دیوتا گنزراوُنی ۳
کینٹ توحید۔ کانسہ دیوتاہس تأریف کرنہ وِزِ باقی ساری دیوتا مشراونی
تہ تس کُن تِمم صفت لاگنہ یِم کُنس خدایس شوبن۔ ۴ شُوَد توحید خدایہ
سند شخصی تصور یتھ اندر خدایس تہ انسانس فرق چھ سپدان۔ اَکھ چھ آقا بیاکھ بندہ۔

بہمن آرین ہُند سارۍ وے کھوتہٕ بوڈ دیوتا چھُ اندر ادسمت تہٕ رگ ویدکی اکثر نغمہ چھہ اَہندی تارٕیف کران۔ یہ چھُ باقٕی ۳۳ دیوتاہَن ہندہٕ کھوتہٕ زیادٕہ ٹھزٕ بجرٕ تھاوان تہٕ جنگن اندر آرین وٕتہٕ ہاوک تہٕ مددگار آسان۔

## توحیدُک اِحساس

یہ کثرت پوزانہٕ تجسمی چھینہٕ زیادٕہ کالس پنینٕ کھوٕر ٹھیکہ راوتھ تھیکان

چنانچہ دوٕیمس باگس اندر چھُ ریشین اَکس تھچس دیوتاسٕ سند آسُن ضروری باسان، یُس سارنٕی دیوتاہَن ہُند حاکم تہٕ دوٕہ پزاوُن ہار (خالق) آسہ۔ لہاذا یُس دیوتا رگ ویدس اندر پرجاپتی (لوکن ہُند آغہ) وشوکرمن (دوٕہ پزاوُن ہار) تہٕ پرُش (اعلا انسان) چھُ آسان سُے چھُ پتس برہمن بنان تہٕ پتھہ پاٹھۍ چھُ توحیدٕچ یا کُنرٕچ بُنیاد بوان۔ ڈاکٹر رادھا کرشنن تہٕ چارلس مور چھہ اَتھ متعلق وَنان زِہ ویدن ہُندہٕ کثرتہٕ پوزار نشہ آیہ ریشو سیٹھا بتنگ تہٕ تِہمن منز سپد اکھ سے دیوتاہس اندر باقی دیوتا ملہ نا وٕنُک یا اکوسے تھاوٕہ باقی ترٲونُک رُجحان پادٕہ۔ یہ رُجحان ووت لازمی توحیدس پیٹھ، یُس ویدی دیوتاہَن ہُندہٕ بے شُمار تہٕ متضاد فوجہ بدلہ اکھ سیود سادٕہ تہٕ منطقی اصوٗل چھُ۔[1]

یتہٕ نچہ کرو اَسہ رگ ویدکہ تمہ باگٕک منظوم لفظی ترجمہ پیش یتھہ

[1] اے سورس بک آن انڈین فلاسفی صفحہ ۱۶

اندر یہ کائنات بُوٗد گژھنہٕ بُروٗنٛہہ کِم حالت بیان چھہٕ پیش ہرشِ، یہ بالکل چھ اَکہِ طرفہٕ "سہٕ اَکھ" (تدا ایکم) یعنے کُنِس خدایس کُند تصور پیش کران تہٕ بیٚیہ طرفہ چھہٕ عالمی اَدبس منٛز تہٕ سیٹھا اہم مقام تھاوان۔

(۱)

تیٚلہٕ کُنہٕ بُوٗد اوس، نَے نابُوٗد

تیٚلہٕ کُنہٕ داو اوس، نَے آکاش

کُس اوس تہٕ چھُہ گژھان، تیٚتہٕ دوٗر

کیا اوس پُشیدہ؟ کتہٕ، کتھ شایہ؟

آمر کیٛنہ سُس سایس تَل؟

تیٚلہٕ اوسہٕ سپے وونتھ آب بے آب؟

(۲)

تیٚلہٕ کُنہٕ موت اوس نَے اوس زُو

تیٚلہٕ کُنہٕ دۄہ اوس، نَے آس راتھ

"سُے کُنۍ" اَندرۍ کِنہٕ ناں بلہٕ

شُہہ اوس شُہہ روٗستُے کھالان

تس رُوٗس بیٚیہ کیا تمہ تور اوس

(۳)

گٹہٕ ژٕلی، گٹہٕ اَسِس رٕٹ مژ تَل

سورُے کینہہ اوس آبے آب

"سُے کینہہ" رٕشۍ منز دِیٹھ اوس ژھیپھ

"سُے اکھ" ترٛژرن[1] کوڑ اَدٕ نوٚن

(۴)

گوڈٕ تُس وۄتلیوو اکھ امار

ظوٗنہٕ منزٕ گوڈ نیک بیاکھ پھوٚل دژاو

دۄن دِیٹھ دِلہٕ کین گوشن منز

بوٗدٕ سیتین لوٚب رٕشہٕ مالیو[2]

بوٗدس تہٕ نابوٗدس ملہٕ ژار

(ظوٗنہٕ منزہ دژامُت بُیہے بیاکھ پھوٚل)

(۵)

یوٗسہٕ[3] زٕژ یتھ سمسارس پیٚیہ

ہیرٕ گیہٕ پاٗدٕ کینہٕ بعہ نہٕ نٕنو دژاے؟

---

[1] ترٛژرن (تیجس) حرارت [2] رٕشہٕ مالی۔ بزرگ رٕشو [3] ہِمن دۄن مصرن چھُ یتھ پاٹھۍ تہٕ معنہٕ نیران[4] ، تہندٕ نوٗرانہٕ اَدٕ گٹہٕ پیٚو گاہ "سُے کُن" ہیٚرٕ اوسا کینہٕ بعہ نہٕ؟

بیول آو وَوِنہٕ تہٕ طاقت زاے

بوہنہٕ رُوز قدرت، ہیٚرہٕ فرمان

(۶)

اَصلُک سپٕدٕ یٕتہٕ کُس بالوگ؟

یٕتہٕ کُس باہیکہٕ بأوِلتھ سِر؟

کرسہٕ تہٕ کہ گوٗ عالمٕ بوٗد؟

دِوِتا پأدٕ گیہٕ پانہٕ یٕش کأل

(۷)

کأتھہٕ تہٕ چھُنہٕ وأقف، کأنسہٕ چھُنہٕ زان

زامُت تہٕ آمُت کر زاو، آو

تتھہٕ کوٗرہٕ پأدٕ عالمٕ کینہٕ نہٕ؟

سُے یُس عرشس پیٹھٕ ہیٚرہٕ ہیٚور

یتھ سمسارس کُنہٕ چھُ وُچھان

اَصلُس پزرس بس سُے پرٛوٗد

کِنہٕ سہٕ تہٕ چھُنہٕ وأقف رازس

| ہمہ اوس نظریک آغاز | توحیدُک یہ عقیدٕہ تہٕ چھُنہٕ کینہہ کال گژھت رٛیشین اطمینان بخشان۔ تِمہٕ چھہٕ سونچان زِ |
|---|---|

ذاتی مسرت واتہٕ ناوںکہِ لحاظہٕ چھُ شخصی خدایہِ سُند تصوّر انسانس کیُتھ جان، مگر اصل حقیقت چھَنہٕ یہِ، تِم چھہ اصل حقیقت زانہنہٕ پتھٕ ہان تہٕ ترٛیہمس باگس اندر چھُ یوٗہے رُجحان نظرہ گژھان۔ چنانچہ شبُہات چھہ ذہنن اندر پادٕہ سپدان۔ پتھ پیٹھ چیزس ہیبتٕ چھُ "حاگُرانی" ہُند اظہار سپدان۔ اوت تام زِ دیوی دیوتاہن، شخصی خدایس تہٕ باقین تمام پرانین عقیدن تام چھُ طنز تہٕ مذاکھ وُڈاونہٕ یوان۔ اَکھ مثال وُچھو رگ ویدہ منترٕ

"طاقت ژھارنہٕ موکھ گیوو اِندرَس سُند نغمہ، اَکھ
پوٗز نغمہ، ہر گاہ تس پیٹھ پاٹھی کانٛہہ ووجود چھُ
اَکھ بیاکھ چھُ وَنان اِندر چھُنہٕ کُنہہ تہٕ۔ سُہ کمؠ وُچھ
تیٚتھ کَس کرَو اَسی پوٗزنا؟"

اَمہِ سارِ کُے نتیجہ چھُ یہِ نیران زِ اَکھ فلسفیانہ سوچ چھُ ووتلُن ہیوان، یوت تام اَکھ غیر شخصی خالِص ذات (برٛہمن) ووجود چھُ یوان۔ یوٗہے چھُ سُہ ہمہ اوس ییٚس ویدانت فلسفس بنیاد چھُ بنان"

"اَکھ اگنی چھُ ییٚس واریاہن جایَن شولان چھُ۔
اَکھ سوریہ[2] چھُ ییٚس سارِنے پیٹھ پرٛزلان چھُ۔ اَکھ اوشا
چھُ یُس سہ سارِنے گاشراوان چھُ۔ سُہ ییٚس اَکھ چھُ

---

[1] اگنی (نارُک دیوتا) [2] سوریہ (آفتابُک دیوتا) [3] اوشا (صُبحُچ دیوی)

سُے چھُ ییم ساری رۄپ اِختیار کٔرِتھ۔"

(رگوید، منڈل ۸۔ سوکت ۵۸)

پرٛتھ دیوی دیوتا تہٕ فطرتُک ہر کانٛہہ چیز چھُ اَمی خالص ذاتُک ظہوٗر گنٛزراونہٕ یوان تہٕ اُپنشدَن اندر چھُ یہ خیال واضح تہٕ صاف شکل لبان۔ اَمیُک معنے چھُنہٕ زِ توحیدُک عقیدٕ آو بَتلٲوِتھ تہٕ اوت ژھننہٕ بلکہٕ توحید تہٕ ہمہ اوس دۄشوٕے عقیدٕ گَیہٕ برونٛہہ کُن یکان۔ اگرچہ زیادٕ زوردار پأٹھۍ آو ہمہ اوس بارسَس۔

## اُپنشد یا ویدانت

اَمہٕ توحید تہٕ ہمہ اوس خیالَن ہندِ پاَدٕ گژھنہٕ باوجود اوس رگ ویدُک زمانہٕ مذہبہٕ کہ رنگہٕ سیٹھا بییوٗد سادٕ تہٕ عملی (کرم مارگی) مگر ویدکال کِس ژوٚرِمِس بٲگس اندر آیہ نہٕ صرف مذہبس اندر واریاہ تبدیلی بلکہ فلسفہ تہٕ بنیادی ہیچ دارتہٕ شروٗن۔ اکہٕ طرفہ آیہ برٛہمن گرنتھ[1] لیکھنہٕ یمن منز قربٲنی ہندِن رسمن رِواجن ہِنز اہمیت بیان سپٕز۔ بییہ طرفہ لگۍ لوٗکھ عرفانکی طریقہ (گیان مارگ) ورتاوُنہٕ۔ ییم اَسی اَڈور واُنسہِ اندر وَنَن ژٕلان تہٕ روٗحٲنی مسلن پیٹھ بیہہ پھٕرِک پأٹھۍ غور فکر کران۔ چنانچہ آرنیک (وَن کِتابہٕ) تہٕ

---

[1] برٛہمن چھُ ترٛیہ معنے تھاوان (۱) خالص "ذاتِ حق" (۲) خاص کتابن ہندٕ ناو۔ اَسہِ تھوو یمن فرق سُپدنہٕ موکھ گرنتھ لفظ سیتھ (۳) پُزارِن ہنٛز ذات تھ تھوو اَسہِ گو لفظ ...

اُپنشد[1] (سرٕ کتھ) چھِ یِمہ نِشہِ وَن واَسہ فِکرن ہُند نتیجہ۔ بقولِ رادھا کرشنن تہٕ چارلس مُور "رگ ویدکۍ منتر چھِ شاعرن ہندۍ تخلیق۔ برہمن گرنتھ چھِ برہمن گورن ہندۍ تصنیف تہٕ اُپنشد چھِ فلسفہ دانن ہندۍ تجربہ تہٕ افکار[2]۔"

اُتھ دورانس منز گیہِ ژور وَرن یا ذاژ (برہمن، کھشتری، وَیش تہٕ شودٕر) تہٕ قائم یِم تہٕ اوٚت تام گٔیہ تہٕ آسہ۔ اُتھی سیتؠ گیہِ ژور آشرم[3] تہٕ بأدٕ۔ یِمن مُتعلق وَننہٕ چھِ یِوان زِ انسأنی زندگی کھأطرٕ پیٚوٚت زبردس نظام چھُنہٕ بنیہ کُنہٕ دٔریٚنٹھ یِوان۔ یِمن آشرمن ہُند فأیدٕ دژاو یہِ زِ لوٚکن میوٚل رۄحأنی مَسلن پیٹھ سونچنُک زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ موقعہ۔

آرن یک تہٕ اُپنشدو علاوہ چھِ اُتھ زمانس منز سام، یجُر تہٕ اتھر ویدکۍ کیٚنہہ خاص حِصہٕ تہٕ ژون ویدن ہندۍ شرح تصنیف سپدان۔

---

۱؎ اُپنشد۔ اُپ (نزدیک) نہٕ (پتھر) شد (بہن) یعنے گورس نِشہ پتھر بِہِتھ "راز کۍ علم" (سرٕ کتھ) حاصِل کرُن۔ ۲؎ اے سورس بُک اِن انڈین فلاسفی

۳؎ انسأنی زندگی ہیٚتھ وَری مأنِتھ چھِ تتھ ژور حِصہٕ آمتؠ کرنہٕ تہٕ تِمی حسابہ زندگی بسر کرٕنۍ چھِ سارِنی ضروٗری آسمِژ (۱) برہمچری آشرم۔ مذہبی کتابن ہُند مُطالعہ کرُن (۲) گرہست آشرم۔ گرٕ بار بساوُن (۳) وان پرستھ آشرم۔ جنگلن منز ریاضت کرٕنۍ (۴) سنیاسی آشرم جنگلو پیٹھ واپس یِتھ لوٚکن نیکی ہُنز تألیم دِنۍ۔

قریبن ۸۰۰ م،ب تام اُسی وید مُکمل سپدِمِتی تہٕ ویدن ہِندی شرح اُسی ۵۰۰ م،ب تام لیکھنہٕ آمِتی۔ آرٕن یک تہٕ اُپنشد چھ ویدن ہندِ شرحکی اٰخری حِصہٕ یِمنٕ چھ ویدانت تہٕ وَنان۔ تکیازِ یِم چھ ویدن ہندی پوٚت لگی باتھ لُب لُباب۔

اُپنشدن ہُند تیداد چھُ یِمن پاٹھی ۲۰۰ زیادٕ مگر رِواَیتی تیداد چھُ صِرف ۱۰۸۔ یِمو منزٕ تہٕ چھ ۱۰ یا ۱۲ بُنیادی اُپنشد یِمن ہُند اصل مُصنف کم چھ۔ تہٕ چھُنہٕ مولوٗم۔ البتہٕ یِمن ہندی کیٚنہہ اہم اصوٗل چھ کیٚنژن مشہوٗر ریشن مثلن اَرُونِہہ، یجناولک، بالاکی، شوتیکیتو تہٕ شندولیاہس کُن منسوب سپدان۔

اکہ حسابہٕ چھ اُپنشد ویدی درِہکی حِصہٕ، مگر بیٚیہِ حسابہٕ چھ برٛہمن گرنتھن مذہبس خلاف اکہ قسمچ فلسفیانہٕ بغاوت۔ یِمن ہندی اصوٗل چھ خیالی کم تہٕ عملی زیادٕ۔ یِم چھ اصل حقیقژن تام واتنک ذریعہ منطق بدلہٕ وَجد تہٕ حال وَنان۔ اصل مقصد چھُنہٕ یِمن ہندی کُنہِ رُوحانی مسرت یا رُت

---

[1] اہم اُپنشد چھ یِم:- اِش، کینا، کٹھ، تیتریہ، اِتریہ، چھاندوگیہ برٛہدارنیک، کوشی تکی، منڈوک، پرشن، ماندوکیہ، شویتا شترٕ تہٕ مہانارایَن۔ یِمن اندر چھ گوڈنکہ اٹھ بُدھ مت برونٹھ اٰٹھمہ یا شیٚمہ صدی ہِندی پیداوار۔

زنتم لبُن بلکہ ہہوُنی پاٹھی کرمہ کہ کاینأتی قوتوٗ یتہٕ نِشہِ نجات لبُن تہٕ اہیوُنی

پاٹھی برہمنس اندر جذب یا فنا سپُدن۔

## اُپنشدن ہُند فلسفہ

اُپنشدن ہُند موضوٗع چھُ برہمن (خالص ذات) جیوہ آتما (انسأنی رُوح) تہٕ پرکرتی (کأینات) کیٚنہہ اُپنشد چھہٕ انسأنی رُوح خودایس نِشہِ الگ زانان۔ خودا چھُ سأری سے احاطہٕ کرِتھ مگر رُح چھُ جیمس نام محدوٗد۔ خودا چھُ مقصد تہٕ رُح چھُ اتھ ژھارہ وُن۔

مگر مجموٗعی لحاظہٕ چھینہٕ اُپنشد انسأنی رُحس تہٕ برہمنس اندر فرق کران۔ بقول شری رام کرشن پرم ہنس " پابند رُح چھُ انسان تہٕ آزاد رُح چھُ برہمن رُح چھُ توتے تام پابند یوٗتام سُہ لاعلمی ہنٛزِ گنٛڈِ اندر گرفتار چھُ۔ یێلہِ اِنسان پننہٕ پانٕچ زان پأدہ چھُ کران، دُیی دوٗ گنیار چھُ وُسیہ بیوان تہٕ رُح تہٕ برہمن چھُ اکوے (برہمہ آتمہ ایکم) سپدان۔ یہ چھُ ویدانت فلسفک اعتبأری اصوٗل: " اُپنشدن ہند برہمن چھُ داخلی تہٕ خارجی تہٕ۔ ییتھ پاٹھی اکھ ہرن مُشکہ ژھاران ژھاران کوہ تہٕ بال چھُ ژھنڈان، مگر یہ چھُس نہٕ خبر زِ یُس مُشک تس پیوان چھُ، سُہ چھُ تس پانس اندر موجوٗد، تِتھے پاٹھی چھینہٕ اسہ تہٕ خبر زِ یمس برہمنس اسی ژھاران تہٕ گاران چھ، سُہ چھینہٕ کُنہ

آکاشن پیٹھ بلکہ پانہٕ اَسی اندر موجود۔ اُپنشد چھہ وَنان "سہ چھکھ ژٕہ" (تت توٗم اَسی) "بہ چھُس برہمن" (اَہم برہماسمیہ) یوت تام یہٕ انسان کٔژتام احساس تراوِہ توت تام سپدِہ یہٕ سٕہ زٕنمہ کِہ اتہٕ گتہٕ نِشہ آزاد۔ اُپنشدن ہندی کینٛہہ خیالات بوٗزِو:-

"یہٕ گژھہ زانُن زِ یتہٕ چھنہٕ کثرت۔ یُس کانٛہہ شاہ یتہٕ کثرت چھُ وُچھان سُہ چھُ زینہٕ پیٹھ مرنس تام اَنہٕ گٔٹس منٛز نٔژان"۔ (برہد ۴،۴،۱۹)

"یُس انسان تس پوزا چھُ کران یہٕ وَنان زِ "سُہ" چھُ اکھ تہٕ "بہ" چھُس بیاکھ۔ سُہ انسان چھُ عقلہٕ چھوٚن۔ (برہد ۱-۴-۱۰)

"یِمہِ پننہِ پان وُچھ، بوٗز، پتہٕ زونو تہٕ زون۔ تِمو زون یہ سوٗرُے سمسار۔ (برہد ۲-۴-۵)

"تس کمیٛت غم رُود یِمہ (رِجیہ آتمانہٕ برہمن شند) یہ کٔنہِ زون۔ تِمہِ شند دِل سپدِ زوالہٕ نِشہٕ آزاد تہٕ ساری شک شُبہ آیس چھلنہٕ"۔ (منڈک ۲-۲-۸)

"یِمہ پانٛژھ ناری پیٹھ ریچھ ریچھ تھمبرہ چھہ وہ تھان یِمے پانٛژھ دٔرایہ تس برہمنس نِشہ دیوتا۔ حیوانی رُح تہٕ ساری زوٗ ذات۔[1] (برہد ۲-۱-۲)

---

[1] یعنی تِمہِ کوٚرہ کائنات گِنہ خارجی مادہ پیٹھ مادہ بلکہ دٔراو یہ (پانٛسے برونٛہہ کنہِ)

"لہازا" سہ" یہ کینژھاہ چھُہ سہ چھُس بہ. تہ یہ کینژھاہ بہ چھُس تہ چھُہ سہ" (انزیہ ۱۱-۲-۴۶)

"کائینات بناوِتھ ژاوسہ اَتھ منز. اَتھ منز اَژتھ بنیوسہ جاندار تہ بے جان وجوُد" (تیتریہ ۱۱-۶-۱)

"سہ نوٗریُس آکاشَن ہیُور چھُہ پرژلان. دُنی یاہکین تمام چیزن دوٗر. تمام کائیناتہ دوٗر. تھدِس مُقامس پیٹھ، یمہ تھوٗد نہ بیٚیہ کانہہ مُقام چھُہ. سہ چھُہ سے نوٗریُس، بلا شک یُیتہ انسانس منز چھُہ (کوشی ۳-۸)

دراصل چھُہ ویدانت فلسفہ" واریاہس منز اَکھ" (کثرت فی التوحید) تہ" اَکس منز واریاہ" (توحید فی الکثرت) مانان. دُنی یاہہ کِس پرتھ چیزس منز چھُہ برہمن تہ برہمنس منز چھُہ پرتھ چیز. از بروٗنہہ ڈاے ساس وری چھُہ اَکھ ریوش اَدلکہ ہندس نیچِرِس شویت کیتوہس نصیحت کران.

"میانہ گوبرہ! یہ کائینات تہ سہ کُنہ ذات اُس گوڈہ آسے. تمہ خالِص کُنہ ذاتہ کُر خاہش زہ بہ بسپدہ واریاہ. بہ کرہ پننُی پان ظاہر. اَوہ موکھہ کُر تمہ حرارت (تیجس) پادہ.... یہ تمام کائینات چھُہ سُلہ تَلہ" مگے سہ چھُہ پرزر، سہ چھُہ رُوح تہ سہ چھُک ژہ" (چھاندوگیہ ۶-۲-۳)

---

سورُے کینہہ تس پانس اَندرہ. یتھہ پاٹھی ذرس چھُہ ذال اَندرے نیران.

اُپنشد چھہ برہمن تہ کائیناتُک تعلُق یتھے پیش کران.

سوان رُح چھُ اصل حقیقت۔ باقی یہ کینژھا دِرینٛھ چھُ یوان

سۆ چھُ نظرِ ہُند دوکھ (مایا) یہ خیال چھُ ییتھ پٲٹھۍ سیٹھا پڑون

مگر گو ڈنی چھُ مایا لفظ شوِتیا شوتر اُپنشد پیش کران۔ تہٕ اَتہٕ ییتھ

چھُ یہ ویدانت فلسفچ اَکھ اہم بُنیاد بنان۔

اُپنشد چھہ بعضے برہمنس بلا صورت تہٕ بلا صفت (نِرگُن

نراکار) مانان۔ تہٕ بعضے باصورت تہٕ باصفت (سگُن ساکار) گنزراوان

یہ تضاد چھُ بروٛنہہ کُن دوٛن فلسفن ہنٛز بُنیاد بنان۔ مگر اصولن

چھکنہٕ یمہ زِہ رایہ۔ یوٚت تام اُسی مایایہ ہندس زالس منٛز چھ توٚت تام

چھُ خُدایہ سُند تصوّر شخصی (سگُن ساکار) آسان۔ یمہ وِزہ اُسی یہ

حدبندی ختم رچھ کران۔ شخصی خُدا تہٕ مادی دُنیا چھُ وُسی پیوان

تہٕ برہمن چھُ غاٹر شخصی (نرگُن نراکار) سیدان تہٕ اُسی تہٕ سُہ رچھ اکوے

گژھان۔

## جنگ نامن ہُند زمانہ

جنگ نامن ہُند زمانہ (مہادو یہ

کال) چھُ ۵۰۰ م، ب پیٹھہ ۲۰۰ م، پ تام پیوان۔ اَتھ زمانس

منٛز چھُ کینژھا فلسفی تہٕ کینژھاہ غاٹر فلسفی ادب بے ترتیب صورتس

منٛز لبنہٕ پیوان۔ یہ ادب خاص کر رامائن، مہابھارت تہٕ بھگوت گیتا

چھُ وِرگہ پٲٹھۍ فلسفیانہ اصوٗل پیش کران۔ یِمن منٛز تہٕ چھُ گیتا یوسہ

مہا بھارت تٕہ اَکھ حِصہ چھُ سیٹھا اہم مقام تہٕ تھزر بجر تھاوان۔

۱۔ رامایٔن۔ یہ چھ رام چندر جی سٕنزِ زندگی ہٕنز تہٕ راونس سیتھ تٔمِنٛدِ جنگٕچ داستان۔ اَتھ چھِ اَکھ لچھ تہٕ دٕہ ساس شار یِم ستن حِصَن اندر باگرتھ چھِ۔ دوٚیمہ حِصہ پیٹھہٕ شیٚیمِس حِصَس تام چھُ رام چندر چھِرا اَکھ بہادُر انسان پیش سپدمت۔ یِم حِصہ چھِ کم از کم ۶۰۰ م۔ب والمیکی شاعرن لیٚکھمٕتۍ۔ مگر گوڈنیک تہٕ سَتِم حِصہ چھِ رام چندرس وِشنو سُند اوتار ہاوان۔ یِم زٕہ حِصہ چھِ ۲۰۰ م۔ب کٔمۍ نام بدل شاعرن لیٚکھمت اَتھ سیتۍ نُتھ کرِتھ۔ اَتھ پیٹھ چھُ یہ اوتار مانِنہٕ آمت تہٕ اَمہِ سٕنز پوزا شوٗروٗع سپٕز۔

دراصل چھُ رامایٔن تَمہِ زمانہٕ کِس ہندُستانۍ مُقامی باشندن تہٕ آرین درمیان کشمکشہِ ہٕنز داستان، یتھ اندر آرین ہُند تمدن پھالان تہٕ برونٛہہ پکان دٔرینٛٹھ چھُ یِوان۔

۲۔ مہابھارت۔ یہ چھ تاجہ تختہٕ کِس دٕہن دعویدارن (پانڈون تہٕ کورون) درمیان جنگٕچ طویل داستان۔ اَمیُک مُصنف چھُ ویاس رِیوش مانِنہٕ یِوان۔ مگر اندازہ چھُ سپدان زِ یتھ چھ وار یا ہٕن اَتھن ہُند کارنامہ۔ اَتھ چھِ اَرداہ حِصہ تہٕ اَکہ لچھ ہیٚتھۍ شار۔ عام خیال چھُ زِ اَتھ جنگس منٛز پیو ہندُستانکۍ ساری راجہ شامِل

تہٕ اُمہِ کوٗر آرین ہُند سوٗرُسے تمدّن تباہ، مگر یوٗرپی مُحقق چھہ اَکھ بھارت (مٕنز ہندُستان) تہٕ پانژٕ اَلی قومن درمیان اَکھ مُقامی جنگ مانان یُس ۱۵۰۰ تہٕ ۱۰۰۰ ام ،ب چھُ سپُدمُت۔ اگرچہ یِمن جنگن ہِنٛدی واقعات چھہ وار یاہ بُرونٛہہ سپدی متیٚ، مگر یِمن پیٚٹھ آیہ جنگ نامہٕ (رامایَن تہٕ بھارت) اَکھ زمانُس اندر لیکھنہٕ۔

چونکہ اَکھ زمانُس مٕنز اَسہِ مختلف قوم آریَن ہِندِس حلقس اندر شامِل کرنہٕ یوان۔ لہازا چھہ برہمن گورٚ پنُن مذہب تِمن مطابق کرُنیچ کوشِش کران۔ اَمہِ کھاطرٕ پیٚیہ یِمن مختلف قبیلن ہِنٛدِ عقیدہ تہٕ تالیِم تہٕ پانہٕ ناوٕنی یِتھ تِم خوش گژھن یِہنٛز سرداری مانن تہٕ آرین ہُند تمدّن ترقی کرِ۔ تِوَے چھہ نوٚو دیوتا ویدان ہِندین دیوتاہن سیتھ رَلاونہٕ آمِتۍ۔ شِو، شکتی تہٕ وِشنو چھہ زبردس اہمیت لبان تہٕ شخصی دیوتاہن (غار شخصی برہمن) پیٹھ زیادہ زور دِنہٕ یوان۔ سیتی چھہ تِمن فلسفن ہِنٛدی رجحان تہٕ شوٗروٗع سپدان۔ یِم بُرونٛہہ کُن شیٚیہ درشن نادرِ ظاہر چھہ سپدان۔

۲. بھگوت گیتا۔ یہ چھہ فلسفی کارنامہٕ آسنہٕ بدلہٕ اَکھ مذہبی کتاب تہٕ اَمیُک مُصنِّف چھُ ویاس ریوٗش مانہٕ یوان۔ یہ چھہ نصیحت یوسہٕ سری کرشن جی مہابھارت کِس جنگس مٕنز اَرجنس کران چھُ۔

کینژن عالمن ہُند خیال چھُ زِ گیتایہِ ہندِس سری کرشنس
چھُنہٕ تس کرشنس سیتھہ کانٛہہ تہٕ تولُق۔ یمِس گوکل چھِ گوٗرِ بایہِ (گوٗپی)
دِل چھِ کران تہٕ یُس پانہٕ رادھایہِ پیٹھ عاشق چھُ سپدان۔ گیتایہِ ہُند
سری کرشن چھُ اکھ فلسفی تہٕ اوتار اوسمت۔ یہِ اوس اکھ جنگ جوکھشتری
یادوٗ خاندانک سردار۔ اہندِس ماٗلِس اوس وسودیو تہٕ ماجہِ دیوکی ناو۔ اُمی
سُند زمانہٕ چھُ مہاتما بُدھس برونٛہہ پٲنٛژ ہتھ ؤری اوسمت۔ اُمی ترٲو اکھ خاص
مذہبی مُہم یاد دیتھ اندر شخصی خدایس (توحیدس) پیٹھ زبردس زور
اوس دِنہٕ آمُت۔ اُمِس شخصی خدایس اُسی یم بھگوان[1] (قابلِ پرستش)
وَنان تہٕ اُمی سے بھگوانہٕ سُند اوتار (پیغمبر[2]) اُسی سری کرشنس مانان۔

---

[1] بھگوان لفظ چھُ خدایس اَتی پیٹھ بیاکھ ناو ہیوان [2] خدایہِ سُندِ طرفہٕ
دوکن ہنٛزِ رہبری کھٲطرٕ اوتارِ سُندِ ینک عقیدٕ چھُ اُمی پیٹھ کُنہِ مت۔
اُمہٕ بروٗٹھہ اوس نہٕ یہِ ہیندی مذہبس منٛز موجود۔ اِسلامس اندر تہٕ چھُ اکھ
حدیث شریف وَکان فی الهند نبیاً اِسمهٗ کاهنا۔ ہندُستانس
منٛز تہٕ آو اکھ نبی یمِس کاہن (کہنیّا) ناو چھُ۔ اُمہٕ تلہٕ چھُ باسان زِ عربس چھُ
تمہِ زمانٕچ اندر تہٕ اُمی سُندِ وجودٕچ تہٕ تٲلیمہ ہنٛز خبر اُس مژ۔ پنڈت سُندر
لالنہٕ کتاب "گیتا اور قرآن" چھُ اتھ سلسلس منٛز پرنس لایق۔

اَمہِ مذہب کین مانن والین اُسہ بھگوت وُنان تہٕ گیتا اُس تِہُندِ مذہبی کتاب. مگر پتہٕ آو گیتا یہِ اندر ویدانت (یُہُنٛدِک خودا غار شخصے چھُ) تہٕ سانکھ یوگ وار بارٕ کینژھہ ژاننہٕ، یِمہِ ستی گیتا یہِ ہنٛز تألیم توحید تہٕ ہمہ اوس عقیدٕچ ملہ مِش بنےِ۔ اگرچہ تہٕ سٕپدِتھ تہٕ چھُ گیتایہِ منٛز توحیدس پیٹھ زور وُنِہ تہٕ نمایاں۔ یِمہِ وِزِ ۳۰۶ م، ب میگس تھنیز یونان پیٹھ ہندوستان سفیر بنِتھ یوان چھُ، تِمہِ ساعتہٕ چھُ اَمہِ مذہبک سیٹھا زور آسان۔ پتہٕ سپُد یہِ وشنو پرستی اندر جذب تہٕ سری کرشن آو وشنو سُند اوتار مانِنہٕ تہٕ گیتا آیہِ مہابھارتس ستی شأمل کرنہٕ۔

گیتا پیٹھ مختلف زبانن اندر ترجمہٕ تہٕ اَمکہِ مطالعن تہٕ ترٛوو اسلأمی تصوفس پیٹھ وار یاہ اثر۔ اَمچہِ تألیمہِ ہُنٛد لُب لُباب چھُ یہِ زِ بھگوان چھُ لازوال تہٕ لافأنی۔ انسأنی حواس ہیکن نہٕ تس احاطہ کرِتھ۔ سُہ چھُ بیک وقت ماورأیی، کایناتی تہٕ انفرادی حقیقت۔ یہِ کأینات چھُ سُہ پننہِ قوہ درتہٕ (پرکرتی) ستی پادٕ کران تہٕ سے چھُ اَمِیُک پالن ہار تہٕ گالن ہار تہٕ۔ تس تام واتنکہ ذریہ چھ علم، ریاضت تہٕ عمل، دُنیا چھُ نیکی تہٕ بدی ہُنٛد جنگہ مأدان۔ یلہِ مذہب کمزور چھُ سپدان تہٕ لامذہبی چھُ زور رٹان۔ بھگوان چھُ انسان شکلہِ اندر اوتار بنِتھ یوان۔ تہٕ بدی گالنس تہٕ نیکی قأیم کرنس اندر انسانن رہبر تہٕ مددگار بنان۔ انسأنی جسم چھُ

فانی تہٕ رُح چھُ لافانی۔ موت چھُ محض جِسمہٕ بدلی ہُند ناو۔ رُح چھُ اکھ جِسم ترٲوِتھ بیاکھ جسم اختیار کران۔ انسانس پزِہ نتیجہ نیٖنہٕ بے پرٲسیدِتھ نیکی برژھراونک پنُن فرض پوٗرہٕ کرُن۔ اَمی سٕندہ پہ شلوٗک (شاعر) چھُ مشہوٗر۔

یَلہٕ یَلہٕ نیکی ناش چھُ سپدان      بدکاری پکھہٕ پھہٲلاوان
تیٖلہٕ تیٖلہٕ زُگتس منز لے ارجنٕ      پان پنُن چھُس بہٕ نوٗن کڈان

جنگ نامن ہندس اَتھ زمانس منز یُتہٕ اَکہٕ طرفہ برہمن گرنتھی مذہب (کامٕرکہ یا ٹھہ کلہٕ مذہب) برُونہہ چھُ پکان، بیہ طرفہ چھُ چارواک، بدھ تہٕ جین مت۔ یِہنز ہنز باد ناستِک اصوٗلن پیٹھ چھُ آسان بارسس یوان تہٕ تمن پیٹھ باضابطہ کتابہٕ تصنیف سپدان۔

## سوٗترن ہُند زمانہ

مہاتما بُدھ (۵۶۳۔۴۸۳ م، ب) سُند ظہوٗر چھُ ہندُستٲنی روحٲنی فلسفس اَکس نوِس زمانس اندر داخل کران۔ اَمی سٕنزِ تالیم تہٕ فلسفہ اوس پرانین تواریخی روایتن کھنڈُن

---

لے چارواک۔ اَتھ پیٹھ چھُ برہسپتی سوٗتر (۶۰۰ م، ب) اکھ نایاب کتاب لیکھنہٕ آمٕژ۔ تتوٗپپلوٗ سمہا (۷۰۰ م، پ) چھُ اَزِچ موجوٗد اہم کتاب۔ یہ چھِنہٕ یُمہٕ دُنیاہہ ورٲے بییہ کانہہ دُنیاہ مانان۔ مادہ چھُ حقیقت باقے سورُے اَپزٕ۔ رُح چھُ دراصل جِسمس اندر عقلہٕ ناو۔ جسم چھُ مادی عناصرن ہُند نتیجہ۔

کران ۔ اَوِہ کِنہ گو ہندو مذہبس پننٕ بچاوٕ کرنٕ ضروٗری۔ یہٕ بچاو

ہیٚکہٕ ہے اُکی طریقہٕ سپدِتھ بہٕ یہٕ لِرٕ پننہٕ پرانٮ۪ن اصوٗل تہٕ عقیدٕ دوبارٕ

زندٕ کرنُک کوٗشش۔ چنانچہ گیہٕ شٔیہ فلسفہٕ، یمن درشن تہٕ شاستر

تہٕ چھہ وَنان، باگدٕ۔ یِم چھہ باضابط منطقی حسابہٕ پننٕ فلسفہ پیش کران

اَمہِ برونٛہہ اُسہ ویدو تہٕ اُپنشدو خود اَیس تہٕ کانٛہہ تَس متعلق بے جوڑ پاٹھو

خیالات پیش کرٕمٕتۍ تہٕ تِمن پیٹھ اُس الہامی (شُرتی) حاصل نتہٕ یرٕتھ

پرٕتھ سپدان۔ مگر وقتہٕ کیہٕ مخالف تنقید نگارو ہندو فلسفی پننہٕ عقیدٕ

عقلی دلیلو سیتۍ ثابت کرنس پیٹھ مجبور۔

یِم سوٗتر (فلسفہ کتابہٕ) چھہ سیٹھا مختصر۔ زیٹھ عبارت بجاے

کینژن لفظن اندر بے ادا سپزمژٕ۔ یِمہ کِنہ یِہند سمجھن، عام لوکن

ہندِ کھاتہٕ سیٹھا مشکل چھہ۔ تَوے آیہٕ یِمن پیٹھ پَتہٕ وُنہہ کنٕ شرحن پیٹھ شرح

لیکھنہٕ۔ یِم ساری سوٗتر چھہ بدھمت کِس پادٕ کرٕمتِس شک و شبہس

دوٗر کرِتھ پننہٕ عقیدٕ تہٕ اصوٗل صحی ثابت کرنُک کوٗشش کران۔ اگرچہ

یِم ساری چھہ اوِدیا (لاعلمی) مایا (ظہوٗر یا فریب) پُرش (نفس) زیو (روح)

تہٕ دوٗسیم اُپنشدی اصطلاح ورتاوان، مگر پَتہٕ ہیتھ کانٛہہ چھہ یِمن پننہٕ پننہٕ

حسابہٕ نوٚوی نوٚوی معنے دِوان۔ گویا یِم چھہ فلسفہ تہٕ اصطلاح، دوشوے

ڈنگو اکھ اَکِس نِشہٕ واریاہ مختلف۔

بہرحال ییم سوتر چھہ ۲۰۰ م ،ب پیٹھ ۳۰۰ م ،پ تام ترتیب

لبان۔ اگرچہ یمن منز تہ چھہ بقول میکس مولر ویدانت ، سانکھ تہ یوگ

واریاہ کال برونہہ تھپنہ آسان پے متھ۔ امہ حسابہ چھینہ یمن سوترن ہندی

مصنف یہندی بانی کار بلکہ شیرن ژاٹری تہ قلم بند کرن والی۔

۱۔ نیایے درشن۔ یہ فلسفہ چھہ علم کلام تہ منطق ہیچھناوان۔

دلیل دِنک تہ غور کرنک صحی طریقہ ہاوان ، یتھ زن انسان پننین کرمن

(اعمالن) سام ہیتھ ۔ یچھ کامیوننشہ پتھ ہیکہ رُوز تھ۔ امیک ترتیبہ کار

چھہ گوتم اوسمت۔

۲۔ وشیشک درشن۔ امیک ترتیبہ کار چھہ کناد (یا کشپ)

اوسمت۔ امہ فلسفہ مطابق چھہ مادہ بے ذرہ تہ ابدی ذرن

(ATOMS) ہند بنیومت۔ ییم تہ تقسیم ہیکن سپد تھ۔ یہ کائنات چھہ

یمی مادہ سیتی پادہ گومت۔ یہ اوس بنہ یادی طور خدایس متعلق

خاموش ، مگر پتہ آو امہ اندر خدایہ سُند سہ تصور ژاننہ ییس نیایے

درشنس پیش اوس کورمت۔

۳۔ سانکھ درشن۔ یہ چھہ کُنہ حدس تام شاعرن ہند فلسفہ

تہ یموے چھہ پننو تخلیقو سیتی یہ بارسس اونمت تہ امہ یاون بخشمت۔

امیک تر چھہ یہ زدُنی یا چھہ حقیقی ، یہ دُنی یادی کارخانہ یکہ ناونس اندر چھہ

ترٛیہ چیز اسم ۔ ذہانت ۔ مادہ تہٕ عمل ۔ تبدیلی چھ یوٚنی ترٛ یہ روزہ پوان ۔ یہ تبدیلی چھ ذہانت ، مادہ تہٕ عملہٕ کنہ قایم ۔ یِمَن ترٛیشوٕنی چیزَن اندر چھُ توازُن تہٕ ہِشُر لازِم ۔ مگر یہ چھُنہٕ روزِتھ ہیکان ۔ یِمہٕ کنہ نابرابری پادہ چھ سپدان ۔ اَتھ توازنس اندر فرق ببہنہٕ کِنی چھ کشمکش ، حرکت تہٕ جدوجہد قایم ۔ توازُنس اندر فرق ببہنُک بوٚڑ وجہ چھُ پُرش (رُح) تہٕ پرکرِتھ (مادہ) زندگی تہٕ زندگی ہِنٛز ساری عمل چھ اَتھی رُح تہٕ مادہ چہ عملہٕ تہٕ ردّعملہٕ پیٹھ دَرِتھ ۔ اَمہٕ فلسفُک تفسیر کار اوس کپل ۔

۴ ۔ یوگ درشن ۔ اَمیُک ترتیبہٕ کار اوس پاتن جلی ۔ یہ چھُ خدایس تام واتنُک ذٔریہ یہ یوگ مانان ۔ یوگ چھُ مختلف قسمٕچ ریاضت کرِتھ پنُن پنُن نفس رام کرنُک اَکھ طریقہٕ ۔

۵ ۔ پوروہ میمان سا ۔ یہ چھُ انسانس عملہٕ ہِنٛز وَتھ (کرم مارگ) ہاوان ۔ اَتھ اندر چھ ویدَن ہندی رسم (کرم کانڈ تہٕ یگیہ) وِہرِتھ ناوینہٕ آمِتۍ ۔ یہ فلسفہ گوٚ پوٚتس ویدانتس اندر جذب ۔ اَمیُک بانی چھُ جیمنی اوٚسمت ۔

۶ ۔ ویدانت درشن ۔ اَتھ چھُ اُتر میماسا تہٕ وَنان ۔ اَمِچ بُنیاد چھ اُپنشدَن پیٹھ تھاونہٕ آمٕژ ۔ یہ چھُ عرفانہٕ وَتھ (گیان مارگ) پیش کران ۔ اَمِچ اہم کتاب چھ بدراین سُند برہم سوتر یُس یِہ عیسائی سنہٕ کِس شوٗرُعس اندر لیکھنہٕ چھ آمٕژ ۔ یہ چھ اُپنشدن تہٕ گیتایہ مقابلہ سیٹھا

پیچیدٕ۔ مختلف عالمو چھ اَتھ شرح لیٖکھمٕژ، یِمَن اندر شنکراچاریہ سُند تفسیر شاریرک بھاشیہ سیٹھا مشہور تہٕ اہم چھُ۔

یہ چھُ ہندستانک سارِوٕے کھوتہٕ مقبوٗل تہٕ تھوٗد فلسفہٕ۔ شری رام کرشن پرم ہنس (۱۸۳۴ - ۱۸۸۶ء) سوامی وویکانند (۱۸۶۳ - ۱۹۰۲) تہٕ شری اَروبندو گھوش (۱۸۷۲ - ۱۹۵۰ء) چھ اَمہ فلسفکۍ بٔڈۍ بارٕ عالم تہٕ روٗحانی شخصیتہٕ آسمٕژٕ۔ اَز چھُ ڈاکٹر رادھا کرشنن اَمیُک ماہر تسلیم کرنہٕ یوان۔ اَمی فلسفن کوٗر اِسلامی تصوّف متأثر۔ اُپنشدن ہندۍ کینٛہہ حوالہٕ دِتھ کرٕہ اَسہِ اَمکۍ کینٛہہ خیالات برٛونٛہہ کنہِ پیش، تفصیلہ سان اَمیُک فلسفہ، عرفان تہٕ طریقت ویٛژھناوٕنۍ اوسہٕ برٛونٛہہ کُن۔

۶۔ مَنوٗ سمرتی۔ ہندٕ ین ہندٕ ین مذہبی قوٗنوٗنن اندر چھ یہ کتاب زیادٕ مشہوٗر۔ اَتھ منٛز چھِنہٕ سانہٕ مطلبچ کانٛہہ تہٕ کتھ۔ البتہ اَتھ اندر چھُ خودائی دوہ تہٕ خودائی راتُک ہِند تفصیل دِنہٕ آمُت۔ یِمیُک حاصِل ضرب یہ چھُ زٕ ژوٗرن اَربن تہٕ دوہن کرورن وَرِیَن ہُند چھُ اَکھ برہم کلپ (دوہ) آسان تہٕ ییٚژاہ زیٛٹھ چھ برہم راتھ (رات) تہٕ آسان۔

## پوتلِم پۆزایہٕ ہِند آغاز

۶۰۰ م.ب گیہ بُدھ تہٕ جین مَت پادٕ ییہندۍ بانی کار گوتم بُدھ تہٕ مہاویر سوامی رُودۍ خودایہ سُندس دوٚچھ دیس

مُتلق خاموش۔ خودایہ شُند کانٛہہ تصوٗر پیش نہٕ کرنہٕ، کِنہٕ مانٛنی پننیو پأرٕو کارٕو ہیٚمے خوداے تہٕ یِہندی پوتٕلۍ بناوِتھ آیہ تِمن پوزا کرنہٕ۔

گوڈنی آو ۱۰۰ء اندر گاندھارا (قندہار) شہرس اندر گوتم بدھ شُند اکھ پوتُل بناونہٕ۔ راجہ کنشک سِندس زمانس (۱۲۰ - ۱۶۰ء) تام ووت مُرژہٕ گری ہُند یہ فن متھرا تہٕ اُکرِ بے ہتیس وٕریس اندر لگو بنارس اندھرا تہٕ امراوتی اندر بدھ سِندی پوتٕلۍ بننہٕ۔ بدھ مت والین ہٕنٛزٕ وُچھا وُچھو ہیتھو جین مت والیو تہٕ مہابیر سِندی پوتٕلۍ بناوٕنۍ۔ ہیندین تہٕ آوٕ یِن بےٚ دریٚنٛٹھ برہمن خطرس اندر لگنہٕ۔ تِہنٛزٕ تہٕ ہیٚنٛزٕ پنٕنین دیوی دیوتاہن ہٕنٛزٕ مُرژہٕ ساسہ بَدِس نیہ دِس منٛز بناونہٕ۔ دیوتاہن ہِندِ صفات نظرِ تَل تھاوِتھ تھاوہو ہیٚرُکھ تِہنٛزٕ شکلہٕ مُقرر کرنہٕ۔ مثلن گیتایہ اندر چھُ خودایس وشوتو مُکھم (یعنی پریٚتھ طرفہٕ بُتھ وول) وننہٕ آمت۔ اکھ بیوٚٹھ آو برہما شُند ژوٗرِ طرفی ژکلہٕ پوتُل تیار کرنہٕ۔

مُرژہٕ گری تہٕ نقش گری ہِندِ لحاظٕ ووت اُمیک ہندوستانس فائدہ تہٕ، مگر روحانی لحاظ سیٹھاہ آمہ سیتھ ہندی مذہب کِین اعلا اصولن تہٕ قدرن کھنٛڈن تہٕ اکھ ہیوٚر تہٕ زوال یُن۔

بُدھ مت والین نٕشہ ہرگاہ اکہ طرفہٕ ہیندوٚ یہ غلط چیز رٕٹ۔ بیٚیہ طرفہٕ ہیچھک یِمن نٕشہ "اہنسا" تہٕ۔ اُمیک نتیجہ دراو یہ زِہ یِمن

امدر گو قمہٕ ربٲئی (ریگیہ) ہُند رسم وارٕ وارٕ ختم، اوٚت تام زٕ ماز کھینہٕ نِشہٕ تہٕ ہیوٚتکھ پرہیز ورتاوُن۔

## پرانٕ ہُند زمانہ

پرانٕ ہُند زمانہ چھُ پیٚتھ پاٹھٕ ۳۰۰ بیٚیٹھ ۶۰۰،۷ تام مُشخص سپدان۔ مگر اَمیُک آغاز چھُ اَمہ برونٹھے سپدمُت آسان، یِیہُند تیداد چھُ اَرداہ مگر وایوٗ پران، بھاگوت پران، متسیہ پران تہٕ نیل مت پران چھُ زیادہ مشہوٗر، یِمن منز چھہ دُنیہچ پیدایش دیوی دیوتاہن، رِشین، پرانین خاندانن تہٕ راجن ہِندی کارنامہ، حالات تہٕ ذاتہٕ وُبھری دِنہٕ آمٕتۍ۔

اَتھ زمانس منز چھہ ویدن تہٕ اُپنِشدن ہنز تالیم مُشراونہٕ پیوان ویدن اندر یِم دیوتا کانٛہہ خاص اہمیت چھینہٕ تھاوان۔ تِم چھہ بڈۍ دیوتا بنِتھ گژھان۔ یِم تِتہٕ بڈۍ چھہ آسان تِم چھہ پیٚتھ کُن ترٛاونہٕ پیوان۔ مثلن رگ ویدس منز چھُ وشنوٗ محض آفتابُک دیوتا، یِیمی سِندس تارِیفس اندر صرف پانٛژھ باتھ موجوٗد چھہ، مگر وۄنی چھُ سُہ وارٕ کارٕ خودا بنان۔ اندریُس قابلِ پوٗزا سارِوے کھۄتہٕ بوٚڈ دیوتا چھُ آسان، سُہ چھُ محض دیوتاہن ہُند رازٕ روزان۔ یتھے پاٹھۍ چھُ اُپنِشدن ہُند برہمن (اَنز مدغار شخصی خودا) وۄنی برہما (تُرٛ دیوتا) بنان تہٕ سُہ تہٕ چھُ برہمن سِنز بگڑے مژ صوٗرت روزان۔

وۄنی ہیم قابلِ پرستش دیوتا چھ بنان، تِم چھ برٛہما، وشنو (یا نارایَن) تہٕ شیو (مہیش یا مہادیو) ہیم چھ اَکی سے خودایہ سٕندی ترٛیہ رۄپ۔ وۄنہِ پیداوُن ہار آسنہٕ کِنہٕ چھُ برٛہما، پالَن ہار آسنہٕ کِنہٕ چھُ وشنو تہٕ گالَن ہار آسنہٕ کِنہٕ شیو۔ یِمن ہند پوتُل چھُ بعضے اَکی سے جسمس پیٹھ ترٛیہ کَلہٕ تھٲوِتھ بناونہٕ یِوان۔ یتھ "ترِمورتی" (ترٛیمورتی) وَنان چھ۔

یہ سورُے کیٛنٛہہ چھُ برہمن گورَن ہِندی دُسِہ سٕپدان، یوت تانْ پیتھ لۄکٕہ پوز اتام چھ شُوٗدر ع سٕپدان، یِمہ سہ نہ اوٗت تام کُنہ تہٕ چھ آسان۔ ہِندوستانس اندر چھُ وشنو سٕندین مانَن والین ہُند سیٹھا زورٕ تہٕ نیداد۔ اُمہِ سٕندی زٕ بٔڈی اوتار چھ رام تہٕ کرشن مانہٕ یِوان۔ یِمَن بٕتہٕ چھُ شیو سٕندین مانَن والین ہُنٛد نیداد یِوان۔

## ویدانتُکو ترٛیہ بٔڈی نظریہ

بُدھ تہٕ جین متُک زور کم کرنہٕ خاطرٕ تہٕ ہِندی مذہب زوالہٕ نشہِ بچاونہٕ کھاطرٕ سپُز یتھ پاٹھی پرانیٚن ہِندٕ زمانہٕ پیٹھے، مگر واضح پاٹھی ۶۰۰ء پیٹھ ۱۳۰۰ء تام واریاہ کوشش۔ چنانچہ اَتھ زمانس منٛز اَسی عِلمی یا عالمانہ زمانہٕ وُنِتھ۔ اَتھ اندر آیہ سوترَن ہِندی شرح، شرحَن ہِندی شرح، تہٕ تِمَن ہِنٛدی شرح لیکھنہٕ، ہندوستانکو کیٛنٛہہ بے مثال عظیم فلسفی تہٕ روحانی باکمال

اِنسان گٔیہٕ اُتھی وَقتس اندر پأدٕ. یمَن اندر چھ شنکر آچاریہ (۷۸۸ - ۸۲۰ ء) کمارل بھٹ ( ) شری دھر ( )

رامانُج (۱۱۷۸ - ۱۲۵۰) مادھو آچاریہ (۱۱۹۶ - ۱۲۷۶) رامانند

بھاسکر ( ) جَینیت ( ) وِجنان بھکشو ( )

تہٕ راگھو ناتھ ( ) تھوٚد مُقام تھاوان. یِم اکھ چھِنہٕ محض منٛزٕ

اوت یُتھ کہ پننہٕ پننہٕ خیالچ بأنی کار تہٕ. یمَن منٛز تہٕ چھ شنکر آچاریہ رامانُج

تہٕ مادھو آچاریہ ترینٛ[1] اہم نظرین ہندی بأنی، یم ویدانتس تشریح کران کران

ہموٚ پیشں چھ کرٕی میتر.

۱- اَدویت واد (اَدُوے یا ہمہ اوس) اَمیُک علم بردار چھُ شنکراچاریہ اوس مُت. چونکہ یہ فلسفہ چھُ اَمہ برٛونٹھ کنہِ تفصیلہ سان

وِستارٕ ناوُن، لہازا کرَو اَسی یتہٕ نتہٕ اَمی سُند صرف یہ اَکھ قول نقل

"اَے خودایہ! میأنی ترٕینہ گونٲہ کرِ مأپھ

میٚہ بناو تصورس اندر چأنی اَکھ شکل، حالانکہ ژٕہ

چھُکھ بلا صورت میٚہ کرٕی لفظن منٛز چأنی تأریف حالانکہ

چأنی تأریف ہیکن نہٕ سپدِتھ. مندرس اَژنہٕ ورٕ ژہ گو

یہ مُشتبہ ژٕہ چھُکھ پرٛیتھ جایہِ منٛز ہر شایہ موجود."

---

[1] اسلأمی تصوّف موجوٗب گٔیہ یِم وجوٗدی، شہوٗدی تہٕ ایجأدی (وُچھو صفحہٕ ۱۷۰ - ۱۷۱) وجوٗدی چھ دپان، ہمہ اوست (باقی صفہ پتھ)

۲- وشسشٹ ادویت واد (محدود ہمہ اوس) اُمیک بانی

چھُ راما نج اوسمت۔ اُمی سُند عقیدہ اوس زِ جاندار زیو (جسمن منز بند رُح) چھِ لازمی من بے جان مادہ تہٕ برٛہمنس نِشہٕ الگ۔ زیو، مادہ تہٕ برٛہمنس اندر یہ فرق چھُ فطری تہٕ باطنی۔ مادہ تہٕ زیو سیتی بنیومت یہ کائنات چھُ برٛہمن سِنٛزہِ وسیع پزا وہٕ شکتی ہُنٛد اکھ نتیجہ۔ چونکہ برٛہمن چھُ کائناتُک کرٛیا کار سبب (علت فاعلی) لہٰذا ہیکہ نہٕ نتیجہ (کائنات) پننہِ سببہٕ (برٛہمنس) نِشہٕ الگ اُسِتھ، یتھ پاٹھی بار نہٕ (نتیجہ) چھُ پننہِ پیترہ سببہٕ نِشہٕ بیون آسان، مگر تہٕ اُسِتھ تہٕ چھُ برٛہمن پننس "ذاتس اندری" روزان۔

مادہ تہٕ زیو چھِ برٛہمن سُند "روٗپ" تیار کران۔ یہ "روٗپ" چھِ لطیف تہٕ کثیف دوشِنی صورتن اندر وجود لبان۔ برٛہمن چھُ پننہِ لطیف "روٗپہ" سیتی کائنات بوٗد کران تہٕ پننہِ کثیف "روٗپہ" سیتی اکھ بوٗد گامتس کائناتس شکل صورت (نام روٗپ) دِوان۔ زیو چھِ مادس اندر اُزان تہٕ تتھ زندگی بخشان۔ یتھے پاٹھی چھُ برٛہمن مادس تہٕ زیوس اندر اُزان تہٕ یمن قوت تہٕ خاصیژ عطا کران۔

---

(سورُے چھُ سُے) شہودی چھِ وَنان، ہمہ اندر اوست (سورُے چھُ تس اندر) ایجادی چھِ دپان، ہمہ ازوست (سورُے چھُ تمس نِشہٕ دِژامُت) شہودی فلسفہ چھُ اسلامی تصوفس اندر شیخ رکن الدین علاؤ الدولہ (۶۸۷ھ) ینِہٕ ذریعہ آمُت

بٔرہمنس ورائے کائینات چھُ رۆحہٕ ورائے مادٕہ ہیوٗ۔ دُنیاہس اندر یہ کینژھا چھُ تہٕ چھہٕ حقیقت نہٕ وجوٗد تھاوان، تکیازِ تتھ اندر چھُ بٔرہمن ژامُت تہٕ باطنی طور تتھ رہبری تہٕ حکوٗمت کران۔ گویا رامانیج سُند عقیدٕ تہٕ چھُ ہمہ اوس، مگر یہِ حدبندی کرِتھ زِ برہمن چھُ زہ رۆپ تھاوان۔ جیوٗ تہٕ مادٕہ۔ یہِ چھُ بٔرہمنس شخصی مانان یعنے باصفت تہٕ باصوٗرت۔ اَمہِ چھُ بھکتی (ریاضت) پیٹھ زیادہ زور دِیتمُت۔ یہِ چھُنہٕ مانان زِ زیو ہیکہِ کُنہ عرفانہٕ تہٕ گیانہٕ سٟتی بٔرہمنس اندر جذب سپدِتھ، البتہٕ یہِ ہیکہِ تمہٕ حدبندی نِشہٕ آزاد سپدِتھ۔ یتھ اندر یہِ گرفتار چھُ تہٕ بٔرہمنس ہیوٗ بنِتھ۔

۳۔ دوٗیت واد (دُے) اَمیُک بانی چھُ مادھو آچاریہ۔ اَمہِ فلسفہٕ موجوب چھُنہٕ بٔرہمن غائر شخصی بلکہ شخصی تہٕ اَمی سُند دوٗیُم ناو چھُ وشنو۔ اَمِس سٟتی ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ بلا واسطہ بلکہ دایو (واوُک دیوتا) سِندِ ذٔریعہ تولُق پٲدٕہ سپدِتھ۔ یہِ تولُق ہیکہِ سخت ریاضتہٕ بے لوث عملہٕ تہٕ انسانی رُوح تہٕ خُدا الگ الگ زانِنہٕ سٟتی پٲدٕہ سپدِتھ۔ دُیہ کانژھا یہِ کرِہ سہٕ چھُ سوٚرگ چھاوان۔ خُدایس سٟتی تولُق سپدُن گوٚنہٕ تس اندر جذب سپدُن۔ تہٕ چھُنہٕ ممکن تکیازِ وۄنہٕ یٔز یوٚمُت ہیکہٕ نہٕ پننِس وۄنہٕ پٲوٕن ہارِس اندر جذب سپدِتھ۔

انسانی رُح چھُ بذاتِ خود مسرتہٕ، بوزرت، مگر جسمس سیتی وابستہٕ روزنہٕ کنہٕ تہٕ پھٹی میٖن کرمن ہندہٕ معہ کھ چھُ دوہ کھیٖن تہٕ دادین اندر مُبتلا۔ یوت تام نہٕ یہ پاک سپدہِ یہ روزہِ مختلف جسم بدلان۔ مگر خودا چھُنہٕ انسانی رٕوحن ہندہٕ کرمک غوٗلام۔ تسنٛز یژھ (مشیت) چھہ ساریٖن پیٹھ احاطہ کرِتھ۔ لہٰذا چھُ ممکنی تہنٛزہِ رحمتہٕ سیتی سپدِتھ ہیکان۔ سُہ یُس یژھ تس کرِہ آزاد، یُس نہٕ یژھ تس تھاوِہ چکرن اندر مُبتلا۔

خودا چھُ ابدی حقیقت، لہٰذا چھہ رُح تہٕ مادٕہ تہٕ ابدی۔ تکیازِہ ابدی وو ہیرٕاون ہار چھُ ابدی چیزٕ پادٕہ کران۔ مگر رُح تہٕ مادٕہ چھہ دونوے خودایہ سِندی محتاج۔ خودایُس چھُ اکھ بالا فطری رٕوپ تہٕ سُہ چھُ یتھ دُنیاہس، یُس خاب چھُنہٕ بلکہ ٹھوس حقیقت احاطہ کرِتھ تہٕ اَمہٕ پیٹھ تہٕ۔

مادھو آچاریٖن فلسفہ چھُ "پانژھ تفاوت" نادٕہ تہٕ مشہور تہٕ گوٚو (۱) خودایس تہٕ رُحس درمیان فرق (۲) خودایس تہٕ مادٕس درمیان فرق۔ (۳) رُحن پانہٕ وانی فرق، تکیازِہ کانہہ زٕہ رُح چھُنہٕ اکھی (۴) رُحس تہٕ مادٕس درمیان فرق (۵) مادی عناصرن پانہٕ وانی فرق۔

**ویدانتک زوال** ہندوستانی رٕوحانی فلسفک عروج اوس

ویدانت، سہ تہٕ ادویت واد ، اَمہٕ اورکنہِ اُس نہٕ اَتھ برونٛہہ کُنہِ پٔکھ رنیٛچ
گنجأیش، ییتھ پأٹھۍ اسلأمی تصوفس تہٕ اوٚت نیٛے وأرتتھ ٹھہراو آو۔
لیکن تہٕ اَمِسِتھ تہٕ ہرگاہ بدھ تہٕ جین مَت والین وُچھاوٕ چھہ ہیندین
اندر پیٹھ تلِہ پوٗزا شوٗرُوٗع آسیٛہ تہٕ سپیٛز مرٕ، ہندوستان آسیٛہ رُوٗحأنی
لحاظہٕ سیٛٹھا تھدٕ تہٕ اہم مقامک مالِک۔

یُتھے ہندوستانس اندر مسلمان کھوٚر چھ ژھاوان تہٕ ہیندین
چھہ ییہندِ مذہبِچ تہٕ عقیدَن ہنٛز زان گژھان۔ یِمَن اندر چھہ واریاہ
موٚحسوٗس کران زِ سأنِس مذہبس چھہ زبردٔس اصلاحُچ ضروٗرت،
مسلمانَن نِشہٕ چھہ بہم واریاہ کینٛہ ہیٛچھان، یِمہٕ برونٛہہ کالہٕ یِمَن
پانس نِشہٕ تہٕ موجوٗد آسیہ، مگر ییتھ کُنہِ آسکھ ژھاوٕ مُرٕ۔ چنانچہ واریاہ
تحریکہٕ نوٚب زُنہٕ۔ یِمَن منٛز برہم سماج تہٕ آریہ سماج زٕ بجہٕ بااثر تحریکہٕ
چھہٕ۔

۱۔ برہم سماج۔ اَمِیُک بأنی اوس راجہ رام موہن رائے
(۱۷۷۴ - ۱۸۳۳ء) یہ اوس عربی، فارسی، سنسکرت، انگریزی، اُردوٗ
یوٗنأنی تہٕ عبرأنی زبانَن ہُند ماہر۔ اَمۍ پٔرٕ پرٛیتھ مذہب چہ کتابہٕ۔ بلکہ پنٛنیٛو
گوڈنیچ کتاب یٔمیُک موضوٗع توحید اوس لیٚچھن فارسی پأٹھۍ تہٕ دیباچہ
لیوٚکھنس عربی پأٹھۍ۔ اُپنشدَن ہُند مُطالعہ کرِتھ دوٚت یہ اَتھ نتیجس

بِ خودا چھُ اکوے، یُس شکلہٕ صوٗرژٕ نِشہٕ پاک چھُ تہٕ سُے چھُ عبادتس لایق - اُمی کرُ پوتلہٕ پوٗزایہ زبردستھ مخالفت - اُمہ سماجہ چہ بنجہ نزہٕ ہستی آسہٕ ٹیگور (۱۸۰۸ - ۱۹۰۵) تہٕ کشب چندر سین (۱۸۳۸ - ۱۸۸۴ء) اخلاقی اصوٗلن تہٕ عبادت کہن طریقن ہنزہٕ کھاٗترٕ رٹ اُمی عیساٗیی مذہبچ وُتھ توٗے چھ اُتھ "بےعیسا عیساٗییت" تہٕ وَنان -

۲- آریہ سماج - اُمیُک باٗنی اوس مہرشی دیانند سرسوتی (۱۸۲۴ - ۱۸۸۳ء) اُمی تہٕ کوٗر مختلف مذہبن خاص کر قرآن تہٕ بایبل ہند سُرٗن مطالعہ - برہم سماجکی اصوٗل تہٕ کرِن سرہٕ کھرٕ - اُمی تہٕ کرٕ پوتلہٕ پوٗزایہٕ سکھ مخالفت - اکس خودایہٕ سندس عبادتس پیٹھ دِتُن زور - ذات پات موٗنُن فضوٗل تہٕ بے معنے - اُمی کوٗر ویدن ہُند مذہب دوبارٕ زِٹ دِچ کرنس پیٹھ کاٗفی زور خرچ - کمُ از کمُ ۱۹ کتابہٕ لیچھن یمن منز آدی بھاشا بھومکا تہٕ ستیارتھ پرکاش زیادہ مشہوٗر چھ - گوڈنچ کتاب چھ ژھن ویدن ہنزہٕ تفسیرچ دیباچہ تہٕ دوٚیم کتاب چھ باقے مذاہبن پیٹھ تنقید تہٕ تبصرٕ اُمی سندین مانن والین ہُند تعداد چھُ وُنی کیٚن ، کروڑ -

# فلسفہ
(ب)

**برہمن** اُدویت وادکہ فلسفہ مُطابِق چھُ حقیقتُک عرفان دوٚیہ پہلو کرنہٕ یوان۔ یِم تہٕ پانہٕ وأنی علاحدٕہ ہیکن سپدِتھ۔ اکھ گوماورائی (نرگُن) تہٕ بیاکھ گو صفأتی (سگُن)

یِمہٕ نام روٗپی یعنے ناوَن تہٕ صوٗرژن ہندِس دُنیاہَس اندر بوہسہٕ رنگہٕ کثرت آسہٕ ڈرینٹھ چھِ یوان۔ سہ چھُ حقیقت آسِتھ تہٕ بےحقیقت۔ مثلن اُسہ چھِ مختلف زیور وُچھان۔ یِم چھِ اکھ حقیقی وجود تھأوِتھ تہٕ بےحقیقت۔ تکیازِ ہرگاہ یِم گاروکھ یِہند ظأہری وجوٗد گژھ ختم، البتہ یِہند بُنیأدی کارُن سوٗن روزِ باقے۔ یہ سوٗن تہٕ چھُ حقیقت آسِتھ بےحقیقت، تکیازِ ہرگاہ اَمِکۍ جُزتہٕ الگ کڈوکھ اَمِچ ظأہری شکل تہٕ سپدِ ختم، البتہ اَمِکۍ جُز یأدی کارُن روزن باقے۔ یہوے حال چھُ باقے تمام نام روٗپی وجوٗدَن ہُند تہٕ۔ پتہٕ یِتھ چیرِ ہک جُز یأدی کارُن کڈان کڈان واتہٕ آخر اکھ سہ۔ مرحلہ تہٕ یُتھ زَن صرف اکھ سہ آخری کارُن باقے روزِ یُس نہٕ بنیہ کُنہِ تہٕ کارِ (نتیجہ) آسہِ بلکہ آسہِ پانہٕ پننُے کارُن۔ یہ آخری کارُن یا کارنَن ہُند کارُن چھُ اصل حقیقت تہٕ اَتھ چھِ "ادوٗے خالص ذات" یا برہمن وَنان۔ اَمی

خالِص ذاتھ زان گوٚ عرفانِ حق۔

یہ برہمن چھُ اَدٕ سے خالِص ذات تہٕ اَتھ تام ہیکَن نہٕ سانِہن حواسن ہندی پادٕ کرِتھ خیال واتِتھ۔ اَوٕ سے کِنہ ہیکہ نہٕ اَتھ کُنہ قِسمُک صِفت، تعلُق یا نسبت منسوب سپدِتھ۔ یہ ذات چھُ زمانہ مکانہٕ تہٕ کارنہٕ نِشہٕ پاک۔ اگرچہ اَمہ وراے ہیکہ نہٕ زمانُک، مکانُک تہٕ کاینانُک تصوّر سپدِتھ۔ تِکیازِ یِم ترٛیشوے چھِ کُنہ کارنکی کارے تہٕ یہ کارن چھُ یتہٕ لاگَن یہ ذات پانہٕ۔ اَتھ سیتہٕ کُنہ قسمُک تعلُق نہ سپدنہٕ کِنہ ہیکہ نہ اَتھ کُن اِنسانی دُعا تہٕ پۄزا تہٕ سپدِتھ۔

یہ برٛہمن چھُ بلا شکل تہٕ بلا صِفت "خالِص شعوٗر" (وِدیا) اَدٕ کِنہ چھُ روٗحانی آنند تہٕ، تِکیازِ آنند ہیکہ نہٕ شعوٗرہ وراے ممکن سپدِتھ۔ یہ آنند چھُ تمہ آنندٕ نِشہٕ بلکُل مختلف یُس حواسن ہندٕ ذٔرِیہ یہ اِنسان موٚحسوٗس ہیکان چھُ کٔرِتھ۔ برٛہمن سُند یہوے ماورائی پہلو چھُ یتھ "ٹھۄز حقیقت" تہٕ چھِ وَنان۔

اگرچہ یہ نِرگُن برٛہمن یا خالِص ذات ہیکہ نہٕ عناصِرو سیتہٕ موٚحسوٗس سپدِتھ، اَتھ ہیکہ نہٕ محدوٗد شعوٗر کُنہ اَنِتھ۔ اَتھ چھِ سارِی قیاس تہٕ بیان رٔے گژھان، اَتھ چھُنہٕ آغاز تہٕ انجام تِکیازِ یہ چھُ اَبد مگر تمِیُک معنے گوٚ نہٕ زِ یہ چھُ محض "شۄنٛیہ" (عدمِ محض) یا فلسفیانہ

تجرید۔ سُہ گیاو اگر اَمیُک وجوُد تسلیم سپدِہ ہے نہ۔ یلہِ یہ آخری کاژن مانیہٕ آو، اَمیُک شُنیہ آسُن گوٚ ختم۔

## آتمن

ہرگاہ یہ اَدُے خالِص ذاتِ انسانی جِسمہٕ نظامہٕ کِنہ پنُن "سرُوپ" (جلوہ) انسانن پیٹھ آشکار کرِہے نہٕ۔ اَمِچ اصل حقیقت ہیکہٕ ہے نہٕ کانٛہہ تہٕ ذانِتھ، مگر اَمی کوٚر یتھہٕ تام روٗپی دُنیاہس اندر مرحلہ پتہٕ مرحلہٕ تہٕ درجہ پتہٕ درجہ مختلف جِسمہٕ نظامَن ہنٛدِہ ذریعہ پنُن سرُوپ ظاہر تہٕ یتھہٕ پاٹھی لَب اَمی اَکھ صفاتی شکل۔ اَہندِس اَتھ روٗپَس چھہٕ آتمن وَنان تہٕ یہ چھُ "وُسعتھ حقیقت"

یہ آتمن چھنہٕ بیاکھ کانٛہہ تہٕ بلکہ چھُ یہ برٛہمن۔ یعنی نِرگُن آتمن گوٚ برٛہمن تہٕ سگُن برٛہمن گوٚ آتمن۔ ذات کہ لحاظہٕ ہیوٚس برٛہمن تہٕ ظہوٗری لحاظہٕ ہیوٚس آتمن ناو۔ یہ آتمن چھُ غائر فانی۔ ہمیشہ خالِص ہمیشہ آزاد، ہمیشہ مُنوّر تہٕ برٛہمنس سیتی گُنُے۔ اَتھ چھنہٕ بعہ چھہٕ تہٕ ژریش، دعہ کھ تہٕ سعہ کھ۔ زیوٚن تہٕ مرُن تہٕ دوٚیُم تضاد اثر کران۔

آتمن گوٚ انسانہٕ سُند سُہ شعوٗر یُس بیداری ہنٛدِس حالتَس منٛز کثیف چیز وُچھتھ چھُ ہیکان خابہٕ کِس حالتَس منٛز لطیف چیز تجربہٕ چھُ ہیکان کرِتھ تہٕ یُس خفتہٕ نِندرِہ (بے خاب نِندرِہ) منٛز سُہ روٗحانی مہا آنند چھُ لبان، یُس ظاہری تہٕ باطنی دُیی ختم

گژھِتھ حاصِل چھُ سپدان۔

یُیلہِ اُسہِ عناصری دُنیا حقیقی چھِن مانان، اُسہِ بُروٚنٛہہ کنِ چھُ باصفات، باتعلُق تہٕ بانسبت آتمن پیوان۔ یُس اُمہِ عناصری دُنیہِک ووٚپزاوُن ہار، پالن ہار تہٕ گالن ہار چھُ۔ اَتھہٕ بجایہِ یُیلہِ عناصری دُنیہِک ووجوٗد نظرِ پیٹھٕ ڈلان، اُسہِ چھِ اَکِس بلاصفت، بلاتعلُق تہٕ بلانسبت برہمن سُند تصوُّر کران، یُس نہٕ ووٚپزاوُن ہار چھُ نہٕ پالن ہار تہٕ نہٕ گالن ہار۔ تتہٕ چھِ ییم ساری چیز وُسی پیوان تہٕ صرف "تہٕ" روزان۔

یہِ آتمن چھُ سون "اَندرِی شعوٗر" (اَنتر آتمن) سانہِ احساسُک اصل ذٔری یہِ تہٕ اُسہِ اندر زانہٕ ووٚن کرِیاکار[1]۔ چونکہ انسانس چھُ ہمیشہ وادِین دوٚکھَن تہٕ اَلاین بلاین منٛز اَکِس نِگاہ دارِس ضرورت پیوان۔ یس کُنُن تِمہِ دُعا کران۔ لہازا چھُ انسانٕنہِ ہِنٛز یہِ خاہش پوٗرہ کرنہٕ کھاطرٕ برہمن صفاتی رنٛگس اندر شخصی خودایہِ سُند روٗپ اختیار کران، یُتھ سہٕ انسانہٕ سِندِس فہمس اندر پیہِ تہٕ یہِ روٗپ چھُ آتمن، اَتھ چھِ پرماتما تہٕ ایشور تہٕ وَنان۔

برہمن سُند صفاتی روٗپ آسنہٕ کِنہ چھُنہٕ ایشور تہٕ اصل حقیقت بلکہ یِمہِ کارٕ کاریہ کایناتُک اَکھ حِصہ۔ یہِ چھُ توٚنت نام

[1] کرِیہ کار (فاعِل) یہِ چھُ کوشُر اصطلاح۔

حقیقی یوت تام یہ کائینات ڈۄینٛتھ چھُ یوان۔ یێلہٕ انسان تام رۄپی حد بندی ژٕٹتھ نیرِ یہ شخصی خۄداے چھُ وُسی ہیوان تہٕ پتہٕ کنٛ چھُ " اُدٕے خالص ذات" روزان۔

یہ آتمن چھُ تمام دیوتاہن ہنٛد دیوتا، کائیناتک حکمران تہٕ سۄ قوتوان (رِتم)۔ یمہٕ سیتہٕ تمام پادایشہٕ ہنٛد جسمانی تہٕ اخلاقی نظام چھُ چلان۔ یہ چھُ پرٕہتھ چیزس ڈٕنجہٕ بھاوان۔ یُتھپہٕ کائیناتی عمل افزانغری ہنٛد شکار سپدِ۔ یہ چھُ باطنی طور تمام زٕۄ ژاٹرن رہبری کران، تمن اندر روزان تہٕ تہٕ اُسِتھ تہٕ تمن نِشہٕ الگ آسان۔ اُمی آتمن اندرٕ چھہٕ ساری نیران، اُمی سیتہٕ چھہٕ دٔرِتھ رۄزِتھ تہٕ اُتھی اندر چھ پتولاکن جذب گژھان۔

**زیو آتما** یتھ باطنی آتمن چھُ دراصل برہمن سنٛد صفائی ظھور۔ یتھے باطنی چھہٕ برہمن سنٛدی بیبہٕ تہٕ بے شمار صفائی ظھور، یمن زیو (انسانی رُح) چھہٕ وَنان۔ تہٕ گۄیہ زہ انسانی جسم چھُ لطیف تہٕ کثیف عنامرو سیتہٕ بنان۔ اَتھ جسمس اندر "یُس" روزان چھُ تتھی چھہٕ عنامری آتمن (یا جیو آتما) وَنان۔ برٕہمن سنٛدی ظھور آسنہٕ کنہِ چھُنہٕ پرماتمس تہٕ زیوس اندر کانٛہہ تہٕ فرق۔ دۄہ نوٕے چھہٕ صفائی تہٕ غار حقیقی (اَست) دۄہ نوٕنی ہنٛد کارن چھُ برٕہمن۔ مگر تہٕ اُسِتھ تہٕ چھُ دۄہ نوٕنی

ظٲہِرٕ ن درمیان زمین آسمانٕچ فرق۔ پرماتما چھُ کائیناتس پیٹھ قوٗ بوٗ حاصِل کران تہٕ اَمیک وۄپرٲوُن ہار، پالَن ہار تہٕ گالَن ہار بَنان۔ اَمہِ برعکس چھُ زیٖو جانا وارِ سِندِ پأٹھۍ کائینات کِس رٔٹھس اندر نظر بند۔ جِسمٕس سیتۍ وابستہٕ روزنہٕ کِنۍ چھُ رنگا رنگ تضادَن ہُند شکار۔ یِمو عضاۓ جِرو سیتۍ یہ ہنیومُت چھُ تِم چھینہٕ پننہٕ کارکردگی اندر آزاد۔ یہ چھُ خارجی کائیناتکِس قوٗبوٗ ہس منز، یِیمہٕ اَمہِ حواسَن تہٕ اعصابَن ہُند نظام عطا چھُ کورمُت۔ یہ خارجی ماحول یُس اَمِس حرکتس اندر چھُ اَنان، چھینہٕ حقیقی۔ اَمہِ چھینہٕ کانہہ شعور لبِہ دِ تہٕ مقصد بلکہ محض مشینی اندازس منز کٲم کران۔ گۄیا زیٖو چھُ ترغیبَن ہُند غلام۔ یِم اَمِس نَستہٕ رٔز کرِتھ تورکُن نوان چھِ یورکُن تِم زِنش، یِتھ پأٹھۍ چھینہٕ یِہِ زیٖو آتما پننہٕ زندگی ہُند مقصد پانہٕ مُقرر کرنَس اندر آزاد۔

مگر انسانہٕ سِندِس جِسمَس اندر چھِ شانہٕ بشانہٕ زٕ آتما روزان۔ اَکھ گۄ یہ زیٖو آتما تہٕ بیاکھ گوٚ آتمن۔ یِم دۄنوۓ چھِ بقول منڈوک اپنشد "ہِشی پکھ کرِتھ زٕ جانا وار۔ اَکھ اَکی سِندِ اڈجِین دوس۔ اَکھ چھِ لَنجہِ پیٹھ بیہِتھ۔ اَکھ چھُ میوٕ کھیوان تہٕ بیاکھ چھُ محض کریشان۔" یہ آتمن چھُ زیٖو آتماہس" اندرِ ہ آتمن" بَنِتھ موجوٗد۔ یہ چھُ لامحدوٗد پرزر، حُسن تہٕ نیکی ہُند مقصد بَنِتھ اَمہِ جلوٕ دِوان۔

اِنسانہٕ سِندِہ جِسمہٕ نظامکو تمام عناصر چھِ اَمی اَندری آتمن کہ مقصدُک احساس کرنہٕ کھاطرٕ یکہٕ وٕٹہٕ سرگرم روزان۔ قوٕرے چھُنہٕ زِیوٕ آتماہس کُنہٕ عِلمہٕ، تلاشہٕ تہٕ مقصدہٕ نِشہٕ اطمینان سپدان بلکہ چھُ تھدِہ کھوتہٕ تھدِس مقصدس کُن ریشہٕ وُن روزان۔

یہ بوڈ تہٕ تھوٚد مقصد چھُ پانہٕ آتمن یُس زِیوٕ آتماہُک اصل فطرت تہٕ پُشس پناہ چھُ۔ تہٕ یہوے چھُ سُہ شودھ بودھ تہٕ مقصد تھاوُن وول ذری یہ یُس زِیوٕ آتماہس سرگرم چھُ تھاوان تہٕ پننِس مقصدس کُن رہبری کران۔ یَمہٕ وِزِہ زِیوٕ آتماہس آتمنس اندر جذب سپدنُک مقصد پوٗرہٕ چھُ سپدان۔ اَمو سٕنزٕ سارے خواہشہ، سارٕی تلاش چھِ اندواتان تہٕ یہ چھُ مہا آنند لبان۔

**کائینات** یَمہٕ وِزِہ اَسہِ مختلف زیور چھِ وُچھان۔ اَسہِ چھِ تِمن حقیقت زانان، حالانکہ تِمن چھُنہٕ پنُن کانٛہہ تہٕ وجوٗد۔ تِم چھِ بلکُل بے حقیقت تِکیازِ تِہنٛز حقیقت چھِ سوٚن۔ اَسہِ چھِ سہٕ راب وُچھِتھ تتھ ٹھٕیس پٲنٛز زانِتھ آب زانان، مگر سُہ چھُ محض سیکہٕ ہیُن نتیجہ۔ یتھے پٲٹھۍ چھُ یہ کائینات تہٕ اَمِیُک ہر کانٛہہ چیز بے حقیقت تہٕ اصل پٲنٛز چھُ برٛہمن یُس اَمِیُک اُخری کارن چھُ۔ گویا یہ سورُے کائینات چھُنہٕ کنٛہی بلکہ چھُ یہ برٛہمن یعنے برٛہمنس الگ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ کائینات موجوٗد۔

بَرٛہمنس مُتلق ہیکہٕ نہٕ کُنہٕ تہٕ حقیقی تبدیلی تہٕ تغأرُک تصوّر بے
سپدِتھ۔ تکیازِ پرٛیتھ تبدیلی چھُ کارن یِژھان، یتھ پأٹھۍ زیورن
چھُ تیٚلی تبدیلی پیوان یُلہٕ تِہُند کارن سون چھُ۔ چونکہ برٛہمن چھُ تمام
کارنَن ہُند کارن۔ لہازا چھُ یہ تبدیلی روٚس۔ یُلہٕ نہٕ اَتھ تبدیلی آیہٕ
پأدایشہٕ ہُند سوال تہٕ گوٚ بانےٚ ختم۔ اَسہِ ہیکوٚ نہٕ وٕنِتھ زِ برٛہمنس
آیہٕ تبدیلی تہٕ کأینات گوٚ کیا ہتام الگ چیز، پأدٕ۔

دراصل ہیکہٕ نہٕ برٛہمنس تہٕ کأیناتس درمیان باہمی تعلق
ژھٕنِتھ تہٕ حل سپدِتھ۔ تکیازِ اَتھ اندر چھِ گوڈنی انسأنی شعور رچ
بناوٹ، یُس ییٚتھ اضأفی دُنیاہس اندر بے یوت کام چھُ کران تہٕ
رُکاوٹ بنان۔ انسأنی شعور چھُ زیور یا سون یا سونہٕ کھ چیز یا بوڈ
بڈیم تِہنٛدَن چیزن ہِند کرُنز۔ یِمہٕ اضأفی حالژوٚ منزٕ نیرِتھ یُلہٕ نہٕ انسأنی
شعور کأمے کرِ، سُہ کیٚتھ پأٹھۍ ہیکہٕ زیورن تہٕ اَکس لا انتہا کارنس
درمیان تعلق وٕنِتھ ناوِتھ۔ دوٚیِم کتھ چھِ یہ زِ کانٛہہ شخص ہیکہٕ تیٚلی
دوٚن چیزن درمیان تعلق سَرِ کٔرِتھ کرِتھ یُلہٕ تِم دوٚنٕوے پنٕنۍ پنٕنۍ
وجوٗد آسن تھاوان۔ مگر خألِص ذات تہٕ نام روٗپی کأینات چھِنہٕ بییک
وقت دوٚنٕوے ڈرینٛٹھ پوان۔ ہرگاہ صفأتی حسابہٕ کأینات وُچھون ي
برٛہمن بییہٕ تہٕ نظرِ تکیازِ سُہ چھُ ماورأیی وجوٗد۔ وودنی ہرگاہ ماورأ

حسابہٕ برٛہمن نمون، یہ کائنات چھُ غائب سپدان اکیازہٕ یہٕ چھُ صفاتی
وجوٗد۔ لہٰذا ہیکہٕ نہٕ دۄن درمیان صحی تعلُق بیان سپد تھ۔ زیادٕہ کھوتہٕ
زیادہٕ ہیکو اسہ یہ ونِتھ زِ کائنات تہٕ برٛہمن چھِنہٕ زہٕ حقیقژ بلکہ
اکے کائنات چھُ برٛہمن تہٕ برٛہمن چھُ کائنات۔

**پیدایش چھُ ابدی**

اسہِ وُچھ زِ برٛہمن چھُ بیک وقت ماورائی
تہٕ تہٕ صفاتی تہٕ۔ صفاتی پہلو کنہٕ چھُ دُنیاہس اندر مختلف نام رۄپی حالژن
اندر ظاہر سپدان۔ تہٕ ماورائی پہلو کنہٕ چھُ یہمن ظہوٗرن پتہٕ لامحدود
تہٕ لازوال کارن اسِتھ موجوٗد۔ گویا برٛہمن چھُ دُنیہُک مادی (اُپادان)
کارن تہٕ، تہٕ کرٛیا کاریا موثر (نمت) کارن تہٕ۔ دُنیا تہٕ محدوٗد افراد (زیوہ
آتما) چھِہ برٛہمن سِندی زہٕ رۄپ (پرٛکرتی) تہٕ یِم چھِہ ابدی بٔکیازہ
یوت تام نہٕ یِم عناصر یمن برٛہمن (آتمن صورژ اندر) کنٹرول چھُ کران
ابدی آسن۔ برٛہمن یُس دُنیہس تہٕ روٗحن کنٹرول کرن وول چھُ بنہٕ پانہٕ
غأر ابدی۔ امہٕ سیتی سپدہٕ اہنٛز برٛہمن گری (الوٗہیت) ختم۔ دۄیمہن
لفظن اندر چھِہ مادہ رُح نہٕ برٛہمن ترٛہنوٕے ابدی۔ اَتھ حدس تام زِ برٛہمن
سٕنٛز تخلیقی عمل تہٕ چھِہ ابدی یعنی "پیدائشہٕ ہند خیال تہٕ پرٛیتھ کُنہٕ چیزکہ
وجوٗدُک بالُن چھُ برٛہمنس اندر ابدی۔" لہٰذا چھِہ پیدائش مسلسل طور
سپدان تہٕ وُنی کین تہٕ چھِہ جأری۔ پیدائش چھِنہٕ ویدانت مطابق نتیجہ

کانْہہ زمانک واقعہ یُس اَکِہ لٔنٛڑ سَپُد تہٕ سَپَد، بلکہ چھہ اَکھ ابدی عمل اَمیُک مقصد نہ سُپُد بند نہ ووت اَند۔

**بۄد تہٕ نابۄد** مگر اَمہ باوجود چھُ ویدن اندر پیدایشہ برونٛہم حالت مختلف رنگہ بیان کرنہٕ آمٕژ۔ اَتھ متعلق کینٛہہ وَننہٕ برونٛہہ چھہ دۄن نوٕ کتن ہُنز وضاحت کرٕنی ضروری۔ اَکھ گوٚ بۄد (ست) بیاکھ گوٚ نابۄد (است) برہمن چھُ بۄد یعنے تمام خصوصی حدبندی یا صفات الگ کڈِتھ یہ پٮ۪تھ کُن روزہ۔ لہٰذا ہیکون نہٕ اَسی یہ بۄد دُنیاہکین چیزن ہندِس بۄد آسنس ہیٖو تصور کٔرِتھ۔ تکیازہ دُنیاہکین چیزن چھہ حدبندی لٲر۔ برہمنس چھنہٕ اَمہ بۄد علاوہ کانْہہ تہٕ خاصیت۔ یہ چھُ خالص "برٕ" یمیہ کُنہ مزید حدبندی تہٕ تعریف ورأے۔ یہ بۄد (یا "برٕ") ہیکہ نہٕ اَمہ نِشہٕ الگ گژھت تکیازہ تیلہ روزہ نہٕ یہ کینٛہہ۔ یہ بنہٕ خالص کینٛہہ نہٕ (عدم محض) تہٕ اَتھ راوہ پننہ ساریے خاصیت۔

سوال چھُ وۄتھان زِ ییلہ کُنہ چیزہ نِشہٕ تمام حدبندی الگ کڈو۔ تمیُک وجود روزی نہٕ کُنہ۔ سہ سپدہ نابۄد۔ مگر برہمن چھُ کارن۔ لہٰذا ہیکوٚ نہ وٕنِتھ یہ چھُ نابۄد۔ اُتھ چھُنہٕ کانْہہ تہٕ چیز حدبندی کران۔ بلکہ تمام حدبندی چھہ اَمی اندرٕ نیران۔ یہ چھُ کاینات کارن تہٕ کاینات چھہ اَمی اَندرٕ نیران۔ پانٛژہ گژھنہٕ برونٛہہ اوس کارے

کارنٕس اندر موجوٗد ۔ یہ حدبندی اَٚس تمام بوٗدس اندر پوٗشیدٕ لہٰذا چھُہ نابوٗد آسنُک مطلب محض حدبندی موجوٗد نہ آسٕنۍ۔ گویا بوٗد تہٕ نابوٗد اَٚسۍ اَتھ صوٗرژ اندر کُنۍ۔ امتیازٕ روٗس چونکہ بوٗدن ڈیٖٹھ نابوٗدس زٕنُم۔ لہٰذا اوس نابوٗد بوٗدس اندر موجوٗد۔

## پیدأیشہ بڑوٕنِٹھم حالت

ویدَن اندر چھہ پیدأیشہٕ بڑوٕنِٹھم حالت (پرٲگ او سَتھا) مختلف رنگہ بیان سپٕز مژ۔ یعنے سۅ حالت یُلہٕ نہٕ وُنہٕ کانہہ تہٕ تبدیلی، کانہہ تہٕ ظہوٗر پأدہ اوس سپُدمُت، بلکہ اوس ڈرٕنِٹھ ریٖنٕس تیار تہٕ برٕہمن اوس وُنہٕ گُنیٗ، دوٚیمہٕ وراۓ۔ اَتھ بظأہرتٕن تنہا وجوٗدس چھہ یعنے اَکِس تتھِس انسانٕس سیٚتۍ مشابہت دِنہٕ یوان۔ یُس خابہٕ روٗس خوٗفتہٕ نِندرِہ (سُشُپتا بسھتا) منز آسہِ، یُلہِ زٕن اُمی سٕنٛز تمام حالژ تہٕ عملہ ختم چھہ سپدان تہٕ یہ چھُ گویا گُنیٗ روزان۔ خارِلص ذات۔

یہٕ حالت بیان کرنُک مقصد چھُ صرف بٕرٕہمن سُند حقیقی غأر متأثر سروٗپ ظأہر کرُن یُس یتھ دُنیہِس پُٹھس پناہ (کارن) چھُ۔ یعنے مقصد چھُنہٕ پیدأیشہٕ ہٕنٛز کانٛہہ حقیقی عمل بیان کرٕنۍ زِ سۅ کِتھہٕ پأٹھۍ تہٕ کیا سپٕز بلکہ صرف یُتے زِ برٕہمن چھُ وجوٗد تھاوان تہٕ سُہ چھُ تمام پیدأیشہٕ ہُنٛد اصل کارن۔ انسانہٕ سٕنٛزِ پأدایشہٕ مُتعلق

چھ بڑیہد اَپنٕنٛ رونان۔

" ابتداہس اندر اوس یہ کائینات آتمن۔ اَکس پُرش سُنٛزِ شکلہِ اندر تن تنہا۔ اَندٕ رٕ پکٔ نظراہ کرِتھ وُچھنہٕ اَمہٕ پانٔس ورأے بیٛیہ کینٛہہ تہٕ۔ اَمہٕ ووٚن " بہٕ چھُس " لہازا دراو " بہٕ " ( اَہم ) ناو۔ سُہ کھوٗژ اَمہٕ اَکہِ سوٗنٛچ پانٔس سٟتۍ میٛیہ ورأے چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ، بہٕ کٔمِس چھُس کھوژان؟ " لہازا ژوٗل اَمس کھوژُن، ہکیازِ سُہ کٔس کھوژِہ ہے۔ کھوژُن چھُ دوٗیمہ سُنٛد نتیجہ آسان۔ بے شک اوس نہٕ سُہ خوش تمہِ پٔتھ سائتی۔ سُہ چھُہ لیدہٕ اَکس مردس تہٕ زنانہِ اوتا۔ یمہ نالہِ موٚت آسن کرِتھ۔ تمہٕ کٔرٕ اَکھ جسمس زِہ باگ تہٕ مرد تہٕ زنانہِ گٔیہِ پٲدٕ۔ سُہ سُنٛد تٔس وأچِھل۔ یتھٕ پأٹھۍ گٔیہِ اِنسان پٲدٕ۔ تٔس اُس بلا شک خبر بہٕ پٲداِیش چھُس بہٕ، ہکیازِ میٛیہ کٔرٕ یمہ ہیٚنٛہِ پانہِ اندرٕ پٲدٕ۔"[1]

[1] بیان چھُ زیٛادٕ ٹھ تہٕ تمام زٕ ذأژن متلق تہٕ۔ مگر میٛیہ کوٚر یہ موٗختصر۔ بروٗنٛہٹھ کُن چھُ ونان زِ تمہٕ سُنٛد من چھُ تمہٕ سُنٛد جسم، تمہٕ سُنٛز آواز چھِ تسنٛز زنان۔ تسنٛد شُہ چھُ تسنٛد شیچُو ۔۔۔ یہ چھُ ہاوان زِ اَکھ سأرۍ بے چھُ زٕ حالی سپنے۔

یتھے کٔنہ چھُ چھاندوگیہ اُپنشدس منٛز بیان سپدمُت:۔

"برٛہمن چھُ آفتاب۔ ابتداہس اندر اوس یہ
کائنات نابوٗد۔ برٛہمن اوس بوٗد۔ یہ پھولیوو۔ یہ
بنیوو اکھ ٹھوٗل۔ یہ روٗد اکِس وریِس یتھے
پأٹھۍ۔ اَتھ سپٕز زِہ کھنٛجہِ اَکھ کھنڈ بنیہ یہ چانٛدٕر
بیاکھ بنیہ یہ سوٗن۔ چاندرِ ہندِس حصٕس بنیہ یہ
زمین۔ سوٗنٕرِس بنیوو آکاش۔ نیٚبرِمہِ کنجہِ بنیہ یہ
پہاڑ۔ اَندرِمہِ زِلہِ بنیوو اَوبُر۔ رگن بنیہ یہ دریاو
ژھٕرِس بنیہ یہ سمندر۔ اَمہِ ٹھوٗلہٕ اندرٕ یہ ڈراو
سُہ چھُ آفتاب[1]۔"

یتھے پأٹھۍ چھ پیدائشہِ متعلق بیٚیہِ تہِ بیان موجوٗد۔ یِمن اندر چھُنہٕ پانٕہٕ وأنۍ تضاد۔ یکیازِ یِم چھ مختلف مثالہٕ۔ یِمن استعارٕ دار بیانن ہُنٛد مقصد چھُ صرف یہ باوُن زِ نام روٗپی کائنات چھُنہٕ خود بذات موجوٗد بلکہ چھُ یہ برٛہمنس اندرٕ ڈرامُت تہٕ سُہ چھُ پننہِ اَتھ پأدایشہِ منٛز کُنہ قسیم

---

[1] پی گو "ہیرنیہ گربھ" شوٗروٗع چھُ برٛہمن سُنٛد آفتاب آسُن، توٚرِ پتہٕ کائناتی ٹھوٗل بنُن، تہٕ ٹھوٗلہٕ اندرٕ بیٚیہِ سُے آفتاب یا برٛہمن نیرُن۔ یعنے کائنات چھُنہٕ برٛہمنس وراے بیٚیہ کینٛہہ تہٕ۔

حِصہ بندی گژھنہٕ ورأے پۄرٕ پۄر موجوٗد ۔

پیدأیشہِ مُتلق اُپنشدَن ہندین مختلف بیانَن ہُند تہٕ چھُ پیٚنیران
زٕ پأدایشہِ ہندی مرحلہ چھہ وِہیٹھ پۄٹھ پأٹھو ترتیبہ :- (۱) اَکُے خالِص
ذات یُس "برہم" چھُ آسان (۲) لطیف ظہوٗرَن ہند وجوٗد ۔ (۳) کثیف
وجوٗدن ہُند ظہوٗر ۔

**مایا** پأدایشہِ ہنزِ یہ ویٚرٕ ژھنے سمجنہٕ کھأترٕ چھُ مایایہِ مُتلق تہٕ کیٚنٛہہ
زانُن اشد ضروٗری ۔ مۄختصر پأٹھو وَنو اَسہ زہ یتھ ظہوٗری با نام رُوٗپی
دُنیہس یِمہٕ ورٕزٕ اَدویت واد مایا چھِ وَنان ۔ اَمیُک معنے چھُنہٕ زِ یہ دُنیا
کیا چھُ سوٗرُے مایامے (بُرم تہٕ فریب محض) یمیُک نہٕ کانٛہہ وجوٗدُے
چھُ ۔ یہ چھُنہٕ کانٛہہ نٕہوٗنی تصوٗرُے تکیہ زہ اَمہ فلسفک عقیدٕ چھُ زِ
یہ کیٚنٛژھا بوٗدٕ مۄنزٕ دِزاو سہ چھُنہٕ نابوٗد ۔ نابوٗد ہیٚکی نہٕ حقیقی بوٗدٕ مۄنزٕ
نیرِتھ ۔ چوٗنکہ اَسی ہیٚکو نہٕ کارِ ورأے کارِس مُتلق سوٗنچِتھ ،
کأیناتہٕ ورأے برہمنس مُتلق تصوٗر کرِتھ ، لہٰذا چھُ یہ نام رُوٗپی دُنیا
تہٕ حقیقت ۔ یوٗت تام مختلف زیور وِزیٚتھ چھہ یوان ، تۄوت تام چھِ تِمن
اَکھ وجوٗد تہٕ تِم چھِ حقیقت ۔ اَتھ ہیٚکہ نہٕ اِنکار سپدِتھ ۔ مۄن زہ تِم چھِ
بدلوٗنی تہٕ پیٚتھے پأٹھو چھُ یہ کأینات تہٕ تغیراتَن ہُند شِکار ، مگر نہٕ اَسیتھ
تہٕ نہٕ چھُ زیورَن ہُند وجوٗد دیمأغی اختراع تہٕ نہٕ چھُ کأیناتُک ۔ یہ نام رُوٗپی

دُنیا چھُنہٕ رتیٚتھٕ کانٛہہ خیالی وجوٗد یُس اُسی شرٕین چھٕ دِنان مُثلن "کھوکھ بیور" بلکہ چھٕ یہ اکھ ٹھوس حقیقت۔

وۄنۍ گوٚ یِیمہٕ وِزِ ماورأیی حقیقژ یعنے برٛہمنس سیٖتۍ صفأتی کائیناتس موازنہٕ چھُ سپدان، یہ نام رۄپی دُنیا چھُ لأزِمن غأرِ حقیقی تہٕ مایا بنان۔ اُسی نہٕ ہیکوٚ اَتھ مکمل پأٹھۍ حقیقی وَنِتھ تہٕ نہٕ ہیکوس غأرِ حقیقی وَنِتھ۔ آخرِ یِتھ تام یہ برٛہمنس اندر اوس، یہ اوس حقیقتُک اکھ اَژھیون حِصہٕ۔ یِیلہٕ تِمہٕ اَندرٕ دٔرأو تہٕ ظہوری شکٕل اختیار کٔرن، اَدٕ بنیوٚ یہ تتھٕ حقیقتس مُقابلہٕ غأرِ حقیقی۔

یِیلہٕ کانٛہہ بازیگر رَزِ سرُف چھُ بناوان تہٕ رَز چھٕ سرُف دَرینٛٹھ یِوان، اَتھ چھٕ مایا وَنان۔ رَزِ ہٕنٛد یہ سرُف بنُن چھُ اکھ ناقأبلِ تشریح رۄپ، تکیازِ رَز چھنہٕ دراصل سرُف بنانے، یہ چھٕ بیشک اکھ حقیقت باسان مگر عأرضی۔ یِتھے پأٹھۍ چھُ یہ نام رۄپی دُنیا تہٕ باسان، مگر یہ باس چھُ سورُے عأرضی۔ یہ چھُ سانہٕ لاعلمی ہُنٛد نتیجہ یِیمہٕ موٗجب اَسہِ اکھ چیز، بیاکھ چیزاہ دَرینٛٹھ چھٕ یِوان۔ اَکِچ خاصیت چھٕ بیٚیس کُن منسوب کران۔ مثلن سرفہٕ سُنٛد تصوٗر چھٕ رَزِ پیٚٹھ لاگوٗ کران تہٕ رَز چھٕ پانس سرُف باسہِ ناوان۔ یِتھے پأٹھۍ چھٕ اُسی آتمنس سیٖتۍ جسم، حواس تہٕ من لاگوٗ کران تہٕ آتمنس چھٕ زیوٗدنان۔

اُمی چالہٕ چھِ یِتھٕ نامہٕ رُوٗپی دُنیاہَس تہٕ پانَس حقیقت باسہٕ ناوان ۔ حالانکہ حقیقت چھُ برہمن سُنٛز خاصیت ۔ ویدانت چھُ اَتھ "باسہٕ رُوٗپ" (اَدھیا رُوٗپ) وَنان ۔

مگر شِیلہٕ انسان اَتھ برعکس دوٚن چیزن امتیاز چھُ کران اَکِچ خاصیت بییس چیزس کُن منسوب کرنہٕ کِس غلط طریقس چھُ نفی کران تہٕ اصل حقیقت چھُ سمجان تیتھٕ چھُ " (اپوَد) وَنان ۔ گویا مایایہٕ ہُنٛز تعریف چھِ یِنٛزے زٕ قوت تام چھُ حقیقت تہٕ ٹھوس یوت تام اصل حقیقت ژھوٚرہ چھُ ۔ حقیقژ ہُند غلط عرفان یا مُلے عرفان تہٕ سپدُن چھُ اَتھ وجود بخشتھ ۔

اِنسان چھِ مایایہٕ ہُنٛزہٕ زٕ ہِتھ یِتھٕ اصنافی دُنیاہس سیتھ گنڈتھ مایایہٕ ہُنٛز یہٕ زٕ چھ ترِیُو تارو رجو ۔ تمو تہٕ ستو سیتھ وُٹھت ۔ یِم گوٗن چھِ لطیف تہٕ کثیف چیزن اندر کم یا زیادہ مقدارس اندر موجود ۔ رجو چھُ قوت بخشان تہٕ اَکھ اژھینز دوٗرہ دور عطا کران تہٕ لازمی من دمہ کھ دأدی پأدہ کران ۔ تمو چھُ اَتھ برعکس بیہہ وال تہٕ نشہ بود بناوان ۔ یہ چھُ لاعلمی (اَوِدیا) ہُند مٔول تہٕ مایایہٕ ہُنٛد نقابی طاقت ۔ ستو چھُ رُوحانی صفت پأدہ کران ۔ یہ چھُ رجو تہٕ تمو گوٗنن (صفاتن) ڈنجہ رٹان ۔ یُس

کاتھہ یمن گوہن سیتۍ وابستہ روزِ تہ چھنہٕ آزاد۔

اگرچہ مایا چھ حقیقژ ہُنڈ نقاب، لیکن یتھ نے آسہِ

اُسہ ہیکہ ہوہنہ کُنہ صوژہ تہ اُدُے خالص ذاتیچ یا تہ یمن سینز ماہیت سمجھتھ یا تمُند عرفان حاصل کرِتھ۔ یعنے مایایہِ بغار ہیکہ نہ روٗحانی ترقی ہُنڈ تصوّر سپدِتھ۔ تکیازِ مایا چھ ژھاے تہ ژھایی وون زِ کیتہ تام چھُ گاش، یور کُن پکُن پزِ۔

ریو تہٕ عناصر

یمہ وزہ انسانہٕ سُند جسمہٕ نظام چھُ بنان تہ تتھ اندر شعوٗر تہ شہہ بنتھ تہ یمن چھُ اژان یہ چھُ زندہ زُو یا زیو آتما بنان۔ اتھ ریو آتماہس چھُ اکھ لطیف جسم یُس دہن عناصرن پانژن شہن، اکس منس تہ اکس شعوٗرس پیٹھ مشتمل چھُ۔

(۱) دہ عناصر۔ یمن اندر چھ پانژھ حواسہٕ عناصر تیم گیہ کن، نس، زیو، ژٕم تہ اچھ۔ پانژھ چھ عملی یعنے اتھ کھور، گُس تہ نر تہ مادہٕ جنسی تان۔ اصل حواسہٕ عناصر گیہ نہ مثلن ظاہری اچھ بلکہ تہ لطیف تان یُس نہ مرِتھ تباہ چھُ سپدان۔ یمہ عناصر چھنہٕ ہندرہ اندرہ کام کران۔ تکیازِ یمہ چھ منس اندر جمع آسان گامتی۔

(۲) من۔ یہ چھُ یمن دہن عناصرن ہُنڈ مرکز تہ بیہ ٹُول

یہ چھُ اَکھ اَندریُن تان تہٕ اَرچ کاٲم چھِ خاہِش تہٕ سوٗنچ، شک تہٕ یقین عقل تہٕ خوف، صبر تہٕ بے صبری بیترِ پٲدٕ کرٕنۍ۔ یہ چھُ تِمَن احساسن ہیم حواسہٕ عناصر نیشبرِ مہٕ ماحول منٛزٕ ژٹان چھِ، خیالن ہُنٛز شکل دِتھ اِرادس تہٕ فٲصلس اندر تبدیل کران۔ اَکھ مَنس تہٕ چھُ ژور حصہٕ شکہ مَن (مَنس) یہ چھُ شُبہات پٲدٕ کران۔ شوٗعور (بُدھی) یہ چھُ فٲصلہٕ نِوان۔ ژیتھ (چِت) یہ چھُ یاداشتُک ذخیرٕ۔ ہُمتا (اہم) یہ چھُ "بہ چھُس" شعور دوٕ تلاوان۔

(۳) شُہہ (پران) یہ چھُ بیداری تہٕ نیندرِ دوشوٕنی صورژن منٛز چلیوٗن روزان۔ تہٕ انسٲنی جِسمس زِندٕ تھاوان۔ یہ چھُ پانٛژھ مختلف کامہٕ کران۔ شُہہ قوتہٕ ہاہمس اندر ژٹُن۔ غذاہضِم بنان دالن۔ جِسمس نِگرانی۔ میادرِچ نایاکی نیبر کڈنۍ۔ مرنہٕ وِزِ زیوِس جِسمہ اندرٕ نیبر نیرنس مدد کرُن۔

(۴) شعور۔ دُنیہکۍ ساری کثیف چیز، جسم، حواس تہٕ مَن. چھِ مشہوٗد (چیز ییم وُچھنہٕ ین) تہٕ یِمَن سارِنے ہُند شاہد (وُچھن وول) یُس چھُ، تِتھ چھِ شوٗعور وَنان تہٕ شوٗعور چھُ آتمن۔

یُلہٕ مرنہٕ وِزِ کثیف جسم ختم چھُ گژھان یہ لطیف جسم چھُ زیوِس سیتی روزان۔ زیوِک ییتھ کرم کرُم رتھ آتمن تِمکۍ اثرات

ہیتھ چھُ یہ لطیف جِسم تیٚنٛدِہ نوٗہ زنٛمکٕ جِسم تہٕ من مُقرر کران۔

انسانس چھِ پانٛژھ پردٕ (کوٗش) اَکھ اَکس پیٹھٕ پیٹھ

یِم اَسنٛدِس شوٗعوٗرس ژھاے چھ کران۔ یِم پردہ چھ کثیف جسم

شُہہٕ، مَن، عقل تہٕ آنند۔ سارِنے نیبرِیُم چھُ جِسمہٕ پردٕ تہٕ

سارِنے اَندرِیُم چھُ آنند پردٕ۔ پژھ کثیف پردٕ چھ پننہ کھوتہٕ

زیادہ کثیف پردٕس اندر روٗزتھ۔ آتمن چھُ نوٗزُک ترین تہٕ یہ چھُ

سارِنے اندر تہٕ ہمن سارِنے سرایت کران۔ اَمیُک جلوہ چھُ تمام

پردٕن تہٕ ٹھتھ تھٕندٕ مہ چرِ گنیرِ مُطابق پھٹلت نیران تہٕ توٗے چھُ

کثیف جِسمہ پردٕس مُقابلہ عقلہ پردہ ہُنٛزی زیادہ جلوہ گرٕ سیدان۔

ہمن پردٕن نِشہ مُٹ پان بچاونہٕ سیتی چھُ انسان آتمن سُند اصل

تھزر بچرٕ دِچھتھ زٕ اَنتھ ہیکان۔

(۱) جِسمہ پردٕ۔ یہ چھُ کثیف مادہ یعنے ماز، خوٗن، اَڈِج

تہٕ دفہ ہمین جسمانی چیزن ہُند بنیومُت۔ زینہٕ برُد ژھُہ تہٕ مرُنس تام چھُ

یہ خوٗراکس پیٹھ درِتھ۔ اَمِچ زندگی چھ عارضی تہٕ اَمکی وصف چھ فانی

یہ چھُ آتمنس اَکھ مددگار ذریہ۔ اَمی ذریہ چھُ انسان اذکار کران

تہٕ لاعلمی ختم کران۔

(۲) شُہہٕ پردٕ۔ یہ چھُ جِسمہ کِس پردٕس ذریر کران یا سرگرم

تھاوان پانٛژن شہن ہُند بنیوٗمت یہ پٔردٕ چھُ زٔنِم رٔٹنہٕ ورزٕ جسمن اندر اُژان تہٕ مرنہٕ ورزٕ نیران۔ یہ چھُ بہ چھہٕ تہٕ ترٛیشہٕ ہُند احساس پأدٕ کران۔

(۳) مَنہٕ پٔردٕ۔ یہ چھُ نام روٗپی تصوٗر پأدٕ کران۔ صفائی دُنیا یُس لاعلمی ہُند پیداوار چھُ۔ چھُ اُمی کِنۍ موجوٗد باسان۔ مَن صاف کرُن چھُ روٗحانی اذکارَن ہِنٛز کأم۔

(۴) عقلہٕ پٔردٕ۔ یہ چھُ آتمن ہِنٛز عقل مُنعکس کرنہٕ سٟتی غأفل تہٕ باشعوٗر باسان۔ اُتھی عکسس چھہٕ جیوٕ وَنان۔ یُس اکہٕ جسمہٕ پیٹھ بیٚیس جسمس پھیران چھُ۔ تہٕ بیٚیہ خاصیت "جیتا" چھُ۔

(۵) آنند پٔردٕ۔ یہ چھُنہٕ بٔرہمن سُند جہا آنند، تکیازِ یہ چھُ بیرٛونی وجوہاتوٚ کِنۍ پأدٕ سپدان۔ مثلن بیٚیمہٕ ورزٕ انسان موسیقی چھُ بوزان۔ یا نیک کامہٕ ہُند ثمرٕ چھُ تُلان۔

## ذیلو تہٕ ظہوری مُشاہدٕ

انسانہٕ سٟنٛز زندگی تہٕ علم چھُ تسٕندیو مشاہدو یا "تجربو" پیٹھ شروٗع سپدان۔ یم سأری مُشاہدٕ چھہٕ رنگہٕ مُسلسل تہٕ بدلوٕنی، یمن مُشاہدن پٔتہٕ چھُ سون پوٗز آتما۔ یُس یِم مشاہدٕ کران چھُ۔ تہٕ یُس نہٕ کرٕتھ تہٕ یِموٕ نِشہٕ بلکل غأر مُتأثر چھُ روزان۔ گویا یہ آتما چھُ سوٕ زمین یتھ پیٹھ سأنۍ مشاہدن

ہِشِن عمارت اِستادہ چھُ۔ ہرگاہ یہِ آسِنہٕ ییم تجربہ نہٕ ہیکَن دٔرِتھ

تہٕ نہٕ ہیکَن سٔتِدٕتھ۔ یکیازِہ مشاہدہ چھ نیٖلی ییلہٕ ییمَن کرن وول

کاںٛسِہ آسہِ۔ سُتہٕ نتیٖجہٕ ییمو سٕندس روٗپ باخاصیت اُدُے آسہٕ

اُچھ چھ مختلف رنگ تہٕ شکلہٕ صوٗرژ وُچھان۔ یکیازِہ اِضافی طور چھُ

یہِ " اکھ " ( اُدُے ) من چھُ اُچھَن ہِشرِ بدل وِنہٕ خاصیژ رٹان،

یکیازِہ سہ چھُ مقابلتن اُدُے۔ اَمہِ خٕس چھُ شوٗعوٗر، یُس مَن چھ

خاصیژ رٹان چھُ تہٕ سہ چھُ اُدُے، دوٗ ییمہِ ورایہِ یہِ شوٗعوٗر چھُ زِمبہٕ

بٕطبہٕ تہٕ مرنہٕ چیو تبدیلیو نشہ آزاد۔ یہِ چھُنہٕ بدل وُن یہِ چھُ انسانس

اندر آتمن۔ تہٕ یوٗہے چھُ ساہِن تمام تجربَن یا مُشاہدَن مُہند اصلی شاہدٕ

ساہِن تجربَن یا مُشاہدَن چھ ترٛیہ صوٗرژ یا حالژ۔

(۱) عالمِ بیدأری ( جاگرتی ) سون آتمن چھُ بیدأری مَنز

عناصرَن ہِندِ ذٔریعہ یہِ ظاہری نام روٗپی دنیاہک مشاہدہ کران تہٕ

مختلف احساس رٹان [ اَتھ چھ عالمِ ناسوٗت وَنان ]

(۲) عالمِ خاب ( سوپن ) اَمہِ وِزِہ چھ انسانہٕ سٕندی عناصر

مَنس اندر جمع گژھِتھ بے عمل گژھان۔ آتمن چھُ بیدأری ہِندین اثرا تن

پیٹھ اکھ نام روٗپی دُنیا بناوان تہٕ تمن پننہِ گاشہ سیتی گاشراوان۔ خابک

یہِ دُنیا چھُ توٗت تام حقیقت یوٗت تام انسان بیدار چھُ گژھان۔ اَدہ چھُ

انسانس خبر لگان زہ سہ اوس یہ خاب وُچھان [ یہ چھُ عالمِ ... ]

(۳) عالمِ خوفتگی (سُشُپتی) ۔ ییلہ اَگرہ تہ تہ پیچھ عالمِ ... بے

مایا تکیا زہ تیم سچھ رنگا بہ رنگ کائینات منعکس کران ۔ ییمن برعکس چھُ

تہ خوفتہ نیندرِ منز انسانس کُنہ قسمُک اَتاپتا روزان ۔ تسند شعور چھُ

قرار لگان ۔ گویا زیوِ تہ آتمن چھ اکہ قسمہ یکسان سپدان ۔ مگر یہ چھُ محض

ظاہری تکیا زہ بیٛتھے انسان ہشار چھُ گژھان ، سہ چھُ بییہ پننس

اصلی حالتس پیٹھ واتان [ اتھ چھ عالمِ جبروت وَنان ] سون آتما چھُ

ماورائی ۔ برہمنس سیتی یُس سون حقیقی آتما چھُ وابستہ ۔ ییمو ترییو

حالژو منز چھُنہ کانہہ تہ آتماہُک حقیقی سروپ ، ییتھ "توٗرِم" (تُریا)

چھ وَنان ، ظاہر کران ۔ یہ تُریا [ یا عالمِ لاہوت ] چھ ییمن ترییشونی

حالژن ہُند بیوٛن بدٛن روٗزِتھ اکھ شاہد ، تہ سیتی چھ ییمن سرایت

تہ کران ۔ تُریا گو خالص صورژ اندر آتمن یُس جیو سپدِ تہ ییمو ترییو

حالژو نِشہ الگ تہ غائر متاثر چھُ روزان ۔ اُتھی چھ خالص شعور یا

برہمن تہ وَنان ۔

## زنم تہ کرم

اَسہِ وُچھ زِ آتماہس چھُ ذہن عناصرن ، پانژن

شہن ، اکس منس تہ اکس شعورس پیٹھ مشتمل اکھ لطیف جسم تہ

چھ تمہ مادی کثیف جسمہ نِشہ الگ یُس مرنہ وزِہ فنا چھُ سپدان ۔ یہ

جسم چھُ مرنہٕ پتہٕ تہٕ زیو آتما ہس سیٖتۍ روزان تہٕ یھو زیوٕ آتماہن کرم[۱] (عمل) آسن کرٕ کرمتۍ، تیتھی زنم مُقرر کرنس اندر چھُس یہ بُرونٛہ تھو یِوان۔ یہ چھُ جسم بدلان روزان۔ یوٗت تام یہ پننہٕ اصلی حالتس واتِتھ خودا سیٖتۍ یکسان سپدِ۔ اَتھ جسمہٕ بدلی چھ زنمہٕ چکر (آواگون) وَنان۔

---

۱ "ہمہ اوس" یُس شنکرن ہیش کوٗر تہٕ یُس اُسی چھکاوان چھِن، تتھ منز چھنہٕ کرمن کانٛہہ اہمیت دِنہٕ آمژ۔ اَتھ بجایہ چھُ زور عرفانس (جنان) پیٹھ دِنہٕ آمُت۔ تکیازِ سانہٕ زندگی ہُنٛد مقصد ہیکہٕ اَکھ ے اُسِتھ عرفان تہٕ کرم ہیکن نہٕ دوٕ نوٕے اعلا مقصد بنِتھ۔ اعلا مقصد چھُ صرف عرفان۔ جان یا ناکارہ اخلاق چھِنہٕ پانہٕ پنُن مقصد، تکیازِ مختلف سماجی زمانن اندر چھُ پئیمن اخلاقن ہُنٛد تصوّر بدلان روزان۔ اَکہٕ وقتہٕ یہ رُت اخلاق چھُ مانہٕ یِوان۔ بیٖیہِ وقتہٕ یا بیٖیس مُلکس اندر چھُ سُہ ناکارہ گنٛزرا ونہٕ یِوان۔ البتہ پننہٕ آتماہُک عرفان چھُ پرٛیتھ وقتہٕ تہٕ پرٛیتھ مُلکس اندر انسٲنی زندگی ہُنٛد واحد مقصد۔ اَمہ علاوہ چونکہ سون آخری مقصد چھُ ماورا ئی، لہٰذا دُنیاوی کرم ہیکن نہٕ بلا واسطہ یہ مقصد پوٗرہ کٔرِتھ۔ اَسہِ روزہِ خیال زِ محض دُنیاوی کرم ورتاونہٕ سیٖتۍ واتو اَسہِ کمالس۔ حالانکہ حقیقت چھُ اَتھ برعکس۔ اصل مقصد چھُ عرفان، اخلاق چھِنہٕ۔ اَمیک مقصد چھُنہٕ شنکرُن یہ زِ عارِف گژھِ بداخلاقی آسُن۔

زیٖوآتما چھُ پننٮ۪ پان محدوٗد جسمس اندر نظر بٔنِتھ محسوٗس کران۔ یہ چھُ اَمہِ نِشہِ آزاد گژھنٕچ کوٗشش کران، مگر یہ چھُ خاہشاتن اَندر اَلنہٕ ترٚ وَلنہٕ آمُت، یِتھہٕ کنہٕ یہ اَکہِ جسمہٕ پتہٕ بییس جسمس پھیران چھُ۔ آزادی (مُکتی) چھہٕ خاہشہٕ ترک گژھنہٕ سیٖتۍ سپدان۔ ہرگاہ یہ کمال یتھۍ دُنیاہس اندر آتما حاصل کرِ، سُہ چھُ زندگی منٛزے آزادی لبان یا جیوَن مُکت سپدان۔ نتہٕ یوٚت تام نہٕ سُہ تمام خاہشہٕ پوٗرٕ کرِ توٚت تام روزِ دربدر پھیران۔ یِتھہٕ تِمہٕ پوٗرٕ گژھنس اَدہٕ لبہٕ مکش۔

مرنہٕ پتہٕ چھُ اُپنشدو مطابق زیٖو آتما ترٛین وَتن منٛز اَکھ وَتھ اختیار کران۔ یِمَو بہترین روٗحانی زندگی اختیار آسہٕ کرٕ مٕژ، مگر سیٹھاہ کوٗشش کرِتھ تہٕ آسِکھ نہٕ عرفان حاصل گوٚمُت، تِم چھہٕ "خُدائی بادشاہی" (برہم لوک) تام واتان۔ تتہٕ چھہٕ کینٛہہ آزادی لبان تہٕ کینٛہہ چھہٕ دُبارٕ دُنیاہس اندر زَنٛم لبان۔ اَتھ مُقابلہٕ یِمَو سماجی تہٕ اخلاقی کامہٕ آسَن کرٕ مٕژٕ۔ خاہشہٕ سٕترٕ مٕژہٕ تہٕ تِہنٛد پھل یوٚر ژھُنمُت، تِم چھہٕ "زوٗنہٕ دیشس" (چندر لوک) واتان۔ یتیتہٕ تِم دُبارٕ زَنٛم لبنہٕ برونٛہہ پننین کامین ہُنٛد پھل چھہٕ کھیوان۔ آخر گژھن تِم یِمَو زِن سیٹھاہ خراب کامہٕ آسَن کرٕ مٕژٕ، تِم چھہٕ اَدٔگرِ تھوٚگرۍ انسانی شکلہٕ اندر زَنٛم لبان۔

یِتھ علم زِ حقیقی زِلو آتما تہٕ برٛہمن چھُ اکوے گو آزادی

یا مکتی، مگر آزادی چھےٚنہٕ علمُک نتیجہ، بلکہ پانہٕ علم تِکیا زِ حقیقی آتما مِس

سیتی ہیکہِ نہٕ کارن تہٕ کارے ہُند تولُق وابستہٕ سپدِتھ۔ سُہ یِتھ

اکوے دوٚیمہِ روٗس۔ یہیمہِ یِہ حقیقت زانِ سُہ چھُ یِتھی دُنیاہَس

اندر جیون مکت سپدان۔ سُہ چھُ برٛہمن آسنہٕ کِنہِ برٛہمنس اندر جذب

سپدان۔ سُہ چھُ دوٚدس سیتی دوٚد زلان، وَن گوہر گاہ سُہ یِژھ

سُہ ہیکہِ انسانن سیتی بے پناہ محبت آسنہٕ کِنہِ پننہٕ مرضی سیتی بیٚیہٕ

یِتھ دُنیاہَس اندر زِنم لبتھ، یِتھ زِن انسانن ہُندہ سوٗدہ بہبوٗدہ

کھاتِرٕ کام کرِ۔ یُہے انسان چھ مہاپُرش تہٕ اوتار آسان۔

# (ج) یوگ

**یوگ** بار بار زینہ تہ مرنہ نِشہ آزأدی لبنہٕ کھأطرٕ چھہ عرفانچ ضروٗرت۔ یہ عرفان حأصِل کرنہٕ کھأطرٕ چھہ ژوٗن کتھن ہنٛز ضروٗرت۔

۱. یہ فرق کرٕنی زِ ابدی کیاہ گو تہ غأر ابدی کیاہ گو۔ یا دوٚیمین لفظن منٛز یہ زانُن زِ یہ نام روٗپی دُنیا چھنہٕ حقیقت بلکہ یتھ میک یہ ظہوٗر چھہ، سُہ چھہ اصل حقیقت۔ اَدُے، دوٚیمہ ورٲے تہ ابدی۔

۲. ترکِ خأہش۔ یعنے پرٛتھ لالچہ تہ طمعہ نِشہ بے نیاز سپدِتھ حقیقتُک عرفان کرُن۔

۳. شَشِیہ روٗحأنی گون، یعنے سکوٗن (شم) حبسِ دم (دم) ترک (اُپرت) توکّل (تِتِکھیا) تفکر (سمادھ) تہ یقین (شرڈھا) پأدٕ کرٕنی۔

یِم ژور چیز ہیکن نہٕ پأدٕ پانے سپدِتھ۔ اَمہِ کھأطرٕ چھہ ریاضت کرٕنچ ضروٗرت۔ انسان چھہ پنٛنیٚن حواسن، جسمأنی تہ دُنیاوی

چیز وُچھنس تہٕ تہُند لُطف تُلنس کُن لاگان، مگر عارف چھُ پننِ اندری آتما زانُنس کُن ہیم لاگان۔ یتھہٕ طریقہٕ سٕتۍ یہِ کران چھُ تتھ چھ یوگ (طریقت) وَنان۔

یوگ چھُ پتھ کتھ۔ گوڈنی پزِہ عارفس کانٛشہ زانٕی کارگوٗرس نشہٕ باضابطہ مذہبی کتابن (ویدن وغیرہ) ہُند مُطالعہ کرُن تہٕ علمی رنگہٕ حقیقت سمجنچ کوشش کرٕنی۔ اَمہِ پتہٕ یہِ کینژھا پٔرُن تتھ پیٹھ غور کرُن زہ۔ یہِ چھا پزر باسان۔ یٔلہِ اَمہِ اندرٕ یقین تہٕ پٔژھ پاٛدٕ سپدِ یس، اَدہ پزِ یس باضابطہ یہِ پوٚرمُت تجربس اندر اَنُن۔ یہِ تجربہ گوٚ یوگ وَرتاوُن۔

یوگچ بُنیاد چھُ مَنس پیٹھ۔ یہِ چھُ بذاتِ خود شوٚد تہٕ صاف اَکھ آینہٕ ییٚس زَن حقیقت ہاوِتھ باوِتھ ہیکہِ، مگر اَتھ چھ دُنیاوی خاہشن تہٕ لگاوَن ہنٛز گرٛدھ پیٹھ ہہان، یتھہٕ سیٚتہٕ اَتھ گژھ چھُ سپدان تہٕ یہِ چھُنہٕ حقیقت صاف پاٛٹھۍ ہاوِتھ ہیکان۔ چونکہ یہِ گرٛدھ چھُ نیبرِمہِ دُنیاہس پیٹھ اَتھ ہہان، لہٰذا ہیکہِ یہِ آسانی سان صاف تہٕ سپدِتھ۔ ہرگاہ یہِ اَتھ پننۍ ناصافی آسیہ تیلہِ ہیکہِ ہے نہٕ یہِ صاف سپدِتھ۔ یوگ یمہِ ورزشہ یا طریقہٕ پیش چھُ کران، تمہِ سیٚتہٕ چھُ یہِ گرٛدھ اَتھ دوٗر سپدان تہٕ یہِ چھُ حقیقت پرٛزناوان۔ حقیقتُک پرٛزنُن گوٚ انسانہٕ سُند

مُنٛوّر ژھپُن۔

انسان چھِنہٕ ساریٖ ہِزازِ کِنہ ہیٖہی آسان۔ کانٛہہ چھ

عملی، کانٛہہ چھُ جذباتی، کانٛہہ چھُ مشاہداتی تہٕ کانٛہہ چھُ فلسفی آسان

لہازا چھ پزٕ یتھ ہزاز کِس انسانہٕ سِندِ کھاتہٕ مختلف یوگ ینہٕ کھرٕ

آمتی کرنہٕ۔

۱۔ کرم یوگ۔ اَمیُک تہٕ چھُ یہِ زہ انسانُس پنٕنہٕ عملہٕ ہندِ

نتیجہٕ نِشہٕ بلکُل لاپرواہ ژھپُن تہٕ عمل کرُن۔

۲۔ بھگتی یوگ۔ اَمیُک تہٕ چھُ یہِ زہ انسانُس پنٕنہٕ عشق، علم

تہٕ تفکر پاٛدہ کرُن۔

۳۔ گیان یوگ۔ اَمیُک تہٕ چھُ یہِ زہ انسانس پنٕنہٕ فلسفیانہٕ

امتیازٕ سیتہٕ اصل تہٕ کھوٗٹ الگ کٔڈِتھ برہمن سُند عرفان حاصل

کرُن۔

۴۔ راجہ یوگ۔ مَن سمجن تہٕ تتھ پیٹھ قابو حاصل کرُن چھُ

اَمیُک لُب لباب۔

ییم ساری تفصیلہ سان ویٔژھہ ناوُن چھِنہٕ سون مقصد،

اگرچہ اَسہِ اَسہِ گیان یوگ ( عرفانہٕ یوگ ) تہٕ ہنا چکاوُن یِژھان۔

البتہٕ راجہ یوگ کرون اَسہِ ژھا اکھ کھلہ پاٹھٕ بیان ہیکیازِ یہِ چھُ

سائنس اصل مقصدس سیٹھا نزدیک، سہ گو اسلامی تصوّف۔

راجہ یوگ خارجی دُنیا کھوتہ چھُ من پرُن مُشکل تیکیازہ من چہ حالژ چھہ مُسلسل بدلان روزان۔ اَمہ علاوہ چھُ اَتھ یوگس اندر من پانۂ شاہد تہ، پانے مشہود تہ تہ پانے مشاہدک ذریعہ تہ۔ گویا من چھُ من کی ذریعہ پانس پرزناوان۔ منکی طاقت چھہ سارے مُنتشر، مگر تیم چھہ جمع ہیکان سپدتھ۔ یمن جمع کرنک واحد طریقہ چھُ توجّہ (دھارن) اَمہ سیتہ چھُ انسان من کس بے پناہ طاقتس ترقی دِتھ ہیکان تہ نہ صرف بیرونی دُنیہک بلکہ اندرونی دنیہک تہ راز لبان۔

من چہ حالژ چھہ ستو، رجس، تہ تمس گونہ سیتہ متاثر سپدان۔ یم گون چھہ تمام لطیف کہو کثیف مادی چیزن سیتہ مَنس تہ تشکیل دِوان۔ اَوے چھُ اکوے چیز مختلف انسانن مختلف احساسات پادہ کران۔ من کس سطحس پیٹھ چھہ بیرونی دُنیا ہیچ کثافت (تاثرات) بہان، یمہ کنہ انسانس چھنہ اَمہ کس سترس تام نظر واتان۔ بے قو بُو حواسہ عناصرن، یمہ ظاہری دُنیاہس سیتہ واسطہ چھُ بنوان، یہ چھُ مَنس ھقوّد ثلان۔ تہ اَتھ اندر لہرہ پادہ کران، یمہ کنہ یہ اکس حالژ پیٹھ برقرار چھنہ ہیکان روزتھ۔ یوگ چھُ حواسہ عناصرو نبشہ مَنس پتھ رٹان تہ ڈلنجہ تھاوان۔

پتنجلی (۲۰۰ ء م ب) چھُ تمن رام کرشن کتھائی تہ وار یاہ ورزش دوان، شاپن تمن ہیکہ مُنظم شہہ کہ الیہ والیہ سیتہ یا گاشس پیٹھ توجہ گنڈتھ سیتہ یا ایشورس سنز عبادت کرنہ سیتہ رام سپدتھ۔ اُپنشدو مطابق یُس لفظ ایشورس ظاہر چھ کران یا تیس سنز علامت چھُ سُہ گو اوم۔ اَمِچ ذکر کرنہ سیتہ تہ امہ کس معنے یس پیٹھ غور کرنہ سیتہ چھُ انسان مشاہدہ نفس پادہ کران تہ روحانی زندگی ہنز تمام رُکاوٹ دُور کران۔

## آٹھ منزل

راجہ یوگس چھ آٹھ منزل یا درجہ۔ گوڈنچہ زہ منزل یم تہ نیم چھ عام طور ضبط نفس پادہ کران۔ یم چھ اہنسا سچائی، بے طمعی، خاہرات دیُن تہ بدزانہ قبول نہ کرُن ہیچھناوان۔ امہ سیتہ چھُ من صاف سپدان۔ ضبط نفس حاصل کرنہ ورائے چھ یوگ سیٹھا خطرناک ثابت سپدان۔ نیم گو کینہہ خاص عادت تہ مشاہدہ پادہ کرنی مثلن زُہد، ویدن ہنُد مطالعہ، قناعت، جسمانی صفائی تہ پرماتما سنز عبادت۔

تریم منزل چھ آسن (آسن) یم چھ واریاہ۔ امیُک عام اصوٗل چھ یہ زہ ریٹھ اَڈیج چھ پلہ پوان تراونہ۔ یوگی چھ سیود بہان پنن تھر، گردن تہ کلہ چھ اُرفکی پاٹھو سیود رُٹان۔ پننہ پتھچہ جسمک سورُے وزن چھ لرہ کانین پیٹھ تراوان۔ وچھ بیر رٹنہ

سیتھ چھ ... ہمس تہٕ واش روزان تہٕ نفسٕس چھ فِکرٕ تہٕ ہاکان کرٕنھ۔

ژورِم منزِل چھ جبسٕ دم ( پرٕانا یام ) یہ کائنات چھ دہ یو عناصرو یعنے آکاش تہٕ ہوان سیتھ بنیومُت۔ یم چھ مادہٕ تہٕ طاقتکو ذریعہٕ۔ ییہنہٕ عناصرن ... سیتھ چھ سارِنی چیز وجود لبان۔ پران چھ کائناتس ... یہ تہٕ انسانی جسمس منز شُش چھ حرکتہٕ اندر ظاہر سپدان۔ یہ حرکت چھ شہہس سیتھ تعلق تھاوان۔ لہٰذا شہہ قوبو کرنہٕ سیتھ ہیہ (انسان) صرف جسمانی نظامس بلکہ کائناتی طاقتن پیٹھ تہٕ قوبو حاصل کرِتھ۔

پانژِم قدم چھ ... نفس ( پرٕتیاہار ) یہ چھ منس ترتھ تربیت دِوان ... ییہنہٕ مرضی مطابق کنہٕ تہٕ حواسہ عناصرہ نِشہٕ پانس الگ ... تھاوان۔ اکھ چھ دہ طریقہٕ اکھ گو عملی طور من آزاد تراوُن۔ اکھ ... بے قراری تہٕ آوارگی ہند اجازت دِیُن یوت تام یہ پانے تھکتھ ژھِسنند وام گژھہ۔ بیاکھ گو پننہ پرادک طاقت بڑاوُن تہٕ ... رام کرُن۔

شیٖم منزِل ... سن چھ کنہٕ خاص جسمہ کِس حِصس کُن لاگنہٕ یوان تہٕ باقی تمام جسمکین حِصن نِشہٕ بیجر

تھاوِنہٕ یوان۔ مثلن یوگی یَس چھُ صرف پننہِ نستہٕ بیٹھ ہٕنڈٕے یوت
ہوش روزان۔ بٔنیہِ نہ کُنہِ کینژ تہٕ۔

سَتیُم مَنزِل چھُ تفکُر (دھیان) اَمہِ منزلس اندر چھُ
مَن سہ طاقت حاصِل کران، یَمہٕ سیتر سہ کُنہٕ تہٕ چیزس پیٹھ کھیچلہ
یا مداخلتہٕ ورأے فِکر چھُ ہیکان کرِتھ۔ تتھہٕ وأسہ تُھو ڈول سہ چھُنہٕ
بوزأنی۔

اَٹھیُم مَنزِل محویت (سمادھ) یہ چھُ تمیُک سہ حالت یتھ
یوگی خأجی نام رۆپی صوٗرت ختم کرِتھ اصل حقیقتس اندر محو چھُ
سپدان۔

آخری تُرین منزلن چھُ یکہٕ وَٹہٕ سمیم وَنان۔ امی سمیم
رِکنو چھُ یوگی بلا فطری طاقت تہٕ حأصِل کران۔ ہرگاہ یمن طاقتن
امو لٔکھ دِژ، یہ زون زہ یم چھُ مکش حأصِل کرنس اندر رُکاوٹ
امس چھُ ترکَب ترک (کیولے) حأصِل گژھان۔ یہ چھُ لافانی تہٕ ابدی
خألص شوٗعورُک مُقام۔

یتھ تجلی چھُ وَنان زہ سمادھہ کہ ذریعہ چھُ انسان عالمِ کُل
بنان۔ یہ چھُ تمیُک بالاشعوری حالت، یتھ اندر بتا مُکمل پأٹھو کمال چھُ
لبان۔ امہ پتہٕ چھُ انسان چھُ انسان اعلاپایُک ریوش یا اوتار بنان۔

راجہ یوگس مُتلِق چھُ وَننہٕ یِوان زِ یہِ چھُ تِمَن انسانَن کِیُتھ سَہَل یِم زِیٛنہٕ پیٚیٹھے آسَن قُدرتی طور مَنسٕ کُن زیادٕ تہٕ ییٚتھَن رٲغب تہٕ فِکر کرنٕچ عادی۔ مگر یِمَن یہِ نصیب سپُدِ نہٕ تہٕ راج یوگ تہٕ آسَن وَرتاوُن یِژھان، تِمَن چھُ گوڈنی ہَٹھ یوگ تربیت دِنہٕ یِوان۔ اتھ چھُ راجہ یوگس سیٚتۍ گہرٕ تعلُق تہٕ کیازِ ہَٹھ یوگ چھُ جِسمٕچ ورزِش شورُوع کرناوان۔ یہِ ورزِش چھِ انسانَس شَہ طاقت بخشان یَمہِ سیٚتۍ تَس راجہ یوگ یامن زام کرُن سہل چھُ گژھان۔

# کتاب نامہ

(ہندی فلسفس پیٹھ پرنس لایق کیتھ انگریزی کتابہ)


۱۔ انڈین فلاسفی جلد (ایس رادھاکرشنن) جارج الن اینڈ اَن وِن لندن سنہ ۱۹۳۱ء

۲۔ دی فلاسفی آف اُپنشداز " " " " " " سنہ ۱۹۳۵ء

۳۔ اے سورس بُک اِن انڈین فلاسفی (رادھاکرشنن و چارلس اے مور) آکسفورڈ

یونیورسٹی پریس بمبئی سنہ ۱۹۵۷ء

۴۔ انٹروڈکشن ٹو ادویت فلاسفی (کوکیلشور شاستری) یونیورسٹی آف کلکتہ سنہ ۱۹۲۶ء

۵۔ اے ریالسٹک انٹرپریٹیشن آف شنکر ویدانت (انل کمار رائے چودھری)

یونیورسٹی آف کلکتہ سنہ ۱۹۲۶ء

۶۔ دی فلاسفی آف دی اُپنشداز (ایس، کے، چکرورتی) " " سنہ ۱۹۳۵ء

۷۔ دی اُپنشداز (دو جلد) (سوامی نکھیل نندا) ہارپر اینڈ برادرز نیویارک سنہ ۱۹۵۰ء

۸۔ گریٹ سسٹمز آف یوگا (ارنٹ ووڈ) فلاسفیکل لائبریری۔ نیویارک سنہ ۱۹۵۴ء

۹۔ ہندومتی سسرم: سِکس لیکچرز (سرسُریندرناتھ گپتا) اوپن کورٹ پبلشنگ کمپنی لندن سنہ ۱۹۵۰ء

۱۰۔ ویدانت فلاسفی (سوامی ابھیدنندا) ویدانت سوسائیٹی نیویارک سنہ ۱۸۹۹ء

۱۱۔ دی سِکس سسٹم آف دی انڈین فلاسفی (فریڈرِچ میکس مولر)

لانگ مینز گرین اینڈ کمپنی سنہ ۱۹۲۸ء

# (۱) تواریخ

ترِک شاستر یا فلسفہ چھُ اعظم مہ عظمی ہندس اُمرس یانہ مہ عظمی ہندس شوز رُ زمی غرض کشیرِ اندر پادہ گژھان۔ یہ فلسفہ کیتھ پاٹھی گو کشیرِ منز نموٗدار، تمہ خاطرہ چھُ اَمہ کِس تواریخی پوتِ منظرس پیٹھ نظر تراوٕنۍ ضروٗری۔

## شومت تہٕ شیواگم

ہندوستانس اندریُس شومت رائج چھُ سُہ اوس یتھ کالہ کشیرِ اندر تہٕ عام۔ یہ مت چھُ سیٹھاہ پرٛون تہٕ اَمکۍ اناصر چھِ ویدن منزِ رُدر شِو صورتس منز میلان۔ ہنانچہ اپنیوگیت تہٕ چھُ "مالنی وجے اُترک" کتابہ منز وَناوہ کلاسس چھِ زہ قسم۔ اکھ گو خودآگہی (پراواک[1]) تہٕ بیاکھ گو انسانی

---

[1] پراواکی چھُ سُہ لامحدوٗد مطلق شعور یتھ اندر ہر کانہہ چیز تمیٚکی شعورس اندر وجوٗد چھُ تھاوان۔ یہ چھُ یتھ چیزک اکھ مکمل کُل تہٕ اَمِچ فطرت چھِ مکمل پاٹھی ہمہ اوستی۔ یہ چھُ مطلق حقیقتچ تہٕ شعورِ ذات۔ (ملہ چ)

ویکھری واک) شواگم چھُ خدائی کلام تہٕ یہنٛد وجوٗد نہٕ چھُ ابدی .....
یم چھ خدائی منتر مطابق ظاہر یا باز نمودار سپدان۔" یمن آگمن ہنٛز
ابتداہس منٛز نو کروڑ شاستر تہٕ صرف بیترو اوس یم زانان۔ مگر اکس دیوتاہنٛد
پیٹھ بہیس تام واتان واتان گئیہ یمن اندر کمی، یوت تام یم مختصر
سپدی۔ یمن دیوتاہن تام یم اکہ پتہ بییس واتی تم چھ، بیرو، بیردیو
سواچھند' لاکل، انوراٹ، گنیش، اَبجج، شکر تہٕ گورو۔

گورو چھُ، یہ کینژھا یمو اگمو منٛزہ تس تام ووت، دکشا
سمورت، وامن، بھارگو، مالی، سمہا، ونتابھن تہٕ واسک ناگس تام پرٛیتھ
اکی شند رٹن بانہٕ وچھتھ واتہٕ ناوان۔ امہِ علاوٕ یُس حصہ سوٗرگس منٛز
تھکریس نشہ چھ آسان تمہ منٛزہ چھ اوڈراوین ہیتھ ژلان۔ یہ اوڈ چھُ پیر
در پیر بیبھی شن، رام، لچھمن، سدھ، وانواس، گہیک تہٕ یوگی ین تام واتان۔
پیتھ یا تھ چھُ ست یوگ پیٹھ سائنس کلیوگس تام شواگم، یُس خدایی
کلام چھُ وچھ لبان۔

## ترٛیہ تنٛتری سکول

ییمہ وزہ کلیوگ برٛونہہ پوک، یوگی یمن زنشہ
اہیک علم اوس، رٔددی تمن جاین ژور یوت
تامہ تہٕ عام فانی انسان واتہٕ ہیکن۔ لہازا گئیہ ژھہ پارٔی رٔدحانی انہٕ گٹہ۔
اکہ لٹہ اوس سری کنٹھ رٗوپ دارتھ کیلاسس پربتس پیٹھ شوچی پھیران

زِ تَس آو شواگم غائب گرٛھنہٕ کنہِ رُوحائی! اَنہٕ گٔیہٕ، منٛز مُبتلا انسانَن پیٚھٹھ عار۔ تِمو دِیُت دُروٲسس بۆگس شواگمنہٕ ثمودار کرنُک حُکم۔ دُروٲسن کُرٕ شواگمن ترٕبہ [illegible] ۔ یِمَن منٛز اُدٕ‌ے (اَبھید) دُٕ‌ے (بھید) تہٕ ترٛیہ اُدٕ‌ے (بھید بھید) تائیم اُس دِنہٕ آمِتۍ۔ اَمہِ کرٕو ترٛمبکن اوٚل اَمردک ترٛشری ناتھہ نادِک ترٕبہ رُوحائی نیچوی پُترٕ تہٕ تِمَن دِتُن پننہٕ پننہٕ اَرپچ تٕہیم پھالاونُک حُکُم یِتھٕ پٲٹھۍ سپدِ ترٕبہ شوتنتر سکوٗل قائیم[1]۔ مگر پروفیسر بل جی پنڈت چھِ وَنان زِ صرف ترمبک اوٚل اوس اَمِ سندٕ رُوحانی نیچوٗ باقے زِ زِ نۍ اُسی نہٕ۔ بلکہ چھُنہٕ پتہٕ ضعی زِ دُروٲسن بناوی ستہ گمن ہیم ترٕبہ حِصہ۔ تِمو تُل پننِس شاگرد ترٛمبک دتیہ اوٚل سِندِ ذرِیے

---

[1] بیاکھ اَگمی سکوٗل چھُ اَردھہ ترمبک "ناوِ مشہوٗر۔ یہ ۆنِ ترمبک پتہٕ کورِ ہندِ طرفہٕ اَکہِ شاگردن قائیم۔ اَبھنوگپت چھِ تنترالوکس اندر۔ اَکھ "کول پڑکریا" نیکھان۔ بلکہ کتابہِ چھُنہٕ ہُس اُخری حِصس منٛز چھِیہٕ شمبھوٗ ناتھس اَتھ "کول پڑکریا تائیمہِ منٛز پننۍ گُرہ ہاوان۔ سیٚتی چھُ وَنان زِ شمبھو ناتھ اوس پانہٕ سوٗمتہ (سوم دیو) سُند ژاٹھ۔ اَتھ سکوٗلس چھِ اَردھہ ترمبک، کول پڑکریا، کول مارگ بیترِ ناو پییمتۍ۔ اَمیُک ابتدا چھُ اصلی آسام (کامروٗپ) سپدمت تہٕ اَمیُک بانی چھُ مشہوٗر یوگی رتن (دیمس مچھندِ ھبوٗ تہٕ اُسی

صرف ہمہ اوستی شومت پیرٕ لیمہٕ تہٕ عملہٕ دِس۔

عقیدُک رنگ۔ کڈِتھ، چھ یِموٚ روایژوٚ تلہٕ یہ حقیقت صاف پاٹھی نَنان زِ شوٚاگم چھ سیٹھاہ پرٲنی چیز، تہٕ مختلف انسان دہرگاہ تِم اِنسان مانوکھ) چھ یِمن وِزِ وِزِ پھاٹلاوان روٗدی مِتی۔ توارٟخی زمانہٕ برونٛہہٕ کِم واقعہٕ اَسنہٕ کینہہ چھُ اَتھ پیٹھ بالا انسٲنی رنگ کھوتمت۔

## کشیرِ ہُند پرٛون دھرم

یہ شوتنتر کیتھہ پاٹھی چھ کشیرِ منٛز واتان تہٕ رائج سپدان اَتھ مُتلق کینٛہہ وَننہٕ برونٛہہ چھُ کشیرِ ہِندِس پرٲنِس دھرمس سام ہیُون ضروٗری۔

کلہن سُنٛز "راج ترنگنی" چھ ہاوان زِ کشیرِ اندر چھ کثرتہٕ پوزا یعنی مختلف دیوی دیوتاہن ہنٛز پوزا عام آسمٕژ۔ زیادہ تہٕ آسن ناگ دیوتا تہٕ شوجی سُنٛز پوزا سپدان۔ اَکھ بێیہِ ثبوت تہٕ چھُ راج ترنگنی منٛز جا بجا میلان۔ نیل مت پُران (ییٚمہ ۷ یا ۸ صدی ہنٛز کتاب چھ) تلہٕ تہٕ چھُ ننان زِ شوٚ ینٛنہٕ جورِ (پاروتی) سان چھُ یێتینٛک مقبوٗل دیوتا اوسمُت۔ چنانچہ رانی یشووَتی ہنٛزِ تاج پوشی پتہٕ یِلہٕ مذہبی مسلہ پٲدٕ چھُ سپدان بھگوان کرشن چھُ پننہٕ دلیلہِ ہِندِس ثبوتس منٛز نیل مت پُران پیش کران۔[1] پتہٕ پاٹھی یِلہٕ ناگ، ارجن سُنٛزِ رہنمٲیی منٛز (۶۰۰-۱۲۰۰ ء) بدھ مذہن

---

[1] یشووَتی چھ شاید دُنیاہچ گوڈنیچ زنان ییمہ تختس بیٹھ آمٕژ
(دباچہ مـ تصفیہ)

ہنٛدٕ اَلہٕ یتِھی پرٲنؠ رواج تباہ گژھنُک مسلہ چھُ ووتھان، اَمہِ وِزِہ تہٕ

چھُ نیل مت پُران ہیٚکن رجوُع سپدان۔ یا یمہِ ساعتہ بُدھ اتھٕ سِس

تَل یتِھی رسم رِیواج بند گژھنس بیٹھ ناگ غضب ناک چھہٕ سپدان تہٕ

تم چھہٕ شیننہ طوفان نزاوِتھ بُدھن تباہ کران، اَمہِ ساعتہ ییٚس دھرم

نیٖل ناگ سِنٛدِ امدادِ سیتۍ چندرد یو برہمن دُبارٕ زِنٛدٕ چھُ کران ییٚمہ چھُ

یہوے نیل پران آسان۔

ہیم واقہٕ یا یتھی ہی واریاہ راج ترنگنی ہنٛدی بیان، چھہٕ ہاوان

زِ کشیرِ منٛز چھُ ناگ پوزا یہ سیتۍ شو پوزا زیادٕ عام اَسمٕژ۔ چنانچہ[١]

سُند خاوند داموٗدر گوٗ بھگوان کرشنس خلاف لڑان تہٕ تتہ سُند مارہ یشو وتی

بیٹھ تختس تہٕ رِہنۍ سُند انتقام ہیٚنہ خاطرٕ گیہ یتہ جنگ کرنہٕ مگر

یِلہٕ بھگوان کرشنس ننیوو زِ یہ چھہٕ زنان تمۍ کوٗرُس سیٹھاہ عزت

تہٕ سوزِن کشیرِ واپس۔ اَمۍ سُند نیچو اوس گونند۔

---

[١] کے۔ آر۔ سبرامنین چھُ پننہِ کتابہٕ "اوریجن آف شوازم" منٛز

لیکھان زِ ناگ چھُ دراصل شومتس سیتۍ رَل دھرم۔ جنوٗبی ہندستانہٕ ییٚٹھ

چھہٕ شومت شمالی ہنٛدستان یوان تہٕ جنوبی ہندستانس منٛز چھُ پننۍ باقیات

ناگہ یا نیٖر تراوان۔ ناگ قبیلن ہنٛز چھہٕ ہندستان کین مختلف حصن منٛز

زبردست حکومت آسمژ۔ ساند کتاب تاریخ شیٖمم کتاب چھہٕ وَنان زِ کشیرِ ہنٛد

(باقی ۔ صفحہ)

مہاراجہ اشوک سندِس وقتس ( ۲۷۳ - ۲۳۲ م ، ب ) منز ییلہٕ بُدھ مت
گوڈنچہ لٹہِ کشیرِ منز چھُ اژان ، ییتہٕ چھُ عام لوکن اندر اکھ دھرم
جأری آسان ، یُس خصوصیت اردھناری نٹ ایشور ( شوجی ) پیٹھ پوزا
چھِ آسان ، یہ چھُ کلہن سُند تہٕ بیانہٕ ، تہٕ ہندکہ راجہ کِنس سأرِ سے
زمانس اندر چھِ ناگ تہٕ شوٕ پوزا برابر جأری روزمژ - بلکہ راج ترنگنی تہٕ
نیل مت پران چھُ ییتہٕ وَنان زِ کشیرِ ہُند راجہ اوس راجہ آسنہٕ ورأے
شوجی سُند جُز مانہٕ یوان -

## شوتنترک رواج

اسہ وُچھ زِ کشیرِ ہُند دھرم چھُ کتُر تہٕ پوزا آسان ییتھ منز شو متکہ
رسم داخل چھِ آسان گأمتی - بُدھ دھرم اژنہٕ وزِ اوس نہٕ اکھ دھرمس
کانہہ تہٕ مذہبی لٹریچر موجود ، بلکہ اوس یہ زبأنی تہٕ روایتی - یتھے
وجہ چھُ زِ کتُر تہٕ پوزا امزِ آسنہٕ کِنہ منز لوکو بُدھ تہٕ اکھ دیوتا - بدھ مت

یہ اِبتدأیی شومت چھُ پاشوپت نوعیتک آسان - مہابھارتچ روایت چھِ زِ
پاشوپت چھُ گوڈنی سری کنٹھن پرچار کران - یتھے سری کنٹھ چھُ کشیرِ منز
شواگم پرچار کرن وول مانہٕ یوان - ییتھ اندر پاشوپت شأمل چھُ ( صفہ ۱۵۲ )
مگر پروفیسر ال جی چھِ وَنان زِ پشوپت شو اوس جنوأبی ہندستانس اندر مقبول
کشیرِ اندر اوس نہٕ -

تہٕ مقامی برٛہمنن ہرگاہ پانہٕ وانٛی مذہبی مسلن پیٹھ اختلاف تہٕ آسہٕ ہے، عام لُکھ گیہ اَکھ اَکھ رلہٕ ملہٕ دھرم پانہٕ ناوان۔ دوشوہے کوٚر اکھ اَکس سیتہٕ اَلگ واس تہٕ اکھ اَکس پیٹھ تُروٚکھ سٔروٚن اثر۔ پیتھ یاٗ ھٹ گوٚیہ تہٕ اکھ مَت نوٚو دھرم جاری، یُس نہ اوس خالص بُدھ دھرم تہٕ نہ اوس خالص شَو بلکہ اوس بُدھ متک فلسفی یا فکری پہلو تہٕ شومتک رسوٗماتی پہلو ہیتھ۔ مگر یوٚہات سیدِتھ تہٕ اوس یہ نوٚو دھرم محض روایتی تہٕ کانٛہہ لٹریچر اوسس نہٕ ڈکھ کرٕ تھ۔ لہٰذا اشیدٕ شوتنتر خاطرٕ مادان ہموار۔ ییٚمہٕ عام لُکن ہنٛدِس اَتھ نوٚوس ملہٕ مشہ دھرمس لٹریچرکہ ذٔریعہ فلسفہ تہٕ رسم رواج عطا کوٚر۔ اَمہٕ کِنہٕ تہٕ چھُ شوتنتر کاشرِ بٹن ہُند دھرم، اگرچہ وونی چھِ اَتھ عاریاہ ویدی رسوٗمات تہٕ نٔلاونہٕ آمتی۔

یہ شوتنتر، یُس ہندوستانس اندر پادٕ اوس سپدمُت، چھُ الھٹورہ صدی اندر ییر وانہٕ تاوتس اندہ وعن خاندانن ہُند اَتھ۔ اکھ گوٚو سوٗتانند سُند خاندان تہٕ بیاکھ گو ابھنیوگپت سُند خاندان۔ سوٗتانند چھُ شوٗ دٕشٹی کتابہٕ ہنٛدِس اُخری حصس منز پانس تہٕ بیٚک اوٚل سُند وُہم ندٕ ونان۔ کُنہٕ ہم ندٕ چھُ سم گماد نیہ آسان۔ یہ سمگما دتیہ چھُ اکھ برٛہمن کوٚر نیتھرکران تہٕ پھیران پھیران کشیرِ واتان۔ یتہٕ چھُ مستقل بوٗدباش اختیار کران۔ اُمی سندہ پیٹھ سوٗمانندس نام چھُ ترپہ پیرہ ودتادنیہ

اَروناہتید تِہٕ آسٕنہٕ ۔

ابھنیوگیپت سُند بڈٕ جدِ چھُ کنوٗج شہرُک مشہور فلاسفر اترٕی گیپت ساتِھ۔ اُمِس پیٹھ للتادِتیہ ۷۴۰ء اندر کشیرِ انان۔ یتھ پاٹھی چھ کشیرِ منز شِو تنتر (خاصکر اُمٕسے تنتر) واتان۔ یُتھ کھاتہٕ بدھ متن مقام شور ب! چنٕ سیٹھاہ ژلیتھ زمین ہموار اُس کرمٕژ۔

## شنکراچاریہ سُند اثر

تقریباً نُوین شتکس وِزِ یِنہٕ چھُ کشیرِ ہِندِس مقامی دھرمس پیٹھ بدھ متکُ ژہ رودان۔ اَمیُک نتیجہ چھُ یہ ییران زٕ کاشرِ چھ تصوری فلسفس مُتعلق ادیاہ کیٛنہہ بوزان تہٕ تمہٕ پیٹھ وِژار کران۔ یہندِ دِل تہٕ دِماغ چھ یِہ ژٔٹن پیٹھ تیار آسان۔ تقریباً اَکِس ہتس وِرِیس اُسہ لُکھ ہندستان پیٹھہ یمین دُون خاندانن شِو تنتر رسم ادا کران وُچھان تہٕ تہندی فلسفی خیال بوزان۔ اَتھ تہٕ پینٕس نُوس ییلہٕ مشہ دھرمس اندر کانٛہہ بُنی یادی فرقہ ییہ کینٛہہ اوس واریاہ یہ قوی دل تہٕ کورمت۔ اُتھی سیٹھاہ چھ کمارل بھٹ (.. ہِندُستانس منز بدھ مذہبیچ بُنیاد ہلاوان۔ پیٹھ چھُ شنکراچاریہ

---

* یہ فلسفکی بڈٕی بارٕ مُصنف تہٕ بانی مُشکن سوقٕ نند، ابھنیو گیپت، بنٕرِ چھ یمیٛنی دُون خاندانن ہندی افراد اُسی ییتھ۔ شاید اَوہ کینہ زٕ تہٕ کُس عام کاشرین برہمنن مقابلہ اَرچ رِوایت ییر درییر زیادٕ موجود۔

نتہٕ ہندوستانس منز بدھ دھرمس آخری ٹاس والان تہٕ کشیرِ ییتہٕ بُدھ دھرمن مؤل اسی ورقی ہیتھ، چھِنہٕ اہنزن نظرن دوٗر روزان۔ روایت[1] چھِ زِ نوٗمہِ صدی ہندِس دوٚیمِس دٲہلِس منز چھُ یہِ کشیرِ نہٕ واتان۔ ییُتھس عظیم انسانہٕ سُند یور واتُن اوس سیٹھا اہم تہٕ یہِ چھُ مُقٲمی دھرمس بُدھ اثرو نِشہِ صاف کران۔ تمِس تنتر دھرمس یُس دوہ پیٚٹھ خاندانو یوٗرہ اونمُت چھُ آسان، زبردس ڈکھ کران۔ یتھہٕ پٲٹھۍ چھِ عام لوکھ شِو تنترس کُن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ یوان۔

## ترِکٕ گوٚڈ

شنکراچاریہ سُنز آمد چھ فلسفہ کِہ ہِ رستن ہندِ لحاظہ اَتھ شِو تنترس منظم پٲٹھۍ پیش کرنٕک ضرورت محسوس کرناوان۔ اَمِچ یِتھۍ منظم شکل چھِ یتھ ترکہ شاستر چھہ وَنان۔ اَتھ تُکس دُسلابہ کرن وول واسوگپت چھُ شنکراچاریہ سٕندِ یوہ ینہٕ پتہٕ دوٚیمِس دٲہلِس منز (۸۲۵ - ۸۵۰ء) ہمہ اوس[2] تنترن ہندین فلسفی خیالن پتِمین شِو سوترن اندر منظم شکل دِوان۔ شنکراچاریہ سٕندِ فلسفُک اثر چھُ ترکس پیٹھ تِیوٗت سُنزون تہٕ ٹاکارٕ زِ باسان چھُ زِ واسوگپت ما چھُ ذٲتی طور شنکراچارس سمکھمُت تہٕ تَسٕندی خیالات بوزِتھ ہیتھ۔

---

[1] شنکراچاریہ سٕندِ کشیرِ واتنچ چھنہٕ کانہہ تہٕ سکہ شہادتھ میلان۔

[2] واسوگپت اوس نہٕ ہمہ آوس شو تنترک بٲنی (بل جی)

مگر یل جی چھِ وَنان زِ ویدانتُک کانٛہہ اثر چھُنہٕ پرٛانین تہٕ کہ شاسترن اندر گژھنہٕ جایہِ تہٕ نظرِ گژھان۔ تکیازِ یہند اکھ چھُ شواگم زِ اُینشد یا شنکراچاریہ سِنٛزِ کتابہٕ۔

واسوگپتس مُتعلق چھ روایت زِ یہ اوس مہادیو گرِی پربت کِس دامنس تَل اکِس پہرِ منز رٲزتھ زِ اُمِس آو سرِی کنٹھ (شوجی) خابَس منز تہٕ تمۍ وَنُس شِوشاسترِچ تالیم۔ واسوگپت سُنٛز ذات بذات چھُنہٕ سیکہ باپتھ معلوم۔ اُمِس مُتعلق یہ کینٛژھا میلان چھُ، سُہ چھُ اُہندِس شاگرد بھٹ کلٹ سُنٛد بیان۔ تمۍ سُند وَنُن چھُ زِ یہ اوس اصلی شالمار باغس نزدیک ہارون روزان، چونکہ اُمی سُند یہ شاگرد اوس نوٕمہ صدی ہندِس اُخری حصس منز راجہ اونتی ورمن سِندِس وقتس (٨٥٥-٨٨٣ء) منز ا . اَوَرِ رٔنھ چھُ یہ کتھ صاف نَنان زِ واسوگپت تہٕ آسہا زیادِ کھوتہٕ زیادہ ا صدی ہندِس شورُوعس یا اٹھمہ صدی ہندِس اُخرس منز موجود۔ بہر حال واسوگپت چھُ گوڈنیُک توٲرِیخی اِنسان یُس شوسوترک مُصنّف چھُ اوسمت۔ اُمی سِنٛز مشہور کتابہ چھ شوسوتر۔

**بجہ شخصیژھ**

اُمی سُند ژاٹھ اوس بھٹ کلٹ۔ یُس نوٕمہِ صدی ہندِس اُخرس منز روزان اوس۔ اُمی پھالاو یہنٛس گوروسِنٛز تالیم تہٕ تتھ دِتُن مذہبُک درجہ تہٕ رنگ۔

بیاکھ بٔڈ شخصیت چھ شوماننٛد ٲسمٕژ۔ یہ اوس نوٚیمہ صدی
ہندِس ٲخرس منٛز روزان تہٕ یہ اوس پننِس ماٚلِس آننٛد سُند زاٹھ۔ یہ چھ
پننِس پانس ترمبک سُند وُہم زُر وَنان۔ چونکہ یہ اوس ابھنیوگپت سِندِس
گورہِندِس گورُسند گور تہٕ ابھنیوگپت سٕنٛز تأریخ پٲدایش چھ دٔہمہ صدی
ہندِس درمیانس اندر ٲسمٕژ۔ لہٰذا چھُ ممکن زِ شوماننٛد تہٕ آسہا بھٹ کلٹ
سُند ہم عصر۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ بھٹ کلٹ تہٕ چھُ ابھنیوگپت سُندُ پیرُ
گور آسان۔ مگر ابھنیوگپت چھُنہٕ کُنہ جایہ تہٕ اَمیُک تذکرہ کران۔

شوماننٛد سُندٕ شاگرد اوس اُتپل دیو۔ اَمی لیچھ "ایشور پرٛتیبھِنہ
بِجنا" تہٕ اَتھ اندر کٔرِن پننِس گورہٕ سٕنٛز تألیم زیادہ ویژھنہٕ یٲٹھی پیش۔

بھٹ کلٹ سٕندہ طرفہ چھ پرٛدمن بھٹ پرجنا ارجن، مہادیو
بھٹ تہٕ سری کنٹھ بھٹ گورُن ہنٛزہ ژُور پیٖرہ گژھان بیاکھ بٔڈ شخصیت
بھٹ بھاسکر ووتھان۔ اَہندِس مألِس اوس دِواکر ناو تہٕ یہ اوس سری
کنٹھ سُندٕ شاگرد۔ اندازٕ مُطابق اوس یہ کٔہمہ صدی اندر روزان۔ اَمہ
چھ "شوسوترواتِک" کتابہ منٛز واسوگپت سٕنٛز تألیم یوسہ اَمِس تام پیٖر در
پیٖر واتمٕژ ٲس، ویژھنأوِمٕژ۔

اُتپل آچاریہ سُند شاگرد اوس لکھشمن گپت تہٕ یہ اوس ابھنیو
گپت سُند گور۔ ابھنیوگپت اوس نہ صرف شوفلسفک بوٚڈ بارہ مُصنّف بلکہ

اَمہِ علاوہ اوس شاعری، ڈراما، گیٚیر تہٕ دۆیِمین مضمونن پیٹھ تہٕ زبردس عبوٗر تھاوان۔ ترٕکہٕ فلسفس پیٹھ اَمی سٕنٛزٕ مشہوٗر کتابہٕ چھےٚ ایشور پرٛتیہ بھجنا ومرشنی، تنٛترا لوک تہٕ تنٛترسار۔ اَمی ترٛوو کاشرس شومتس پیٹھ زبردس اثر، نہٕ صرف پننس وقتس منٛز بلکہ آینٛدہ لیکھن والین تہٕ رۆود یہوے در نظر۔ یہ اوس دٔہِمہِ صدی ہندِس درمیانس اندر زامُت۔ یہ گوٚ ہندوستان تہٕ جالندھرس اندر کوٗرٕن شمبھو ناتھس نِشہِ رۄحانی اطمینان تہٕ سکوٗن حاصل۔

ابھنیو گپت سٕند شاگرد اوس کھیم راج تہٕ اَمی یکہٕ ناوٚ پننس گۄرس سٕنٛز تالیم ہیچھنٕس برونٛہہ۔ کھیم راجن شاگرد اوس یوگ راج۔ اَمیٚ اَس ابھنیو گپتس نِشہِ تہٕ تالیم حاصل کرٕمٕژ۔ یمن سارِنٕے ہُنٛزٕ تالیم چھےٚ جیرتھ (۱۲ صدی) تہٕ شوہ پادھیاے (۱۸ صدی) برونٛہہ پکہ ناوان۔ اَمہِ پتہٕ چھےٚ کشیٖرِ اندر ترٕکہٕ فلسفُک تصنیف تہٕ تالیف ختم سپدان۔

## ترِکُک لٹریچر

ترٕکہٕ فلسفس پیٹھ یُس لٹریچر لیکھنہٕ چھُ آمُت تمہٕ چھہٕ ترٛیہ شاخ، یمن ترٛیہ شاستر تہٕ چھہٕ وَنان۔

۱۔ اگم شاستر۔ یم چھہٕ ییتھ پاٹھی اَسہِ وَنن، خدائی کلام مانہٕ یوان۔ روایت چھےٚ زِ یم چھہٕ پاروتی ہندین سوالن جواب دِوان شوجی مہاراجن بیان کرِمٕتۍ۔ اَتھ شاسترس اندر چھہٕ تم اصوٗل تہٕ عملہٕ بیان

پیپہ منزہ۔ ییمہ اتھ فلسفس سیتی تعلق چھ تھاوان۔ یمن شاسترن چھ ۹۴ تیداد۔ یمن منز چھ ۶۴ اَدوے، ۱۸ دوِیہ اَدوے تہ ۱۰ دوے اَگم۔ یمن منز ماکنی وجے، سوچھند، وجنان بھیرو، آنند بھیرو، متنگ، نیتر، نشواس سواہیمجھو تہ رور یامل زیادہ مشہور۔ یم اُسی تہ کہ برونٹھ موجود تہ یمہ منزہ واریاہن اندر اُس دوے اصولن ہنز تالیم پیش کرنہ آمژ، مگر یتولاکن آیہ یم اَدوے معنے مطابق بناونہ۔ یہندی دوے اصول رد کرنہ خاطرہ گیہ[1] شوسوتر (ظاہری طور واسوگپت سندی تصنیف) نازل، یہند خالق پانہ شوجی چھ مانہ یوان۔ یمن سوترن پیٹھ چھ نامولوم مصنف سندزہ ورتی علاوہ بھاسکر تہ کھیم راج سندی شرح موجود۔

۲۔ سپند شاستر: یم چھ شوسوترن پیٹھ مبنی تالیمہ ہندی پوت عکس۔ یم تہ چھ عملی یوگس سیتی تولق تھاوان تہ اصل فلسفس کن کیہہ پہن گژھان۔ اتھ شاسترس سیتی چھ بھٹ کلٹ سنز "سپند کارک" تہ کھیم راجنہ "سپند سندوہ" تہ سپند نرنے تہ پانہ واسوگپت سندی شوسوتر شامل۔ اَمہ سپند شاخکی مصنف چھ واسوگپت، بھٹ کلٹ، رام کنٹھ بھٹ بھاسکر، کھیم راج تہ اُتپل ویشنو اُسی میتو۔

---

[1] بل جی چھ ونان زہ یم سوتر چھ شو یوگ چہ کینہہ اہم عملہ بیان کران مگر شو فلسفس پیٹھ چھنہ کینہہ زیادہ روشنی ترٛاوان۔

۳- پرتہ بھجنا شاستر۔ یہ چھُ ترٛکٕک تہٕ باقی متن سیٖتۍ عام فلسفہٕ۔ یہ چھُ اَمہِ کین اصولن عقلی طور پیش کران۔ تِہُند منطقی دلیلو سیٖتۍ ڈٲکھ کران تہٕ خٲلفن ہندین خیالن تردیٖد دوان۔ اَمہِ شاستروک بٲنی چھُ شوٚمانند تہٕ اُمِس چھُ ترٛکہِ فاسفس، عاملاون کالہٕ نان۔

اَتھ شاخس چھُ شوٚمانندُن کتاب "شیو درشٹی" بنیاد ترٛاوان۔

اَمۍ دوٚیِمۍ اہم کتاب چھُ اُتپل دیوُن "ایشور پرتہ بھجا"۔ ہندوستانس اندر سیٚد تہٕ کہ خلسفہ عام طور اَمی تاریخ چھُ ہؠکیا زہ یہ شاستر، اَمکۍ جلدیاہ شرح تہٕ اَتھ متعلق دوٚیِم کتابہٕ یہ ترٛکہِ فلسفکۍ اہم حصہٕ۔ اَمہِ کین شرحن اندر چھُ ابھنیوگپت سُنٛز "ایشور پرتہ بھجا ومرشنی" تہٕ اُتپل سُنٛز ورتی سیٹھا مشہور۔

یِمو علاوہ چھُ کینہہ "ستوتر" تہٕ دوٚیِم تحریر یہ لیکھنہٕ آمتۍ یِم اَتھ فلسفس دعائیہ رنگس تہٕ روزانہ عملہٕ تہٕ رسمن ہندس صورتس منز پیش چھِ کران۔ آخرس پیٹھ چھُ ابھنیوگپت سُنٛز پانہٕ پنُنٛو مثال تہٕ عظیم کتاب تنترالوک یِوان۔ یتھ سِتہِ ترٛکہِ فلسفس پیٹھ پرٛیتھ پہلوکِنۍ مُفصّل تہٕ مکمل روشنی چھُ ترٛاوان۔

اَمہِ شاخکۍ اہم مُصنّف چھِ شوٚمانند، اُتپل دیو، لکشمن گپت تہٕ ابھنیوگپت۔

ہیم سأری مشانہِ چھِ ادمے شو تنترچ تألیم دِوان تہٕ اُکھ

چھِ ترٚکہ شاستر یا فلسفہ وٲنان، یُس کشیرِ ہُند خاص یادادار چھُ۔ ہرگاہ یِتہٕ

پیٹھہٕ کالہٕ شو پُوزا عام آہسے نہٕ، بدھ دھرمس تہٕ شو مَتس بلہٕ مشہٕ گژھت اکھ

نوٚشکل نگژہے نہٕ، ہندستانس پیٹھہٕ شو تنتر مانن وألی زٕہ خاندان[1] یور اُژہِن

نہٕ، تہٕ بہلہٕ پایہ شنکراچاریہ یِنہٕ فلسفک پرچار کران یور واتہے نہٕ، ترٚکہ فلسفہ

آسہے نہٕ یِتہٕ یادہٕ سٕیدٕمت، تکیازِ ترٚکہ فلسفہ چھُ بُنیادی طور شومت،

بدھمت تہٕ شنکراچاریہ سُندِ ادٕے ویدانت فلسفہ چھِ بلہٕ مشہٕ[2] ہُند اکھ بہترین

نمونہ تہٕ اکھ بہترین شکل۔

## ترٚکہ تہٕ عام لُوکھ

عام لُوکن ہندِس بلہٕ مشہٕ دھرمس پیٹھہٕ اسادٕ سٕید تھہٕ تہٕ گو، ترٚکہ شاستر خالِص فلسفیانہ

تہٕ اخلأقی آسنہٕ کِنہٕ صرف سنسکرت دان مذہب وار طبقس تامے محدُود تہٕ

عام لُوکھ رُودی بییہٕ پرأنی پیٹھہٕ شو مَتس پیٹھہٕ یکان تہٕ شاید اُتھ فلسفہ واجنہٕ

---

[1] سم گُپت سُند خاندان ادٕس بےشک شو تنترُک پیروکار مگر اترِی گُپت سِندِس خاندانس مُتعلق ہیکو نہٕ یہ سیکہ پأٹھ وٕنِتھ (بل جی)

[2] کشیرِ ہُند شو فلسفہ چھُ ویدانتہ ادٕے تہٕ بُدھمت کہ دٕجنان وادہٕ نِشہٕ

بلکُل الگ چیز۔ اتھ چھُ پننُ الگ وجُود تہٕ دوہ تھہٕ یوٗ، اوٚہٕ کِنہٕ ہیکوٚ نہٕ اتھ

ویدانت تہٕ بدھ مُتیج "بلہٕ مش" وٕنِتھ (بل جی)

جمٲژ سیٹھہ رٲژنۍ کِھ کیمہ دلچسپی تہٕ لیف لاف۔ چنانچہ کلہن سٕنٛزِ راج ترنگنی (یُس سہٕ تتہٕ کہ شاستر یادٕ گژھنہٕ پتہٕ تہٕ تژیبیہ ہتنہٕ فہرک لیکھنہٕ آیہٕ) چھنہٕ اَتھ مُتعلق کُنہٕ تہٕ اِشارہ کران۔ حالانکہ یہٕ اوس اَکھ اہم واقعہٕ۔ اَتھ برعکس چھہ شو ہندرن ہندِ بناونک تہٕ کیٛہہ صدی پتہٕ تام پرانہٕ پاشوپت شومتیچ روایت عام آسنک تذکرہ کران۔

# (ب) فلسفہٕ

ترٛکہ فلسفہٕ چھُہ واسوگپت سنٛدرٕ پیٹھ شوٗروع سَپدان تہٕ اُبھنوٗگپت بنٛزرٕ "تنترالوک" کتابہٕ تام تکمیلی شکل لبان۔ تنترالوک چھہٕ بأہن جلدَن پیٹھ مُشتمل۔ اَتھ اندر چھُہ ترٛکہ فلسفہٕ دُلیلہٕ دِتھ وِیژھناونہٕ علاوٕ اُمہ کین ہمہ اوس عقیدَن، رسمن تہٕ گُپتی ہندین طریقن مُتعٔلق پوٗرٕ تفصیل موجوٗد۔ سیٹھی چھہٕ اُمِکہِ زٕ شاخ سپنہ تہٕ پرِتہ بھجنایہ کُل فلسفکی جُزٕ بنأدِتھ پیش کرنہٕ آمتۍ۔

## ترٛکہ تہٕ اَمیُک مقصد

ترٛکہٕ مُطأبِق ہیکہ نہٕ "اعلا حقیقت" انسأنی لفظن تہٕ تصوٗرس اندر یتھ۔

یہِ حقیقت یتھ یأتھ ینٛنس ذاتس اندر چھُہ تتھ پیٹھ چھُنہٕ یہِ فلسفہٕ بحث کران۔ مگر اَتھ حقیقتس چھُہ کأینات وِدہ یزاونُک پہلو تہٕ۔ ترٛکہ چھُہ یوٗہے پہلو وِیژھناوان۔ چونکہ یہِ فلسفہٕ چھُہ بُنیأدی طور ہمہ اوس

(اَبھید واد) عقیدُک قائل۔ اَدہِ کنھ چھُ یہِ ویدانت فلسفس سیتۍ واٹھ کھوان۔ یہِ اَتھ چھُ اَتھ شنکر آچاریہ سِنٛدہِ عظیم فلسفک ہیوُمُت، مگر یہِ چھُنہٕ اَمکو پٲٹھۍ ویدن تہٕ اُپنشدن ابدی تہٕ آخری کتھ مانان۔ یہِ ہُمن چھُ اَتھ اندر بُدھ تہٕ سانکھ فلسفہ ہیوٚٹھ آمُت۔ شاید اَمی کنھ کوٚر نہٕ یہِ فلسفہ برہمنو زانہہ تہٕ قبوٗل۔

ترِکہ فلسفہ چھُنہٕ ذات پات چہ حدبندی مانان۔ یُس اَکِس علم تہٕ عرفان حاصل کرنُک شوق آسہ، سُہ ہیکہِ اَتھ پان ناوِتھ۔ ویدانتکہ پٲٹھۍ چھُ یتہٕ انسانس عرفان ذات ہیوٚچھ ناوان تہٕ یمو طریقو سُہ حاصل چھُ سپدان۔ تِم تہٕ چھِ دوشوٕنی اندر مُشترکہ۔ یعنے غفلتُک پردہ ہٹاوُن۔ مگر عرفان ذاتکِس تصورس ہیوٚٹھ چھُک پانہٕ وٲنی یختلاف۔ ویدانت مُطٲبق چھُ عرفانِ ذات وِزہ انسانس پننُی سورُے "مولوٗم" نابود گژھان۔ مگر ترکہ مُطٲبق چھُ عرفانہٕ پتہٕ تہٕ خٲرجی دُنیا موجود روزان۔ البتہٕ یہِ چھُ اَکِس صحی تناسبس اندر بروٚنٛٹھ کُن یوان۔ اَتھ عرفانس چھُ ترکہ پرتہٕ بھِجنا (کاشرِ اَوِتھ پرزہ ناوُن یا پچھانہٕ زان) وَنان۔ دوٚیمَن لفظَن منٛز وَنو اَسی زِہ جیوَن مکتی ہندِس حالتس منٛز چھُ اَکھ شخص پننِس پانس اَکھ سۄ مطلق حقیقت وُچھان یُس سارِنٕے چیزن ہُنٛد مُکمل کُل چھُ۔ یِمہ اندرہٕ پرتھ چیز نیران چھُ۔ تہٕ یتھ اندر سورُے واپس اژان چھُ۔ یہِ شخص چھُ پرتھ چیزس پننُے پان ڈیشان۔

## پرتہٕ بھجنا یعنے پچھانہ زان

پرتہٕ بھجنا یعنے پچھانہ زان (یا پرزہ

ناوُن م چھ تھۆد عملہٕ وَنان یِمہٕ سیتی اَسی پننہٕ شعورُچ پرٲنۍ حالت ژٕ تس پٲٹھ
نوٚو شعورٕچ حالَژ سیتی رٕنٛدُن چھُن ۔ یہِ چھُ اَکھ قسمُک عقلیہٕ[1] وزنا و یِمہٕ سیتی
اَسی نوٚو شعوٗرکہ پادٕ پیٹھ پرانہٕ شعوٗرٕچ ہیرٕ کُن قدم چھ کھالان ۔ اَتھ عملہٕ
اندر چھُنہٕ صرف غفلتُک پَردٕ ووٚتھنُے یوت کٲفی بلکہ یہِ پَردٕ وُتھنہٕ پتہٕ
کینٛژھاہ اَسی وُچھو، سُہ چھُ تِمن خیالہٕ صُرژن (IMAGES) سیتی رلاوُن
ضروری، یِمہٕ اَتھ مُتعلق اَسہِ بُروٚنٛہہ قٲیِم آسہِ کرٕ مژٕ ۔ مثلن اَسہِ چھُ کانٛسہ
شخژٕ سینز خیالہٕ صُرژٕ بناوِمژٕ زٕ سُہ چھُ یِمہٕ اَنہارٕ تہٕ خولہٕ خط ۔ اَکہ دوہہ چھُ
کُنہٕ مجلسہٕ منز اَسہِ تس سیتی تعارُف سپدان ۔ اَسی چھ یکدم وَنان "بیشک
چھُ یہِ سُے ۔ تمی اَنہارٕ تہٕ خولہٕ خط، یُس میہ اَمس متعلق قٲیِم اوس کوٚرمُت"
اَتھی عملہٕ چھ پیچھانہٕ زان وَنان ۔ پیچھانہٕ زٲنۍ اندر چھُ سُہ حاضر یا بُروٚنٛہہ کنہٕ آسُن
ضروٗری یُس سیتی پرٛون یادداش رلاونہٕ ییہِ ۔

تر کہ مُطابق چھُ عرفان دوٚن قسمہٕ ۔ اَکھ گو عقلی تہٕ بیاکھ گو رُوحٲنی
غفلتُک پَردٕ ووٚتھنہٕ بروٚنٛہہ یِمہٕ خیالہٕ صُرژٕ اَسی بناوان چھِ، تِمن چھِ لازمی
کُنہٕ علمی یعنے واقفیت چہ بُنیادِ پیٹھ آسان ۔ یہِ علم ہیکہ ہمہ اوس فلسفک

---

[1] پرٛتہ بِجنا چھ اَکس شخژٕ سنٛدِس اَکہ قسمہٕ پنُن صحی سعہ باو زانُنس وَنان
یُس زَن حد بندی روٚس خالِص شعوٗر چھُ تہٕ یُس دیٚپہ باوچہ زیرِ سیتی
ارتعاشس اندر چھُ ۔

پرانِن تہٕ آگمن ہُند مُطالعہٕ اُسِتھ - اَتھ عرفانس چھ عقلی عرفان (بوٗزگیٛان) وَنان - اَمہِ عرفانہٕ سیٖتۍ چھُ انسان دُیہی نِشہِ بالا سپدان تہٕ کُنیر وُچھان - سہٕ کُنیر تہٕ پننہِ پانہٕ کٕے ظہوٗر - اَتھ مقابلہ یِلہِ انسان کأنسہِ گوٗرس نِشہِ رُوحانی شیٚچھ (دِکشا) چھُ رٹان تہٕ غفلتُک پردہٕ وَتھِتھ چھُ رُوحانی طور تجربہٕ دَشایہِ واتان، سہٕ چھُ تہٕ وُچھان یِتھیٚک اظہار ممکن چھُنہٕ - اَتھ چھ رُوحانی عرفان (بیٛہ رِش جیٖانٛ) وَنان - یہ رُوحانی عرفان ہیٚنِس پرأنِس عقلہِ عرفانس سیٖتۍ رَلاوُن گوٚ یہچھانہٕ زان - دوٚیمِن لفظن منٛز وَنو اَسی زِ پننہٕ ذات چہ فطرژ تہٕ ہینِس کأیناتس مُتعلق تمام ذہنی انتشار دوٗر کرُن گوٚو عقلہِ عرفان - اَمہِ لحاظہِ چھُ رُوحانی عرفانہٕ کھوٚتہٕ عقلہِ عرفان زیادہ اہم تکیازِ اَمہِ ورأے ہیٚکی نہٕ یہچھانہٕ زان ممکن سپدِتھ[۱]۔

اعلیٰ حقیقت پرزِناوُنُک مَعنے گوٚو یہ زِ یہ زِ اعلیٰ حقیقت تہٕ تیتھ پرزِناوَن وول چھِ زِ الگ وجود - تکیازِ پزِ یتھ انسان چھُ اعلیٰ حقیقژ ہُند ظہوٗر - سہٕ ظہوٗر یُس نہٕ اعلیٰ حقیقژ نِشہِ بدوٗن چھُ - یہ چھُ اعلا

---

[۱] اگرچہ عقلہِ عرفان چھُ زندگی منٛز یِسے انسانس حکمت بناوان - مگر رُوحانی عرفانہٕ ورأے چھُنہٕ یہ مُکمل مُکتی ہُند ضٲمن - لیکن رُوحانی عرفانس تام تہٕ ہیٚکہِ نہٕ انسان اَمہِ ورأے وأتِتھ - لہٰذا چھ مُکمل مُکتی ہِندِ خٲطرِ یِم دشوٕنوے لأزمی -

حقیقتٕچ یِمہٕ سٕے انسٲنی رۄپ اختیار چھُ کران۔ اَوے نٕہ چھُ ترکس انار عرفانُک مٕعنے پننہٕ ذات پٕرزناوٕنی۔ یٕہٕے ذات چھُ حقیقت تہٕ اَمہ نیبر چھُنہٕ بیاکھ کانٛہہ تہٕ حقیقت موجوٗد۔

## اعلا حقیقژٕ ہٕندی سرۄپ

پرٛیتھ ذاتَس اندر حقیقی تہٕ اَندرٕکۍ ذاتھ بُنیٛتھ اَتھ اعلا حقیقژٕ چھ تہٕ کہ مُطابق ترٕبہ بُنیٛادی سرۄپ تہٕ پرٛیتھ سرۄپَس چھ الگ الگ نوعیتہٕ مُطابق مُختلف ناو دِنہٕ آمٕتۍ۔

١۔ اُنتٔر یا پرم شِو[1]۔ اعلا حقیقت یتھ پاٹھٕی پننِس ذاتَس اندر چھ یا دوٚیمِن لفظَن منٛز یِیٚلہِ تمام ظہوٗر اَتھ سیٖتۍ مکمل گنٛڈِتھ چھ حالتس منٛز چھ آسان، اَتھ چھ بالاگُنٕر (اُنتٔر) وَنان۔ اَتھ حالتَس اندر نہٕ چھ اعلا حقیقت یِہ یا یُہ تہٕ نہ چھ نہٕ یِہ یا نہٕ یُہ۔ یِہ چھ "سورُے" مگر سُہ سورُے نہٕ یَتھ یِمیُک اَسہ محدوٗد ذٕہنہ مُطابق تصور چھ کران۔ بالاگُنٕر چھ یِہ حالت یِکہٕ نہٕ لفظَن، تصورَس یا احساسَس اندر ییتھ۔ اَتھ ہیکو نہٕ "شُنیٛ" وٕنِتھ ہِکیازہ "شُنیٛ" چھُ پانہٕ اَکھ لفظ تہٕ اَمیُک چھُ اَسہ خاص تصور

---

۱؎ اُنتٔر چھ مطلق حقیقت یِمہٕ سٕے سارِیی پٕدٕرس پانس منٛز پننہٕ خود موختار حدبندی ورائے تہٕ گنڈہٕ یرادہٕ رٛکنہٕ دریٚنٛتھ ناوان چھُ۔ (دِل جی)

اعلا حقیقتچہ اُتھو حالتہٕ چھہ ابھید[1] ونان

۲۔ شوٚ۔ بالا گنہٕ ئیلہِ گنس اندر تبدیل چھُ سپدان۔ اُتھ چھُ شوٚ ناو پیوان۔ یہِ چھہ بالا گنہٕ نہٕ دُیی ہنٛز زٕلہِ بلہ حالت۔ اَمہِ وِزہِ یہِ چھُنہٕ وُنہٕ ظہورو وجوٗد آسان لوبمت۔ مگر تہندہ ظاہر گژھنچ اکھ اُدریٚنٛٹھ حالت چھُ یادِہ آسان سپزمژ۔ یہِ چھہ "شوہ دِ ظہوری" حالت۔ ہرگاہ اُسی اُنتہٕ بیاٗلی پھول مانون یتھ اندر آیندہ گُلیکھ یعنے لنگن لنجن، پوشن وٕ ٹھرن تہٕ میوَن ہنٛزہ مختلف شکلہِ ناقابلِ بیان طریقہ موجوٗد چھہ آسان شوٚ چھُ اَتھ بیاٗلی پھلس "زواژنچ" سوہ حالت، یمیک کانٛہہ آثار وُنہٕ بیاٗلی پھلس اندر ظاہری طور دریٚنٛٹھ چھُنہٕ یوان۔ اگرچہ اعلا حقیقژ ہنٛز یہِ حالت چھہ گوڈنچہ حالژ نشہِ مختلف، تو تہٕ ہیکہ نہٕ اَتھ سوٗن علم صحی پاٹھو احاطہ کرِتھ۔ زیادِہ کھوتہٕ زیادہ ہیکہِ اَسی اُنمہٕ وَن اُگمن ہندہ مُطالعہ سیتۍ سپدِتھ۔ اعلا حقیقژ ہِچہ اُتھی حالژ چھہ بھید ابھیدُ ونان۔

۳۔ مہشوٚر[2]۔ یمہِ وِزہِ اعلا حقیقت امتیازی وجوٗد

---

[1] اُنتہٕ وک تصوّر چھُ ویدانتکس "برہمن" نظریس سیتۍ وارِیاہ ہشر تھاوان۔ (وُچھو صفحہ نمبر ۶۰)

[2] مہشور بطور اکھ الگ تتھ چھُ تامل علاقہ کس شو سدھانتس اندر مانتہٕ آمت۔ کشیرِہ ہندس شومتس اندر چھُنہٕ۔ (بل جی)

چھُ لبان ، تتھ حالژ چھ مہشوٗر ؤنان ۔ یہ بوزِو تو بیہ ئلی پھلیٖچھ "ہنبری زِو ہ نیچ[1]" سہ حالت یوس یہ بروٗنٹھ ہیو دِتھ یو حالتو نِشہ سیٹھاہ مختلف چھ ، مگر تو تہ ہیکہٕ نہٕ بیا کیچ تہ تھورِچ کُنہ پاٹھی الگ الگ پچھان سپدِتھ ۔ شو سیندِس "شمہ د ظہورس" مُقابلہ چھُ مہشوٗر " اشمہ د ظہورِچ " نمایندگی کران ۔ امہ لحاظہٕ چھُ مہشوٗر تہ ابدی تہٕ ازلی یکیا زِہ کاینات تہ چھُ تی ۔ یہ چھ قادرِ کُل یمس پننہ قسہ درژ بیہٹھ پوٗرہ دسگاہ حاصِل چھُ ۔ یہ چھُ تمہ سارِ کُے بُنیاد (SUBSTRATUM) یہ کینژہ ہا خارجی طور وجود چھ تھاوان یہ چھُ زمانہ مکانہٕ تہٕ روٗپن ہِنزِہ حد بندی نِشہ بالاتر ۔ یہ چھُ خود بذات روشن ہستی یتھ سیتی ساریٖ ظہوٗر وابستہ چھ ۔ یتھ پاٹھو زِ ن رِہ سیتی زِژِہ وابستہ چھ آسان ۔ یہ چھُ نوٗر مگر نوٗر کین تمام آگرن ہُنہ آگر ۔

یہ چھُ محض داخلی تہٕ اکھ کُنُ ہیکہ نہ خارجیت منسوب سپدِتھ ۔ انفرادی آتما چھ محض اَمِچ ظہوٗر ۔ یُوہے عالمگیر آتما چھُ بے شُمار جسمو رِکنو وُچھان تہ بوزان ۔ اوے چھ اکھ "فرد" ؤنان ۔

---

[1] اسلامی تصوّف حسابہٕ ہیکو یمن ترین حالژن احدیت ، وحدت تہ وحدانیت وٕنِتھ ۔ (وُچھو صفحہ نمبر ۱۲۴)

## اعلا حقیقژ ہنز ہ شکتی

گو یا مہیشورس یا شوس چھ زٕہ پہلو اَکھ گوٚ ذاتی بیا کھ گوٚ صفائی۔

ذاتی پہلو کنہ چھُ یہ اعلا حقیقت تہٕ تمام کاینا تی ظہوٚرو نِشہِ بالاتر بےبیان ذاتس اندرٕ مس، مگر صفائی پہلو کنہ چھُ یہ تمام ظہوٚرن ہُنٛد وۄپزاوَن ہار، تیمَن بیحاطہ کرِتھ تہٕ تِہُنٛد اَندرِ ہو آتما بنِتھ تِہنٛز پُتِھ پناہی کران۔

اعلا حقیقژ ہُنٛد یہوے وۄپزاوَن ہار پہلو چھُ یتھ شکتی چھِ وَنان۔ چونکہ شکتی چھ اَمیُک محض اَکھ پہلو، لہٰذا چھُنہٕ یہ کُل حقیقژ نِشہِ الگ یا بدٕون۔ نار تہٕ تمہِ کہ زالن طاقتھ یا ٹھُو چھ شوٚ تہٕ شکتی اَکے حقیقت، اگرچہ ناو چھُکھ مختلف یا ٹھی ہِنہٕ پیوان۔ عام طور چھ اعلا حقیقژ ہُنٛد ذاتی پہلو نہٕ تہٕ صفائی پہلو مادہ گنزراونہٕ یوان۔

اعلا حقیقژ چھ واریاہ شکتی (قوتٕژ) یہ سون "واریاہ" وَنُن یا اَکھ شکتی دوٚیمہِ نِشہِ الگ ژارُن چھ محض رسمی تہٕ فرضی فرق

---

۱ تژکہ چھُ در اصل مہشوٚر شُندُے وجوٗد چھکاوان۔ یکبازٕہ اَنٛتر تہٕ شو چھ بیانہٕ تہٕ تصوٚرہ نیبر۔ لیکن توٚتہِ چھُ تہشوٚر بدلہ عام طور شوٚ ناو استعمال سپدان۔ اگرچہ مطلب چھُ یہوے مہشور آسان۔

یہنہٕ پأٹھؠ اُسو نارٕکۍ مختلف تأثیرو چھِہ تتھہٕ کنۍ زالن شکتی ، گاشہٕ شکتی یا تیزرٕ شکتی بیون بیون منسوب چھہ کران۔ تتھۍ پأٹھۍ چھہ اعلا حقیقتس کنۍ منسوب ساری شکتی دراصل اکی ہمہ گیر شکتی ہِندۍ مختلف پہلو۔ اَتھہ ہمہ گیر شکتی چھہ وِمرش[1] وَنان۔

تِرِکا چھِنہٕ دوٚہ یہٕ قسمکۍ ظہوٗر وہرٕتھ ناوان۔ داخلی تہٕ خارجی۔ یہٕ کتھہٕ سمجنہٕ خاطرٕ نیتون بتیہٕ بیأکھ بیأل پھوٚل۔ اَتھہٕ اندر چھہٕ لگن۔ پوشن تہٕ میوَن ہنزٕ مختلف شکلہٕ برونٹھے موجود۔ یمہٕ داخلی بے بیان شکلہ بینین الگ حالژن اندر تھاونہٕ چھہ وویزاوٕن شکتی (کریتزتو شکتی) ہنز کام[2]۔ اَتھہٕ مقابلہٕ ییلہٕ بیأل پھوٚل زیوٕن چھُہ ہیوان تہٕ داخلی شکلن ظاہری وجود لبنکۍ سبب چھُہ بنان یہٕ چھہٕ وِہا تہٕ شکتی (وِجنا تہٕ تو شکتی) ہنز کام گنزراونہٕ ییوان۔

دوٚہ یزاوٕن شکتی تہٕ چھہ زٕ پہلو۔ کِریا شکتی تہٕ کال شکتی۔

---

[1] وِمرش ورائے چھہ اَتھہ سوا تنتر شکتی ، چیتن ، سپھورتا ، مہاست تہٕ پرٕ واک ناو نہٕ مختلف نظریو مطأبق دِنہٕ آمتۍ۔

[2] کشیرِ ہِندِ شو شاستر مطأبق چھہ پرم شو سنزن پٔنژ بأڈی شکتی ین ہنز وہرٕ تھنے یہٕ۔ چت ، آنند ، اچھا ، گیٖنان تہٕ کریا۔ (بل جی)

۱۔ کرِیا شکتی ۔ یہِ چھےٚ اعلا حقیقژ ہُنٛد کانٛہہ تہِ شکل صوٗرت
اختیار کرنہٕ یا وہپُز اونہٕ شکتی ۔ تژ کہ مُطابق چھےٚ کائنات اعلا حقیقژ
ہُنٛد ظہوٗر یِتھ پٲٹھۍ خابس اندر کانٛہہ دورِ ووٗن انسان سانٛین ذہنی
تاثراتن ہنٛدِ طویل ترتیبی سلسلک پٲداوار چھُ آسان، تِتھےٚ پٲٹھۍ
چھُ عام دُنیاوی زندگی منز تہِ پرٛیتھ کرِیا (عمل) ظہوٗرن ہنٛدِ طویل ترتیبی
سلسلک پٲداوار ۔ تہِ گوو یہِ زِ مثلن "پکُن" چھُ دراصل سانٛین لاتعداد
حرکژن ہُنٛد مجموعہ ۔ یِمہ حرکژ چھُ تِمہِ تیزی سان سپدان زِ اَسہِ چھُ
پکُنُک "گُمانہ" سپدان ۔ لہٰذا چھےٚ کرِیا شکتی تِہنٛزن داخلی ظہوٗرن ہُنٛد
سبب یِم بٲہِر ظاہری طور علمہ چہ شکتی سیٚتۍ ظہوٗر چھےٚ لبان تہِ عملہ
ہُنٛد پاس دِوان ۔ یہِ شکتی چھےٚ تِہنٛزن تمام ظہوٗرن ہُنٛد تہِ سبب یِم زمانکۍ مکانکۍ
تعلقکۍ تہِ دوٚیِم نظریہ پٲدٕ چھےٚ کران ۔

۲۔ کال شکتی ۔ اَسہِ وُچھ زِ کرِیا شکتی چھےٚ ظہوٗرن ہنٛدٕ
طویل ترتیبی سلسلک نتیجہ ۔ یہِ طویل ترتیبی سلسلہ چھُ ہانٛکلہ ہنٛدین
کرین ہنٛدۍ پٲٹھۍ مختلف جُزن ہُنٛد بنیومُت ۔ یِمن جُزن ہنٛدٕ پرٛیتھ جُز کرٕ
الگ الگ ظہوٗرُک کارن چھُ کال شکتی ۔ کتھ صاف کرنہٕ خاطرٕ وَنو اَسہِ
یِتھ پٲٹھۍ زِ تمام ظہوٗر چھےٚ مختلف جُزن ہنٛدِ رلہٕ ہشہٕ سیٚتۍ ترتیبی شکل
لبان ۔ یِمن جُزن اندر چھُ پرٛیتھ جُز کال شکتی سیٚتۍ وجود لبان تہِ کرِیا شکتی

چھہ یِمَن سارِنے چیزن یکجا کرِتھ ترتیبی شکل دِوان۔

وۄنۍ تہٕ شکتی چھہ ترٚیہ پہلو — گیان شکتی، سمرتی شکتی

تہٕ اپوہن شکتی۔

(۱) علمہٕ شکتی۔ شۄد تہٕ سادہ شعوُرُک طاقت

یتھ اندر نہٕ کُنہٕ احساسیچ یا یرادچ لاگ آسہِ، گۄو علمہٕ شکتی (گیان شکتی)

یہٕ شکتی چھہ تمام چیزن پانٚس تہٕ اکھ اکِس سیتی شعوُری تعلُق یادہ

کران تہٕ سُہ تعلُق برقرار تھاوان۔ تِرکہ مُطابق چھہ پرم شو اکھ سمندر تہٕ

علمُک پدیدہٕ (PHENOMENON) چھہ اَتھ سمندرس اندر گۄیانہٕ

لہرہٕ۔ یِمو منزٕہ چھہ اکِس لہرِ اثر رٹنچ صلاحیت تہٕ دۄیمہ چھینہٕ۔ گۄڈنچ

لہرِ چھہ محدود ذی شعور ظہور (زیو آباس) تہٕ دۄیمہ چھہ غاٗر ذی شعور ظہور

(جڈ آباس) وَنان۔ یتیمہ وزِ ذی شعور لہر پانٚس سیتی دۄیمہ تھ وُنہٕ غاٗر

ذی شعور لہرِ ہِنٛد اثر چھہ رٹان، اَمہِ وزِ چھہ علمُک پدیدہ وجوُد لبان۔

لہاذا یتھ اَسی علم چھہ وَنان سُہ چھہ محض شعوُرِچ متأثرہ ذی شعوُر لہر علمہٕ

شکتی چھہ پرم شو یا عالم گیر شعورچ سہ صلاحیت یۄسہ یِمَن دۄشونی

لہرن گُلان تہٕ برقرار چھہ تھاوان۔ اَمہِ لحاظٕ چھہ علمہٕ شکتی کارن تہٕ علمُک

پدیدہ چھہ کارے (نتیجہ)

(۲) یادٕہ شکتی۔ ذی شعوُر لہر چھہ مستقل آگرِہ منزٕہ

نیرٕن واجنہٕ۔ اَکھ اَنی لہر پیہ آگُر چھُ تل شعوٗری (SUBCONSCIOUS)

حالتس اندر کُنہ چیزس کُن لہر سوزان تہٕ تمہ نِشہ کُنہ قسمک ترغاب رٔٹتھ

تتھ برقرار تھاوان۔ گویا یادہٕ شکتی (سمرتی شکتی) سیتہ چھُ پرم شوٗنیہٕ

پان انفرادی آتما چہ تیتھہ شکلہِ اندر ظاہر کران، یُس بیہ خارجی ترغابن

ہُندیہ اَثر قبوٗل کرِ۔ تم اثر ییم کُنہ چیزس وُچھنہٕ وزِ اَمی رٔٹ تھوٚ آسن تہٕ

تِتھی ییہ ہوس کُنہ چیزس وُچھنہٕ وزِ دُبارہ یاد کرنس قابل آسہ تہٕ

ییتھ پاٹھی بناوِ بدس کال تہٕ پتس کال کین دوشوٗنی تجربن ہُند گُنہ ممکن۔

اَمہ لحاظہ چھُ یادہٕ شکتی کارن تہٕ یادٕک پدیہ چھُ کارسے۔

۳- امتیازہٕ شکتی۔ اَسہ چھِ وَنان زِ سوٗرُے کینہہ

یہ وجوٗد چھُ تھاوان، چھُ اعلاحقیقتس اندر موجوٗد۔ لہٰذا ہیکوٚ نہٕ اَسہِ

کانہہ چیز اَمہ نِش بدٕن گنزراوِتھ۔ مگر وُچھنہٕ تہٕ یادہٕ خاطرہ چھُ اَسہ

تِتھی زِ وجود فرض کرٕنی پیوان۔ ییمن منز اَکھ وُچھن وول تہٕ بیاکھ "یہ وُچھنہ

ییہ" آسہ۔ یُتھے یوت نہٕ بلکہ ییم وجوٗد آسن عالمگیر شعوٗرہ نِشہ تہٕ الگ تہٕ

اَکھ اَکِس نِشہ تہٕ بدٕن۔ تتھ کِہ چھُ اَتھ نوٚکتس امتیازہٕ شکتی (اپوہن

شکتی) سیتہ حل کران۔ یہ شکتی چھ پتہ ییتھ ظہوٗر (خواہ سہ ذی شعوٗر چھُ

یا غیر ذی شعوٗر) تیتھ پاٹھی ظاہر کران زِ سہ چھُ عالمگیر شعوٗرہ نِشہ

تہٕ بظاہر الگ تہٕ باقی ظہوٗرن نِشہ تہٕ بدٕن۔ اگرچہ درحقیقت چھِ اَمہ ظہوٗر

وِزہ تہٕ سٕہ پننہٕ مُشترکہ بُنیادٕ ( پرم شو ) سٕیتۍ اتھ حیثیتہٕ وابستہ۔ لہٰذا
چھہ یہ شکتی محدود آتما کِہ مُشخص علمک کارن۔ یہے پانٕہ چھ بُنیادی شکتی
چھہ، یہوٕ کنہ پرم شو پننہ پان کائنات چہ شکلہِ اندر ظاہر چھُ کران۔ سٕہ چھُ
یہ سوٕرۍ کینژہ پننہِ آزاد ارادہ سٕیتۍ کُنہِ تہٕ غائبر یا موادہٕ روٚس خالص
پننہِ شکتی سٕیتۍ تہٕ پانہٕ کائناتک بُنیاد بنیمتھ کران ۔ اگرچہ یہ سورُے کرِتھ
تہٕ چھُ سُہ اَمہِ ظہوری کائنات نِشہٕ بلکل غاٲر متاثر یا ٹھ پننِس ذاتس
اندر بے بیان صورتھ اندر موجود۔

## آباسہٕ[1] واد تہٕ پرکاش وِمرشہ

یہ کینژھا اعلا حقیقتھ نِشہِ وجود چھُ لبان، تمہ
خاطرہٕ کوٚر اَسہِ وونیک تام اَکھ عام لفظ "ظہور" استعمال۔ مگر تژکہ چھُ

---

[1] آبھاس روٚس ابدی طاقتور شعور چھُ پوٚرہ حقیقت۔ یُتھ
کانہہ چیز چھُ پننہِ طاقت ور یژھایہ کنہ تتھ شعورس منز آسائی
سان باسان۔ اَوے چھُ سورُے باسہِ وُن زگت پراشکتی منز۔ پوز۔ یُس
صرف شعورس دھارن کران چھُ۔ یہ زگت چھُ صرف اَمیک آباس
یُمیک سمبادھ چھُ وِمرشن تہٕ وُسمہِ پیوٚن۔ اَمیک باسُن چھُنہٕ ابدی
مگر یہ چھُ فانی۔ کشیرہٕ ہندِس فلسفی چھُ اَکھ ( باقی بروٚنہِمس صفحس پیٹھ )

اَمہٕ خاطرٕ اَکھ خاص لفظ آباس استعمال کران، اَمیُک لفظی معنے گوٚو ناپُن (SHINING OUT) یہ چھُ اَکھ ظہوٗرٕی عمل۔

اَسہِ برونٛہہ کنہٕ چھُ اَکھ وسیع کائینات۔ اَتھ کائیناتس اندر چھِ اَسہِ اَنیک چیز وُچھان یا موٗحسوٗس کران۔ یہ چھُ سانہٕ مُشاہدُک دُنیا۔ اَتھ دُنیہس اندر اَسہِ یہ کینٛژھا درینٛٹھ چھُ یِوان۔ یہ کینٛژھا فہم یا تصوٗرٕچ شکل چھُ رٹان، یوٚت تام سأنی حواس یا ذہن پلن چھُ کران، یُہُندُک شعوٗر نِندرہ منٛز اَسہِ تہٕ باقی چھُ روزان۔ یوٚت تام سانہٕ محدوٗد شعوٗرٕچ رسأیی ہیکہِ سپدِتھ — چھُ سورُے آباس۔ ژھوٹین لفظن منٛز سہٕ ییٚتھ کُنہٕ طریقہٕ تہٕ موجوٗد ووٚ تہٕ ییٚتھ مُتلِق کُنہٕ قسمُک بیان مُمکن سپدِ، خاہ سُہ علمُک ذٔریعہ اَسہِ تنٛہ یا خہ علم چھُ آباس۔

سوال چھُ زِ یہِم آباس چھہٕ کیا؟ تہٕ کا چھُ وَنان زِ پرم شو چھُ شوٗدّ تہٕ سادٕہ شعوٗر تہٕ یہ کائینات یا سانہٕ مُشاہدُک دُنیاہ چھُ اَمہٕ عالمگیر شعورکین خیالن ہُند اظہار۔ یعنے آباس چھہٕ تَس شاہد کُل سِنٛدہ محض

---

آباس واد وَنان۔ پرکاشس پوٚرہ ومرشُک پنُن روٗپ۔ ومرشس چھُ ژینین حرکتھ، یُیمہ کنہٕ ومرشس ژھ ا پأرِہ چھُ حرکتھ منٛز یِوان۔

(بل جی)

مُشاہدہ نیبر ژھنیچہ عملہ ہنٛدی نتیجہ۔

یہ کتھ چھ ذرا و یژھنۍ یژھان۔ اَسہ وۄن زہ اعلاحقیقژ چھ زہ پہلو۔ اَکھ گوو ذاتی (وشوو تیژن) تہ بیاکھ گوو صفاتی (وشوومے) اعلاحقیقت چھ اَسہ بروٚنٛہہ کُن اَتھی صفاتی رنگس اندر یوان تہ تژکاچھُ اَکھ "پژوہ شعوٗرہ شکتی" (پرکاش وِمرشمے) وَنان، یم چھ زہ الگ الگ لفظ تہ یہند اطلاق ییتھ پاٹھۍ عالمگیر شعوٗرس پیٹھ چھُ سپدان، تیتھے پاٹھۍ چھُ انفرادی شعوٗرس پیٹھ تہ سپدان۔ عالمگیر شعوٗرس پیٹھ یہند اطلاق سمجنہٕ خاطرٕ کروکھ اَسہ یم گوہ ڈۄہ انفرادی شعوٗرس پیٹھ چِیانٛ دا، پیژکاش۔ اَمہ پہلو کنہ ییلہٕ اَسہ انسانی شعوٗرُ وُچھون سہ چھُ نفسیاتی خیالہٕ صُرژن ہنٛز بُنیاد۔ یِمہ خیالہٕ صُرژہ چھہ تِمن ترفاتن ہنٛدی نتیجہ یِم شعوٗر خارجی چیزو یا داخلی عناصرو پیٹھ رٹان چھُ۔ خارجی چیز مثلن مِیژہ بانہٕ تہ داخلی عناصر مثلن تصوّر یا خاب۔ شعوٗر چھُ پننہٕ صفائی یا الگ حیثیت راوراونہٕ ورائی یِمن خیالہٕ صُرژن پانٛ نٛوتھ ظاہر کران۔ یِمہ خیالہٕ صُرژہ چھہ خارجی لحاظہٕ پننہٕ عکسی نوعیتہ کنہٕ تہ داخلی لحاظہٕ... ... ... ... ... پننیو پوٚت[1] آثارو کنہٕ محض پرکاش (پژوہ)

---

[1] پوٚت آثار (RESIDUEL TRACES) یا سمسکار گوو خیالہٕ صُرژن ہُند تل شعوٗرس اندر روزُن۔

(۲) وِمرش۔ مگر یہ پرٛکاش پہلو چھُکنہٕ شعوٗرٕچ کانٛہہ امتیازی
شان۔ تِکیازِ اَتھ منٛز چھ اَتھ بیٚیہٕ تہٕ واریاہ چیٖز شریک۔ مثلن اَتھ تہٕ چھُ
خارجی چیٖزَن ہُند عکس پننہٕ صفائی تہٕ الگ حیثیت برقرار تھاوِتھ ظاہر
کران۔ لہٰذا چھُ پرٛکاش لفظس سیٚتھ وِمرش (شعوٗرٕ شکتی) استعمال
سپدان۔ اَمہ سیٚتھ چھُ شعوٗر باقی چیٖزو نِشہٕ اَلگ سپدان تہٕ اَتھ چھ
اَکھ امتیازی شان میلان۔ وِمرش چھُ شعوٗرٕچ تمام اَثرو نِشہٕ پاک پننہٕ
شعوٗرٕ زانٛزاری ہنٛز صلاحیت ہاوان۔ یہ چھُ اَتھ تیمہ تمام حالتہٕ ویرٛشہ
نادنک شان بخشان یمہٕ ہنٛز بنہٕ یاد داخلی تہٕ خارجی ترغیبو کنہٕ پاٚدٕ سپدِن
والی اثر چھ تہٕ ییم اثر چھُس بطور پوٚت آثار برقرار تھاونک قوت فراہم کران۔
سیتی چھُس پننہٕ مرضی سیٚتھ ییمن پوٚت آثارن ہندِ ذخیرٕ منٛزٕ کانٛہہ تہٕ تیداد
کُنہٕ تہٕ وِزِ، نیبر کڈنٕچ تہٕ پننہٕ پرانٛہہ غار متاثر حالت واپس انٛنٕچ صلاحیت
بخشان۔ پتھے پاٚٹھی چھُس موجوٗدٕ ذخیرس زارے دِتھ تہٕ سمہ زار پرکاش
پہلو کس پوٚت منظرس پیٹھ ظاہر کٔرتھ اَکھ خود متاثر (SELF
AFFECTED) نوٚ حالت پاٚدٕ کرنس قابل بناوان۔ مختصر یہ زِ
تہٕ کیہ ییمہ وِزِ شعورس "پرٛدو شعوره شکتی" چھُ وَنان۔ امیک مطلب
چھُ یہ زِ شعوٗر چھُ خود بذاتِ روشن۔ اَتھ اندر چھ پوٚت آثار موجوٗد
تہٕ اَتھ چھُ عکس رٹنٕچ، پرٛدو تہٕ بان زانٛنٕچ، یہ کیٛنژھا پانس منٛز چھُس

تمہٕ پیٹھ قوٗدرتھ تھاوٕنٕچ تہٕ پننیو پوٚت اَثارو سیتۍ نوٚو نفسیٲتی پیدٕ
پاَدٕ کرٕنٕچ صلاحیت۔

دوٚنی کرٕ کرتون یہٕ لفظ پرٕم شوٚس سیتۍ استعمال۔ تترکٕ مطٲبق
چھُ کاینات دراصل تمیُک ظاہری اظہار یہٕ کینژھا "پرٕم شوٚس" اندر
چھُ۔ یہٕ ظہوٗری کاینات چھُ پرٕم شوٚس نِشہٕ تتھے یا ہٹھ الگ یتھ پاٹھۍ
عکسہ وول خارجی چیز اَتھ نِشہٕ الگ چھُ آسان۔ انفرادی شعوٗرکہِ پاٹھۍ
چھُ عالم گیر شعوٗر یعنی پرٕم شو تہٕ پرٕمزلان تہٕ عکس رٹنٕچ صلاحیت تھاوان
مگر تہٕ اَسہِ تہٕ چھِ دوٚشونی فرق۔ انفرادی شعوٗرک تہٕ کاشش
چھُ خارجی یا داخلی ترغیبو نِشہٕ اثر رٹان۔ مگر پرٕم شو چھُ کُلیت تہٕ عالم گیر
شعوٗر۔ اَتھ پیٹھ خارجی ترغیبن ہندہٕ اثرُک چھُنہٕ سوالے پادٕ سپدان۔
مگر ظہوٗرہٕ خاطرٕ چھُ اَکہِ ترتیبی عملہٕ یعنے اَندرمہٕ ذخیرٕ منزٕ ژارَرے
کرنُک ضرورت آسان۔ لہٰذا چھُ اَمہِ خاطرٕ علم، یرادٕ تہٕ خود شعوٗری لازمی
تکیا زہٕ شعوٗرہٕ ورأے ہیکہِ نہٕ یرادٕ تہٕ یرادٕ ورأے ہیکہِ نہٕ علم پادٕ
سپدِتھ۔ یوٚت نام نہٕ تمہٕ چیزُک علم یا واقفی آسہِ یتھ پیٹھ کانٛہہ عمل
پیہہ کرنہٕ، کانٛہہ ترتیبی صوٗرت کیتھ پاٹھۍ ہیکہِ پادٕ سپدِتھ۔ اَوے یَلہِ
وِمرِش لفظ عالم گیر شعوٗرس سیتۍ استعمال چھُ سپدان۔ اَمیُک مطلب
چھُ سوٚ شکتی یُس چھُ خود شعوٗری (آنند) یرادٕ (اِچھا) علم (گیان)

نہٕ عمل (کرٛیا) تہٕ ترتیبہ وار پأدٕ چھِ کران ۔ اَتھ وِمرشس چھِ سوٲتنترٕ یہ وَنان ۔ یتھیازٕ اَمیک وجوٗد چھُنہٕ بنیہِ کُنہ چیزس پیٹھ کھڑا ۔ ییتھ پانٛژھی زَن ییرادٕ ، علمہٕ تہٕ عملہٕ ہُند وجوٗد اَکھ اَکس پیٹھ دار مدار چھُ تھاوان ۔ یہ چھُنہٕ پرم شِو سِیٛتر بُنٛز یأدی شکتی تہٕ اَتھ اندر چھِ تمہِ تمام باقی شکتی شأمِل یمہِ پرم شِوس کُن چھِ منسوب سپدان ۔ مختصر پٲٹھۍ، پرم شِوس سیتۍ پرکاش وِمرشٕکۍ استعمال کرنُک مطلب چھُ یہ زِ پرم شِو چھُ پرکاش پہلو کنۍ ظہوٗری تہٕ غأر ظہوٗری کاینات ہُنٛد تہٕ تیُتھ مستقل بُنٛیاد ۔ تہٕ وِمرش پہلو کنۍ چھُ کاینات پانس سیتۍ یکسان تھاونُک تہٕ وۄپزاونُک مۄجب ۔

آباسن چھُ پرم شِوس سیتۍ تعلق ، یُتھ سانٛہ انفرادی ظہوٗرن سأنس انفرادی شعوٗرس سیتۍ چھُ ۔ انفرادی شعوٗرس چھِ پانٛژھ حالژٕ ۔ بیدأری (جاگرت) خاب (سۄپن) نیٛندر (سُشُپتی) طریا (تُریا) تہٕ شُعوٗر (تُریاتیت) گۄڈنِچہ ترٛیہ حالژٕ چھِ سارِنے معلوم ۔ آخری زٕ چھِ تفکر یا مراقبہ چہ حالژٕ (سمادھ اوستھا) ظأہر کران ۔ یمن حالژن ہِندین تجربن مِکو شعوٗد تہٕ اشعوٗد شعوٗرکۍ تجربہ وِزِلیتھ ۔ مختصر یہ زِ شِو سُندرٕ پیٹھ بُتراژ تام یہ کینژھا وجوٗد چھُ تھاوان ۔ سُہ چھُ اعلا حقیقژ اندر ٹھۍ پانٛژھی موجوٗد ییتھ پانٛژھ سأنۍ خیالات اَسہ اندر تمہ وِزِ چھِ آسان

یُتھ سۄن شعور شعورِ یا غاٹھ متاثر عالمَس منز چھُ آسان تہٕ یمہ کِنہ چھُ خارجی
ترغیب ورائے ، محض پننہِ ارادہِ سیتی سورُے کینٛہہ خارجی طور ظاہر
کران - لہٰذا یہ کینٛہہ انسانی زانی منز وجود چھُ تھاوان چھُ آباس
تہٕ امہ چھِہ آباس اوِرہ کنہ دُنان زہ یہ چھِہ عالم گیر شعورکہ طرفہ ظاہر
( آباسیت ) سپدان -

اعلا حقیقت کیا زہ چھہ یم آباس ظاہر کران ؟ یہ سوال کرُن گوو
یہ پرٛژھنس برابر زہ نار کیا زہ چھُ زالان - زالُن چھُ نارچ خاصیت تہٕ کِنہ
چیز چہ خاصیژ پیچھ ہیکہ نہ سوال سپدِتھ - اعلا حقیقتُک اندر یہ کینٛہہ
چھُ سہ ظاہر کرُن چھُ امچ خاصیت -

اعلا حقیقت یُتھ آباسن ہندہ ذریعہ ظاہر چھ سپدان تتھ
سیتی چھُنہ امہ کانٛہہ تبدیلی یوان یا امچ ابدیت ختم گژھان - تکیا زہ تبدیلی
چھہ ترٛورہ قسمہ آسان - (۱) یُتھ کُنہِ چیزس اندر کینٛہہ اضافہ ( اُکم ) سپدِ
(۲) کینٛہہ کم ( اپاے ) گژھِ (۳) صورت بدلی ( پرٛانا یام ) گژھِ - مثلن دود
بنہِ زامُت دود (۳) ادلا بدلی ( وِکار ) سپدِ - مثلن مٔیژرہ بنہِ نوٹ - یمن
ژون قسمن چھِ تبدیلی ین منز چھُنہ صورت بدلی ہند شکار گومُت چیز دوبارہ
پننہِ گوڈنیچ حالت اختیار ہیکان کرِتھ - مگر ادلا بدلی اندر چھُ یہ ممکن - لہٰذا
گوڈنچن صورتن ہیکو اسہ تبدیلی ؤنِتھ ، مگر آخری ہیکو نہٕ ؤنِتھ تکیا زہ

یہ تبدیلی چھُ محض جُزوَن ہِنز اَکھ خاص ترتیب۔ یہوے حال چھُ آباسن ہُند تہٕ، یِم محض تِمَہ ترتیبی صوٗرت چھ، یہ کینژھا زٕن عالم گیر شعورَس اندر موجوٗد چھُ۔ یِتھہ پاٹھۍ سمندرس اندر لہرٕ وۄتھنہٕ برٕوٚنہہ تہٕ پتہٕ آبَس سیتۍ یکسان چھِ آسان تِتھہٕ تہٕ پتہٕ وۄتھنہٕ سیتۍ چھُنہٕ کُنہٕ پاٹھۍ سمندرس کمی، اضافہ یا صوٗرت بدلی سپدان۔ تِتھےٚ پاٹھۍ چھُنہٕ آباسن ہندٕ سیتۍ اعلاحقیقتس کانہہ نفع یا نقصان واتان یا اَتھ ابدیت راوان۔

وۄنۍ چھُ سوال زِ کیا یِم آباس چھا حقیقی کِنہٕ نہٕ؟ کُنہٕ چیزس چھُ "حقیقی" ونان یُس تِمَہ کُنہٕ تجربس تردید گژھِ نہٕ بلکہٕ یُس تصدیق۔ خابکۍ چیز چھِ غار حقیقی تِکیازِ بیدار گژھِتھ چھِ تِہندِس آسنس تردید سپدان۔ مگر درحقیقت چھُنہٕ اَسہِ تِہندِس تجربس دوٚچھنس) تردید کران۔ البتہ بیداری اندر کُنہٕ چیزس کہ حقیقی آسنک یُس اَسہِ رسمی معیار چھُ بنومُت، تِتھ سیتۍ چھُنہٕ اَتھ تجربس مطابقت آسان۔ یِتھےٚ پاٹھۍ چھِ آباسن بلاشک حقیقی یعنی وجوٗد تھاوان۔ تِکیازِ یِم چھِ سائنس مشاہدس اندر یِوان۔ وۄنۍ گۄو یِم چھا خارجی کِنہٕ داخلی وجوٗد تھاوان۔ یہ فرق چھُ محض رسمی تہٕ صرف عملی ضرورتہٕ خاطرٕ فرض کرنہٕ آمُت۔ یِتھہ پاٹھۍ اَسہِ خابس اندر خاب وُچھنہٕ وِزِ دۄشوٕنی خابَن ہندِین چیزَن، یا نہٕ داخلی چھِ فرق کران۔ دۄشوٕنی صوٗرتَن اندر چھُ آباسَن ہِنز نوعیت ہِشی۔ ہرگاہ

اَکھ حقیقی مانون، بیاکھ کہتھ پأٹھۍ ہیکون غأر حقیقی مأنتھ۔

## آباسن ہِندۍ توٚتھ

اَسہِ ووٚن زہ کأینات یاسانہِ مشأہدُک یہِ دُنی یاہ چھُ اعلاحقیقژ ہُنٛد

نکھتِ پہلو یا دوٚیمن لفظن اندر تِہُندِ نیٚبہ ناو یا آباسن۔ کأیناتس اندر ہیم رنگہ چیز یا وجوٗد اَسہِ وُچھان چھِ، تِمن چھِ کینٛہہ بُنیادی عناصِر وجوٗد بخشان۔ یِمن بُنیادی عناصرن چھِ تتوٚ یعنے تتا[1] یا عام کأشرِس منٛز توٚتھ وَنان۔ شٲستر کہ مُطأبِق چھُ توٚتھن ہُنٛد تیداد ۳۶۔ اعلا حقیقژ ہِنٛدۍ آباس آسنہٕ کِنۍ چھِ ییم بُنیأدی طور تی یہِ زَن یِہُندۍ اصل چھُ یعنے اعلاحقیقت۔

بوٗت تام اعلا حقیقت پننہِ اُنتہٕ حالژ اندر چھِ، اَتھ چھُنہٕ کأیناتی ظہوٗرن ہُنٛد ضرورت۔ یہِ چھِ پننِس ذاتس اندر مُکمل تہٕ اَتھ چھُنہٕ کُنہِ تہِ خأہشہِ ہُنٛد احساس۔

مگر اعلا حقیقژ ہِنٛز خاصیت چونکہ نابِن یا ظأہِر سپدُن چھُ، لہٰذا یُس کأیناتُک معیأری تصور اَتھ پانَس نِشہِ چھُ، سہٕ چھُ

---

[1] تتوٗ لفظُک معنہ چھُ 'THAT-NESS' 'یتھ پأٹھۍ' 'I-NESS' 'سُنتا' 'HE-NESS' گوٚو یِتھے پأٹھۍ گوٚو تنتا' 'THAT-NESS'

کائیناتچ خاہشہ ہندِس صوٗرتس منٛز ووتلان ، سُہ تہٕ کٔنہٕ خارجی ترغیبہٕ وٕ آسے محض پننہٕ ارادہٕ تہٕ مرضی سیٖتۍ ۔ چوٗنکہ یہ چھُ وُنہٕ تہٕ کائیناتچ خاہشہ ہُنٛد احساسے نیوٗت آسان ، اَمہ کِنۍ چھُ اَتھ حالتَس منٛز اعلا حقیقت وُنہٕ اَنتٔری روزان ۔ مگر گوڈنیچ حالَتھ نشہٕ اَکھ مختلف حالت (خاہشہ ہُنٛد احساس) پٲدٕ گژھنہٕ کِنۍ چھُ اَتھ شونادٕ پیوان تہٕ اَتھۍ چھِ شو تتھ وَنان ۔

(۱) شو تتھ ۔ شو تتھ چھُ گویا کائیناتہٕ ووپدٲوِنس کُن اعلا حقیقژ ہُنٛد گوڈنیُک قدم ۔ یہ چھُ شو دپاداشہ ہُندس ظہوٗرس تتھ بیٖہٕ چیت (سروٗر) عنصر غٲلب چھُ ۔ یہ چھ خالص داخلی حالتَس اَتھ چھُنہٕ خارجیتس سیٖتۍ کانٛہہ تہٕ توٗلُق ۔ یہ چھ نہ صرف کرم تہٕ مایا بلکہ تمہ کٔلہ رٔشہ تہٕ پاک تتھ آنوٗمل چھ وَنان ۔ اَمہ حالژ ہُنٛد تجربہ چھُ خالص " بہٕ " کُنہٕ تہٕ "چھُس" وَرای ۔ تکیا زِ "چھُس" لفظ چھُ بچھانہ تعلق ظاہر کران ۔[1]

---

[1] شو تتس منٛز چھ باقے تمام تتھ تہٕ موجوٗد آسان ۔ مگر تم چھ دپیتھ روزان ۔ ییم باقی تتھ تل ژھنیچ کام چھُ شکتی تتھ انجام دِوان ۔ مگر شکتی تتھ ورائے چوٗنکہ ہیکہٕ نہٕ شو تتھ ظہوٗر لبتھ لہاذا چھُ یہ شو تتس سیٖتۍ ظہوٗر لبان تہٕ اَتھ سیٖتۍ یکسان آسان ۔ اَوے چھُنہٕ یہ (باقی برونٛہمِس صفحس پیٹھ)

(۱) سدا اشو توہتہ۔ یتھہ وِزِہ کائیناتچ خاہشہ ہیند احساس کائینات آسنہٕ کِس مُبہم باسس اندر تبدیل چھہ گژھان، اتھ چھہ مہشور یا شوونان تہٕ اُتھی حالژ چھہ سدا آشو توہتہ ناو پیوان[۱]۔ اَمہ ساعتہ چھہٕ "بہ" بیہٹھ "بہٕ چھُس" صوٗرت بنان۔ "چھُس" چھہ کائیناتس کُن اشارِہ، یتھہٕ کرِ ظہوٗرُک مُبہم سہی مگر باس چھہ سپدان۔ اَتھ حالژ اندر چھہ اچھا شکتی (دیادِہ شکتی) بطور غالب عُنصر کام کران۔ ہر گاہ وچھو یہٕ چھہ کائینات ووہ پزاو تیچھ حملہٕ ہیند گوڈنیُک اظہار۔

(۲) ایشور تتو[۲]۔ یہ چھہ کائیناتکس ظہوٗرس کُن ترتیم

---

الگ توہتہ گنزرُن صحی۔ زیادِہ کھوتہٕ زیادِہ چھہ "شوتوہتس" "شوشکتی توہتہ" ناو دِیُن جان۔ بہرحال شکتی توہتس پیٹھ چھہ آنند (سرور) عنصر غالب آسان۔

[۱]۔ سدا آشو چھہ سہ درجہ یتھہٕ کنٕ مشہوٗد شوبندس نوٗرس اندر گوٹ چھہ گژھان۔ شو چھہ مطلق شاہد۔ اَتھ درجس پیٹھ وۄتھتہ چھہ گنیان شکتی پھٹِتھ نیران۔

(ب ل ج)

[۲] ایشور توہتہ کِس درجس پیٹھ چھہ مشہوٗد ناکارِہ ڈیٹھتھ پیوان۔ مگر توتہٕ چھُنہٕ شاہدس سیتی پننی وجوٗد (IDENTITY) راوراوان۔ اَمہ پتہٕ چھہ گژ یا شکتی پھٹِتھ نیران۔ (ب ل ج)

قدم تہٕ علمہٕ شکتی (جنان شکتی) چھہٕ اُمِیک غالب عنصر۔ اَتھ اندر چھُ عالمگیر شعوٗرُک "بہٕ چھُس"۔ "یہٕ چھُس بہٕ" حالژ منٛز تبدیل سپدِتھ امتیازی صوٗرت لبان۔ امہٕ وِزِ چھُ کائنات ظہوٗر واضح شکل لبان۔ یتھ پأٹھۍ بیاکھ پھوٗل چھُ تَتھ اندر تبدیل سپدان تہٕ کانٛہہ تہٕ چھُنہٕ تتھ پتہٕ بیاکھ پھوٗل وُنان۔ بلکہ چھُس تتھۍ وُنان۔ گویا "بہٕ" چھُ پوٗت منظرس منٛز گژھان تہٕ تمہٕ بدلہٕ چھُ "یہٕ" برونٛہہ منظرس اندر یِوان۔ یعنے داخلی حالژ بدلہٕ چھِ خارجی حالت بارسس یِوان۔ مگر "یہٕ" چھُنہٕ بطور غأر منقسم اکیُل (اکائی) بلکہ مجموعی "یہٕ تمام" یعنے بہٕ چھُس "یہٕ تمام"۔ یہٕ تمام چھُ مےٚیٚن اکھ اَتھ حصہ۔ اَمی سیتۍ چھُ اَتھ حالژ اندر کُنہٕ رُک تصوّر برقرار روزان۔

(۴) سَت وِدیا تتو۔ یہٕ چھُ ژوٗریُم قدم تہٕ اَتھ اندر چھُ کریا شکتی[۱] بطور غالب عنصر کأم کران۔ اَتھ حالژ اندر نہٕ چھُ سداشو تتھۍ پأٹھۍ داخلی عنصر مبہم، نہٕ چھُ ایشور تتھۍ پأٹھۍ خارجی عنصر غالب۔ بلکہ چھُ تہٕ کرِ ہندِس دۄن پہلوٗ ہند توازُن ہیم صحی پأٹھۍ رٹنہٕ آسن آمت (ہرگاہ مےٚ تہٕ کہ اجازت دِیہ جہٕ وَنہٕ اَتھ حالژ "چھُس بہٕ یہٕ" "تیکیازِ بہٕ تہٕ یہٕ چھِ کُنہٕ پوٗت یا برونٛہہ منظرس منٛز گژھنہٕ روٚستۍ پوٗرٕ توازنس

---

[۱] کریا شکتی چھےٚ ایشور تتوس اندر تماکارہٕ پأٹھۍ ظاہر سپدان۔ (بل جی)

اندر اکھ اکِس سیتؠ روزان ۔ کأمِل ) یہِ چھ کثرت بہ وحدت و امتیاز " یعنے

بھید ابھید حالت ۔

یِم ژور تتھ دشکتی تہ تتھ سان پانژھ ہرگاہ سعہ الگ مانون

چھ شُدھ وِدیا پأدایشہِ مانِنہٕ یِوان ۔ تکیازِ اوٗت تام چھ کُنہٕ وک تصوّر غالِب

اوٗت تام چھ پأدایش معیأری تہٕ امہِ لحاظ مُکمل نہٕ کُنہِ خأمی روزس ۔ اکھ

حالتس اندر یِتھ پأٹھ حقیقی طور پیٚٹھ چھ ، تیتھے پأٹھی چھ دریشٹھ یِوان ۔ لہاذا

چھ یِم حقیقی تہٕ شُدھ علمکو تتھ ۔

### مایا تتھ

شُدھ علمہ بدلہ یٚلہِ اشُدھ علمہ کِس اثرس تل یِتھ انفرادی آتما دیی تہٕ کثرت کِس غلیس تل چھ یِوان ۔

امہِ وِزِ چھ اشُدھ پأدایشہِ ہند گوڈنیک ظہوٗر سپدان ۔ یہِ ظہوٗر چھ

مایا تتھ ۔ گویا مایا تتھ چھ گوڈنیچ لٹہ عالم گیر آتماہک کُنہِ ختم کران

یہِ تتھ چھ کُنہِ خأرجی امدادِ روٗستے کثرت ظأہر کران ۔ یعنے مایا چھ

اکھ عالم گیر ذات بے شُمار انفرادی ذاتن ہنٛزِ شکلہِ اندر ظأہر کران

یِمن انفرادی ذاتن ہنٛز خصوصیت چھ پننہِ اصل سرُوپہ نِشہِ غأفِل

آسُن ۔ یہِ ظہوٗر چھ بُونہٕ کُنی مین ژون ظہوٗرن مُقابلہ اکھ محدوٗد عمل ۔ لہاذا

چھ اکھ اندر علمہٕ تہٕ عملہٕ ہنٛزِ قوّت سلب یا نامُکمل گژھان ۔

مایا چھ ابھاونچ شکتی تہٕ بطور شکتی چھ یہِ خوٗد پٔنی شکتی ہنٛد

اَکھ ابدی پہلو۔ یہ چھ انفرادی آتماہس تہٕ تمہٕ کس ادراکس محدوٗد تہٕ مُبہم بناوان۔ اَکہٕ قسمہٕ چھُ یہ تتھ ننددر باوان۔ اَمہٕ ننددرہ سٟتۍ چھُ انفرادی آتما بُروٗنٹھہ مین زٕوَن حالژن سٟتۍ شعوٗرہ تولُقہ بدلہٕ اَشعوٗد تولُقن ہُند شِکار سپدان۔ یعنے مایا چھُ نظرہ ڈلہٕ وِنہٕ وُسی کائینات بدلہٕ اَکھ محدوٗد کائیناتُک کارن بنان۔ اَتھ محدوٗد پیٗدایشہ سٟتۍ یِم چیز وابستہٕ چھ تِم چھ ترتیبہ وار یتھ پاٹھۍ:

(۱) کلا تتو۔ یہ چھُ مایایہ ہُند گوڈنیُک ظہوٗر۔ اَکھ محدوٗد تخلیقی طاقت آسنہٕ کنۍ چھُ یہ علمہٕ تہٕ عملہٕ ہُند طاقت سلب سپدن وِرٕ پس انفرادی آتماہس عملہٕ ہُنٛد کم کینژھا طاقت واپس عطا کران۔ تتہٕ چھ یہ اَکہٕ قسمُک زولانہ بندی۔

کلا تتھکۍ نتیجہ چھ وِدیا تتو (تصوّرِ علم)، راگ تتو (تصوّرِ لگاوٗ) کال تتو (تصوّرِ زمانہ) تہٕ نیتی تتو (تصوّرِ مکانہ) یِم ساری تتو چھ انفرادی آتماہس محدوٗد کرن واجنہٕ حالژ۔ مثلن وِدیا تتو چھُ انفرادی آتماہس تمہٕ چیزُک محدوٗد علم عطا کران، یُس انفرادی آتماچہ عملہٕ ہُنٛد نشانہ بنہٕ۔ اَمہٕ سٟتۍ چھُ انفرادی آتما تمن چیزن، یِم بوٗدہ بیٚیہِ اثر چھ تراوان بیٚون بیٚون پرچھان ہیکان کٔرِتھ۔ موٗختصر یہ زِ کلا تتو چھُ حد بندی ہُند تصوّر یُس اَکھ محدوٗد آتما پننِس پانس تہٕ پدیس بیٚیِھ

عاٗیِد چھُ کران۔

## پوٚرُش تتھ

یِمَن پانٛژَن حد بَندیَن چھ پانٛژھ کنچُک (پردٕ) وَنان۔ یِمہٕ وِزٕ مایا انفرادی آتما چھُس یِمہٕ پانٛژھ حدبندی تہٕ تِمَن سٍتۍ بیٚیہٕ شیٚیم حدبندی شامِل چھ کران اَمہٕ وِزٕ چھُ پوٚرُش (زیٖو) ظہوٗر لبان۔

آتما کہٕ علمیہٕ تہٕ عملیہٕ نشہٕ محدوٗد گژھنَس تہٕ پننہٕ اصلی سروٗپہٕ نِشہٕ بے خبر سپدنَس چھ آنَوَل وَنان۔ تہٕ محدوٗد طاقت استعمال کرنچہ بے ستھ خاہشہٕ چھ کارم مَل وَنان۔ گویا پوٚرُش چھُ سہ آتما یُس آنوَل تہٕ کارم مَل چھ زٕ نامعافی ستا تہٕ چھ کوٚرتھ۔ یہ پوٚرُش چھُ جسمَس، زوٗم کرس، مَنَس تہٕ بودِہ درمیان خالص داخلی عنصر۔ یہ چھُ بنٛژہیُم[25] تتھ۔ یہ چھُ فردہٕ سند مستقل پہلو ہیٚش کران، یُت آثار زٕمان تہٕ بے شمار زنمہ تہٕ مرنہٕ منٛزی گذران۔

یہ گژھِ تہٕ مشراوُن زٕ پوٚرُش چھُ بذاتی اعلا حقیقت یہٕ سہ پنُن بان مایا تہٕ تمہٕ چہ حدبندی اندر چھُ محدود بناوان، اگرچہ آمتہ

---

حالتھ منز تہ چھ بطور اعلا حقیقت سعہ اَتھ نیبر آسان۔ تتہٕ کہن خاص لفظن منز وُنو ییہِ کنتھ ییتھ پاٹھی زہ شاہر کُل چھ آباس عملہ منز گذریتھ پورش بنان۔ اکھ طرف ہرگاہ سہ کُنہ پاٹھو تاثرہ گژھنہٕ ورایی سے شاہر کُل چھ روزان یُس سہ چھ، بیٚیہِ طرف ییٚتھ آباس عملہ سیتی یمی واریاہ پورُش پادہ کران گژھان۔ ییتھ پاٹھی ہیم بے شُمار پورُش پادہ چھ سپدان، تِم چھ پننہ پان اکھ اکس نِشہ جُدا تہ بدوٚن تصوّر کران، اگرچہ ساری چھ زندگی ہندہٕ اکی آگرہ منزہ نیران تہ امتیاز لبان۔ گویا شاہر کُل چھ پننہِ ذاتی پہلو کنی روزان یہ سہ چھ، بیٚیہِ پہلو کنی چھ اکس اکس برُنٛزس اندر پننس پانس ساوان تہ محدوٗد کران گژھان۔ یعنے بے شُمار پورُشن روٗپ اختیار کران۔

## پرکرتی تَتھ

ظہورکس ترتیبس منز چھ پرکرتی (فطرت) گوڈنیک خارجی ظہور۔ یہ چھ پورشس سیتی ظاہر سپدان۔ تہٕ کرمطابق چھ یہ کلا تتھ گوڈنیک خارجی نتیجہ۔ یہ چھ ستو، رجو تہ تمو ترین گُنن ہندہٕ مکمل توازنیچ حالت۔ یہ چھ پورشس متاثر کران یا دوٚیمہ لفظن منز ژھاو زندگیہ یہ پورشس برونٛہہ کُنہ ییتھ سہ اکھ پیٚچھ پننہ عمل تہ ردِّ عمل کرہ۔ ییتھ پاٹھی پورش چھ اَتھ روٚسی نتھی پاٹھی چھ پرکرتی تہ لاتعداد۔ پرتھ پورشس چھ اکھ الگ پرکرتی۔

یِتھہٕ پاٹھۍ مختلف انسان اَکۍ سے آفتابُس سمندرکین مختلف حِصن منٛز مختلف عکسہٕ صوٗرژ منٛز وُچھن، تِتھے پاٹھۍ چھ مختلف پوٚرش اَکۍ سے عالمگیر حقیقژ تاپارُس سمندرس منٛز وارِیاہن حقیقژن ہنٛدس روٗپس اندر وُچھان۔ پروفیسر بل جی چھ اَتھ یِتھہٕ پاٹھۍ بیان کران زِ پرکرتی تہٕ تتھ چھ کاسمک اَزجی ناو آمت دِنہٕ یُس پادایشہٕ وِزہ، بوٗدہ، مَنس، اہنکارس، حواسَن، عادی مُرین، لطیف تہٕ کثیف اَناسرن اندر تبدیل گژھان چھُ تہٕ یتھ اندریم ساری تتھ پنٛنہٕ اٰخری سمہار وِزہ باز تبدیل گژھان چھ۔

بوٗد (شعور بطور شعوٗر) یہ چھ پرکرتی ہِنٛز گوڈٕ ظہوٗر لبان تہٕ سعہ کھ دوٚہ کھ تہٕ ہۄنٛچ پاداوار۔ اگرچہ یہ چھ محدوٗد ذاتس اندر شعوٗرُک بالاشخصی حالت مگر تہٕ اَسہٕ تہٕ چھُ اَہیکھ فہم ممکن۔ اَتھ چھ پرٛیتھ طرفہٕ عکس رٹنُک صلاحیت موجوٗد۔ چنانچہ یہ چھ اکہٕ طرفہٕ آتما کہ اندریم نوٗرُک عکس رٹان، بیٛیہ طرفہ چھ خارجی چیزن ہنٛد تہٕ اثر رٹان۔ اَتھ پیٹھ عکس ترٛاون والی چیز چھ دوٚہ قسمکی۔ گوڈنچ گیہہ خارجی کثیف چیز، یِہنٛد عکس اَچھن ہنٛدہ ذرِیہ وُچھنہٕ وِزہ یہ رٹان چھ۔ دوٚیم گیہہ داخلی، مثلن پوٚت آثارن پیٹھ سیدن واجنہٕ خیالہٕ صُرژہ۔ یِہنٛد عکس چھُنہٕ اَچھن ہنٛدہ ذرِیہ رٹنہٕ یِوان، مگر تو تہٕ چھ یم بوٗدہ متاثر کران۔ مثالے تصوّر، یاد یا خاب۔

(اهنکار - (خُدی) یہ چھُ بوٗدِ ہُند پٲداوار - بوٗدِ سیٖتۍ پنٕنۍ ذات وُنی راوَنہٕ تہٕ تمیُک کارکردگی پانس کُن منسوب کرنہٕ ورأے چھُنہٕ یہ بنیہ کینہہ تہٕ - اَمیُک خصوصی کام چھُ پانژھ نُوہ مرکز بلکہ خوٗد زندگی پننس لگہ تل تھاوُن - گویا اہنکار چھُ بوٗدِ پیٹھ پنٕنۍ ذات غالب کرنُک نتیجہ - دۆیمہِ لفظن منز ذاتی مشاہدن ہُند یاداش جمع کرِتھ، تِہُند ذخیرہ بناوِتھ، موجوٗد مشاہدہ پان ناوِتھ تہٕ وُنی راوِتھ یُس ذخیرہ جمع چھُ گژھان سے چھُ سون اہنکار یا ایگو یا خُدی بنان - یہ چھُ اَکِس شخصہٕ سُند نفسی "بہٕ" یُس تمہِ "بہٕ" نِشہٕ مختلف چھُ یُس تَس اندر بحیثیت پرم شو موجوٗد چھُ۔

مَنس (مَن) یہ چھُ اہنکارُک پٲداوار - اَتھ پیٹھ چھُ ستو گُن (سۆکھ گوٗن) غالب - حواس ییم احساس کُنہِ وَقتہٕ پٲدہ چھ کران، مَن چھُ تمو منزہ کینہہ ژاران تہٕ تمتھ ژارِ پیٹھ خاص خیالہٕ صورژہ تیار کران - یوٗت تام نہٕ مَن اَتھ بندُت کرِ، کانہہ تہٕ چیز ژُاوِ نہٕ تن ظاہری حواسن پیٹھ پنُن عکس، توٗت تام ہیکہ نہٕ کانہہ تہٕ احساس پٲدہ سپدِتھ - ظاہری حواس چھ مادی خیالہٕ صورژہ تہٕ مَن چھُ نفسیاتی خیالہٕ صورژہ بناوان تہٕ رٹان -

پانچ وُنہِ [۲] تِمہ کتھ چھِ ییم :-

(۱) پانژھ حواس ( بوٗدِ اندری ) یعنے مُشکہ حِس، مزہ حِس

وُچھن حِس، ژھٕنن حِس تہٕ لوٚنن حِس یِمن پیٚٹھ چھُے ستوگُن ﴿سہٕ
گوٚن﴾ غالِب ﴿یِم﴾ پانژھ کامہٕ حواس ﴿کرمہٕ اندری﴾ یعنے آرامہٕ حِس،
سکھ حِس، ژٹھ حِس، حرکت حِس تہٕ آوازہٕ حِس۔ یِمن پیٚٹھ چھُے
رجوگُن ﴿رجو گوٚن﴾ غالِب یِم پانژھ لطیف اثیر ﴿تن ماتر﴾ یعنے
خشکہٕ اثیر، مزہٕ اثیر، رنگہٕ اثیر، چِھپہٕ اثیر تہٕ آوازہٕ اثیر۔ یِمن
پیٚٹھ چھُ تموگُن ﴿تمہٕ گوٚن﴾ غالِب یِم پانژھ کثیف اثیر یعنے مِٹی،
آب، نار، ہوا تہٕ آکاش ﴿ایتھر﴾

گوٚڈنکو ترٛیہ گرۄپ چھِ اہنکارہ اندرہ نیران تہٕ آخری پانژھ
کثیف اثیر چھِ پانژن لطیف اثیرن ہنٛدی نتیجہ۔ یہ گژھہ یاد تھاوُن
زِ تِژکہ مُطابق چھِنہٕ حواس محض مادی مرکز (ORGAN) بلکہ چھِ
انفرادی ذاتکہٕ تم طاقت یِم مادی مرکزن ہنٛدِ ذریعے کام چھِ کران۔ مَن تہٕ
بوُد الگ ترٛاوِتھ چھِ پانژھ حواس ﴿دیا یہ﴾ (تصور علم) ہنٛدی ظہور تہٕ باقے
پانژھ چھِ کلا یہ (تصور زمانہ) ہنٛدی مختلف روٗپ۔

یِتھہٕ پاٹھۍ چھِ تِژکہ ظہورن ۳۶ درجہ تہٕ یِم درجہ چھِ اگمن ہنٛزہ
بُنیاد پیٚٹھ بناونہٕ آمتۍ۔ یِمو اَندرِ چھِ ۲۵ سانکھ پیٚٹھ، مایا ودیا انتہ
پیٚٹھ تہٕ باقے داہ دوہے تہٕ ادوے شواگم سکولن نِشہٕ نِنہٕ آمتۍ۔

ظہورُک یہ سارے عمل (کینژھا سمجنہٕ خاطرہٕ تہٕ کینژھا

تہٕ وُچھنہٕ خاطرٕ ژہ اعلا حقیقتُک تام کوتاہ سفر چھُ انسانس کڑُن) پچھ "کھساو" (ASCEND) ترتیبس اندر دِنہٕ یوان۔

(الف) میٚژ۔ آب۔ نار۔ ہوا۔ آکاش

(ب) مُشکہٕ اناہِر۔ مزٕہ، روٗپ۔ ترٛینُن۔ آواز

(ج) آرامہٕ حِس۔ معہ کلن، حرکتھ، ژٔٹُن، آواز

(د) مُشکہٕ حِس۔ مزٕہ۔ وُچھُن۔ ژٔنُن۔ بوزُن

(ک) مَن۔ اہنکار۔ بودھ

(س) پرکرتی۔ پُرُش

(ص) نیتی۔ کال۔ راگ۔ وِدیا۔ کلا۔ مایا

(ط) سدوِدیا۔ ایشور۔ سداشو۔ شو۔ شکتی

## پرٕلے تہٕ مہاپرٕلے

اَسہِ وُچھ ژہ کائنات تہٕ اَمہکو سارٕی وجود چھ ۳۶ تتٕو یا دی عناصرن ہندی بنے مِتی۔ اَمہِ ظہوری عملہِ چھُ ترکہٕ آباس واد ونان تہٕ یہِ عمل چھ اعلا حقیقتُک ہشنرٕ سواتنترشکتی سیٚتی سپدان۔ دوٚیمین لفظن منٛز چھُ کائنات پرٕمشو سندِ شکتی روٗپس اندر پھولُن۔ ییٚمہٕ وِزہٕ شکتی پانس پھولہٕ راوان۔ (اُنمِشت) چھ کائنات چھُ بوٗد سپدان تہٕ ییٚمہ وِزہٕ یہِ پان وٹان (نِمشت) چھُ، کائنات چھُ بطور ظہور فنا (سمہار)

سپدان، مگر یہ شکتی چھنہٕ صرف اَکی لِٹہٕ پان پھیہلراوان یعنے موجوٗدہ
کائینات چھُنہٕ گژھ ڈِنیک یا گُنٔ کائینات یُس بوٗد سپد۔ کائینات چھہ
بروٗنٹھہ تہٕ لاتیداد اُسو میتر تہٕ آیندہ تہٕ آسَن، تہٕ پتہٕ پتھ کائینات چھُ
پننہٕ برونٹھمہ کائینا تہٕ منزٕ بوٗد سپدان۔ گویا کائینات وٕہ پزاونیچ یہ
ہدٕہی عمل چھہ آغازہ تہٕ انجامہٕ روٗس۔

کائینات کِس اَتھ ظہوٗرس چھہ آباس (وجوٗد، ظہوٗر) تہٕ غائب
سپدنس پرٕلے (عدم، قیامت) وَنان۔ وجوٗد تہٕ عدم کِس اَتھ مکمّل گردِشس
چھہ کلپ وَنان۔ عدم چھُ دوٕ یہٕ قِسمہٕ۔ اَکھ گوٕو پرٕلے (قیامتِ صغرا)
بیاکھ. گیہٕ مہاپرٕلے[1] (قیامت کبرا)۔ پرٕلے وِزہ چھُ پرٕتھ چیز پننین جوہرن
تہٕ گُنَن منز جذب گژھان۔ تہٕ گوٕو یہ زہ اَتھ اندر چھہ سوٕکھ، دوٕکھ تہٕ
مُہکچھ گژھن مکمّل نوو زُن لبان۔ گویا انفرادی آتماہَس چھہ گوٕب نِندرٕ
(نیسر) ییوان۔ اگرچہ تۄتہٕ چھُ پننین پرانین کرمَن اندر گرفتار آسان۔
اَتھ حالتس اندر چھہ تۄہٕ پتھ موجوٗد روزان۔ مہاپرٕلے وِزہ چھُ سورُے کینٛہہ
مکمّل طور فنا (سمہار) سپدان۔ اَتھ اندر چھہ تۄہٕ تھوٗ سپتو بنے میتر چیز

---

[1] کثیف یا دٲپِش چھہ پرٕلے وِزہ پننس علّتس اندر لین گژھان۔ باقیٕ تمام خارجی
تہٕ ذرایع تۄہٕ پتھ چھہ اۄنتر پرٕلے اندر جذب سپدان۔ مہاپرٕلے وِزہ چھہ مطلق حقیقتہٕ
اندر ۳۶ وَے تۄہٕ پتھ لین گژھان۔ (بل جی)

تہ تمہ تھ نام فنا گژھان ۔ انفرادی زیو تہ حدبندی چھَ انفرادیت راوِتھ راوِتھ
عالم گیر حقیقژ اندر مکمل طور جذب سپدان ۔

چونکہ تژکہ چھُ وَنان زِ کائنات یا وجود چھ اکھ چلہٕ ورنی عمل۔ لہٰذا اکھ پاٹھی چھَ مہاپرٕلے پتہٕ نو پادایش ممکن سپدان، ییلہٕ سورُے کینژہ سمہار چھُ گژھان ۔ پرٕلے پتہٕ نو پادایش چھ فکرہ ترٛان ۔ تکیازِ یہ چھ اکہٕ تسبیح گوٚب بنندرہ تہ اکھ حالژ چھ اونتہ پرٕلے وَنان ترغابی کارن یعنے کرم چھُ موجود آسان ۔ لہٰذا چھ بیداری پتہٕ نو پادایش دوبارٕ سپدان مگر مہا پرٕلے وِزہ چھُنہٕ یتھ کانہہ ترغابی کارن موجود روزان ۔ اکھ کتھ چھ تژکہ یہ جواب دِوان زِ مادی دُنیا چھ ہمیشہ انفرادی ذاتن ہندِ کرمہ کنہ وجود لبان ۔ کرم (کارمل) گژھ محدود بے شے خاہش یوسہ مہا پرٕلے پتہٕ نوِہ سرِہ پادِہ گژھن وائلس ذاتس اندر ووہ تلان چھَ ۔ بے شے آمہ کنہ زِ مادی دُنیہک چھُنہٕ آمہ وِزِہ وجود دے آسان ۔ چونکہ یہ خاہش چھ مہا پرٕلے پتہٕ ظاہر گژھن والہٕ نوِہ دُنیا بروٚنٹھ اکھ ذاتس اندر ووہ تلان ۔ لہٰذا چھُنہٕ اکھ خارجی وابستگی آسان ۔ تکیازِ خارجیت چھُنہٕ دُنہ کُنی آسان ۔ یہ چھ محض علمہٕ تہ عملہٕ ہندِ طاقت استعمال کرنچ ترٛپ ۔ یتھ پاٹھی یم طاقت محدود چھ تتھے پاٹھی چھ یہ خاہش تہٕ محدود ۔ اکھ خاہشہ چھ کارمل وَنان ۔ مہا پرٕلے تہٕ تمہ پتہٕ چھ نوِہ پادایشہ ہندس ابہامس (OBSCURITY)

چھُ انوگرہ (خوداپی عنایت) بہ عمل اَنان۔ یہ انوگرٕہ چھہ پرٕم شوسنٕز عنایت
یَمہٕ سیتؠ یتھ دُنی یاہَس اندر انسانس عرفانِ نفس چھُ سپدان۔ یہ
ابہام چھُ ہاپرٕلے پتہٕ سپدان یُتھ نوٕہ یادایشہ ترغاُبی کارُن ہیا سپدٕ۔

## مُکتی تہٕ تمکہ طریقہ

اَسہِ وُچھ زہٕ پرٕیتھ ظہوٗر یا انفرادی
ذات چھُ دراصل "عالمگیر حقیقت" یُس
ہم رُوٗپ اختیار چھہ کرُتھ۔ مگر یہ وَننہ سیتؠ ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ آنند یا سرُور لبتھ
اَمہِ خاطرٕ چھُ اَمیُک شعوٗر پادٕ کرُنُک ضروٗرت۔ یہ شعوٗر ہیکہٕ نہٕ محض
عقلِ ونٛاونہٕ، وید تہٕ اُپنشد پَرٕنہٕ یا کانٛہہ گرٛس نٕشہ کتابی تالیم حاصل
کرنہٕ سیتؠ سپدِتھ۔ بلکہ چھُ اَمیُک واحد ذریعہ پرٕم شوسنٕز یژھہ یُس
ہمکِس انسانس رُوحانی عرفانٕچ وَتھ چھہ ہاوان۔ اَتہٕ چھیٚنہٕ انسانی عمل اکار
بکار۔ پرٕم شوسنٕز اَتھ یژھ چھہ دِیہ یژھ (شکتی پات) وَنان۔

انسان چھُ مختلف حد بندیَن اندر گرفتار۔ اَمہِ گرفتٲری ہُند
کارُن چھہ غفلت تہٕ اَمہ نٕشہٕ مُکتی (نجات) لبنُک واحد ذریعہ چھُ شعوٗرٕچ
پاکیزگی۔ غفلتھ چھہ ترٛے قسم ؛ (۱) آنول (باطنی غفلت) یہ چھہ انفرادی
نفسُک اصل سرُوپ کھٹان۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ آغاز مگر یہ چھُ فنا ہیکان گژھِتھ
یہ چھہ نام نہاد خامی تہٕ حدبندی ہُند محض احساس، یُس خامی تہٕ حدبندی
بے شُمار انفرادی زیون پادٕ چھہ کران۔ یہ چھُ عالم گیر یژھہ ہُند ظہوٗر

یمو سہ سعہ ابہامہ شکتی سیٖتھو ظاہر چھہ کران۔ (۲) کارم مل[1] (بے شے خاہش مل) یہ چھہ اکھ بے شے خاہش یمو سہ مایایہ ہندین ظہوٗرن سیٖتۍ زیوکی بیشمار لگاو پاٗدٕ کرنچ کارن چھہ۔ اَمۍ چھ اثر اندازی بلکہ اَمیٖک وجوٗد بے چھہ باطنی غفلژ (آنو مل) پیٹھ منحصر۔ ہرگاہ سعہ دوٗر گژھ بیترٕ چھہ باقی پانے ختم گژھان (۳) مایی مل[2]۔ کارم مل تہٕ کرمہٕ سمسکارن ہندیں نتیجس منز یتھ کنہٕ سیٖتۍ زیو وابستہ چھہ۔ تتھ چھہ مایی مل ونان۔

غفلت گوو نہٕ غائر ذی شعوٗر چیزن ہندی پاٹھو مکمل طور شعوٗر نہٕ چھلتھ تہٕ چھکتھ آسُن۔ اَمیٖک معنے چھُ صرف نامکمل علم یا شعوٗر آسُن۔ یہ چھنہٕ ذہنی لاعلمی تہٕ بلکہ باطنی نفسیچ (پوٗرشہ) لاعلمی اَکھ پوٗرشہ غفلژ سیٖتۍ ییمہٕ باقی غفلژ وابستہ چھہ، تیمہ چھُ اَمہ کِس خاتمس سیٖتۍ پانے ختم سپدان۔

گویا پرٕم شوٗ شند مکمل عرفان شہ نہٕ نہٕ عقلی بلکہ روحانی (پوٗرش یا باطنی) یس تمام حدبندی یو تہٕ تمام قسمہٕ چہ ڈیبی دوٗ گنیا رٕ نشہ

---

[1] اِنسان شند یہ غلط تصوّر زٕ سہ چھُ تمِن عملن ہند تختہ مشق ییم دراصل پرٕم شوٗ تمی سٕندِ جسمہ تہٕ من کہ ذریعہ کران چھُ گوو کارم مل (بل جی)

[2] کرژ ہند سہ تصوّر یتھ اندر انسان گرفتار چھُ گوو مایی مل۔ (بل جی)

پاک آسہ، چھُہ مکتی مۆنہٕ ذٔری بے۔

چونکہ مکتی چھہ انفرادی سمہار (فنا) یعنے اعلا حقیقژ اندر واپس جذب سپدُن۔ لہاذا چھُہ اَمِچ عمل ظہوری عملہٕ ہنٛد بلکُل اُلٹ۔ ظہوٗری عملہٕ اندر چھہ آنند، اِچھا، جنان تہٕ کرٛیا درجہ وار اَکھ اَکہ ہنٛزہ نیران تہٕ ظہوراتن ہنٛد کارن بنان، مکتی ہنٛزِ درجہ وار عملہٕ اندر چھُہ کرٛیایہ پیٛٹھ جنان، تمہٕ پیٹھ اِچھا تہٕ تمہ پیٹھ آنند درجن اندر قدم کھالُن یا پان جذب کرُن پیوان۔ یِتھہ پأٹھۍ چھُہ عرفانِ ذات سپدان۔

مکتی ہنٛدی چھہ ژور طریقہٕ: (۱) آنو پایہ۔ اَمہ اندر چھُہ مذہبی منتر، پان پرزناونکۍ ذری بے بناونہٕ یوان۔ یہ چھہ شرٗس نندرٕ پاوَنہٕ خاطرٕ اَکہٕ قسمِچ تھاپ تھاپ (۲) شاکتو پایہ[1]۔ اُمہ اندر چھہ بأطنی تفکرس کأم ہینہٕ یوان تہٕ یِتھہ پأٹھۍ چھُہ دُیی پیٹھ وحدت کِس شعوٗرس اندر قدم تراونہٕ یوان (۳) اِچھوپایہ۔ اَمہ اندر چھُہ محض کُنہٕ سخت بأطنی ریاضتہٕ ورأے قُوتِ ارادس کأم ہینہٕ یوان۔ اَمہ مُنزٕ لس اندر چھُہ مُشاہدک یہ دُنیا گوٚٹ گژھان۔ یہ چھہ نندرٕ تہٕ ہینٛج سوٗ حالت

---

[1] حقیقژ ہنٛد صحی علم پانس تہٕ پننِس پدپدس متعلق ظاہر کرنچہ عملہٕ چھ شاکتوپایہ وَنان۔ یہ چھُہ بلکُل ویدانتک جنیان یوگ۔ (بل جی)

یُلہٕ محض مُبہم خیالات رٕہوٕ انسانس آسان چھہٕ (۱۴) آنندو پاسے۔ اتھ اندر چھےٚ تمام ریاضت بے کار شپدان، البتہٕ کاٗتیہٕ باخبرو سپنٕز اکھ شیٖچھ چھُس مُکمل عرفانِ ذات کرِہ ناوان۔ یہٕ چھُ بے خاب ہندرہٕ ہنٕز سعہ حالت یُلہٕ شعوٗر تمام آلایشو نشہٕ پاک چھُ آسان۔ یُہے چھےٚ سعہ حالت یتھ سعہ بیان تہٕ تصوّر نیبر چھےٚ۔ یہٕ چھُ تمام مقصدن ہُند اُخری مقصد یہٕ چھہٕ صرف یوٗگی ین ہندرہٕ مشاہدُک چیز۔ یہوے چھُ پیچھان ذاتی ہُند مُقام۔

# کتاب نامہ

(کینہہ انگریزی کتابہ یمہ مدمطالعہ کرِ۔)

(۱) کشمیر شِو ازم • جے، سی، چٹرجی

(۲) ابھنیوگپت' تاریخی و فلسفہ مُطالعہ • کے، سی، پانڈے

(۳) اوریجن آف شِو ازم • کے، آر، سبرامانین

(۴) ہندو ازم اینڈ بُدھ ازم • سر چارلس آلیئٹ

(۵) اے ہسٹری آف کشمیر • پی، این، کے، بامزی

(۶) اَرلی ہسٹری اینڈ کلچر آف کشمیر • ڈاکٹر سُنیل چندر رائے

(۷) وِشنو ازم - شِو ازم اینڈ مائینر • آر، جی، بنڈارکر ریلیجس سسٹم۔

(۸) انڈین فلاسفی • رادھا کرشنن

•

# (۱) تاریخ

## تصوف آو اسلامس اندر واریاہ پتہٕ۔

### زُہدُک آغاز

گوڈٕ گوڈٕ گوٚو زُہد پاداہ۔ اَتھ سپدی زٕ وجہ۔ خارجی وجہ گوٚس یہ زِ ذہی شان خلیفن ہندس زمانس منز ییم تنازٕ تہٕ جنگ مسلمانن پانٕ وٲنۍ سپدۍ تہٕ توٚرٕ پتہٕ یِم ییہ ظٲلم تہٕ بےٚ راہ حکومت امیہ خلیفن ہنٛز قٲیِم سپٕز۔ تِمہٕ عرستھ گیہ واریاہ مُسلمان دِل برداش۔ تِہموٚ کٕر سورُے کھر کھشہ تہٕ اوتھ گوشہ نشینی اختیار تہٕ تِمو ہیٚے لگہٕ پننہِ دِلکہ سوکونہ تہٕ روٗحک سکوٗن ژھانٛڈنہٕ۔ ییٚنٛز یہ گوشہ نشینی بنیہ زُہدٕچ بُنیاد۔

داخلی وجہ سپُدُس یہ زِ اِسلٲمی تٲلیمہِ اندر آسہ پانٕہ تِم عنٲصر موجود یِمو واریاہ انسان گوشہ نشینی تہٕ زُہدس کُن اَتھ رٲٹھ دِنیہ۔ قورانِ پاکس اندر یِمہِ شدتہٕ سان قیامت کہِ حساب کتابُک تہٕ جہنمکہِ نارُک بیان چھُ سپُدمُت، سہٕ آو واریاہن انسانن اکھ ہیبتناک نقشہ درینٛٹھ۔ تِم لگہٕ خدایس (محبت کرنہٕ بدلہٕ) سخ کھوژنہٕ۔ جہنمکہِ تصورن کٔر یِمن اندر تیوٗت خوف تہٕ وحشت پادٕ زہٕ تِمو ژھٔن سورُے

دُنِیا ترٲوِتھ تہٕ توب کٔرِتھ بہِتھ لگِی خۄدایہٕ سٕنٛز عبادتھ کرنہٕ۔

یِمَن زاہدَن ہٕنٛز نظر اوس محض خۄدا پرستی پیٹھ۔ یِم اوس اسلامی تالیمہٕ مُطابِق سیٚدِ سادٕ پانٛژھ نمازہٕ پران، روزٕ دران تہٕ تلاوتِ قورانِ مجید کران۔ بقولِ ابنِ خلدُون (۱۴۰۶ء) اَمہٕ زمانہٕ کیٚن مسلمانَن نِشہِ اوس زُہد نِجاتُک اَکھ ذٔریعہ۔ پاکبٲزی اندر مستقل دِوازہٕ روزُن۔ خۄدایہٕ سٕندِ رضا کھٲطرٕ سورُے کیٚنٛژھ ترٲوُن، دُنیاوی عیش تہٕ غفلتہٕ نِشہِ پٔتھ روزُن تمام دولتھ تہٕ آسایش ترٲوِتھ گوشہ نشینی اندر خۄدایہٕ سٕنٛز عبادتھ کرٕنۍ۔ یِہُند زُہد اوس محض خوفِ خۄدا، خوفِ مرگ، خوفِ قیامت، خوفِ دوزخ تہٕ خوفِ گُناہ۔ یِمَن نِشہِ اوس جنّت مادی صوٗرتس اندر باغ تہٕ سبزار تہٕ جہنم نار تہٕ اَلاو۔

یِمَن ابتدٲیی زاہدَن منٛز چھ حضرت حسن بصری (۷۲۸ء) تَھدِ پایکۍ انسان اسۍ مِتۍ۔ یِمَن اوس خۄدایہٕ سُنٛد خوف بیٚیہِ مت غٲلِب سپُد۔ بقولِ حضرت فریدالدین عطار "زنتہٕ جہنمُک نار ادمی تہِندِ خٲطرٕ تُمت۔" یِہُند ناو چھُ اکثر صوٗفی سِلسلن اندر حضرت علی رضؓ پتہٕ ہیٚنہٕ یِوان۔ تکیازِ یِم چھِ تِمَن روٗحانی خانوادَن ہٕنٛدۍ گوڈنِکۍ مورشِد اسۍ مِتۍ۔ یِموٚ منٛزٕ بٔتِس قادری، چشتی تہٕ سہروردی سِلسلہ

---

۱ مقدمہ ۲ تذکرۃ الاولیا

پاژہ سپدی۔

## زۆہدُک دوٚیُم دور

یہ اوس زۆہدُک گوڈنیُک دور۔ دوٚیُم دور چھُ اُکم صدی ہجری آخرس مَنٛز شورُوع گژھان۔ یِلہِ یِمن مَنٛز اکھ سۄ جماتھ پاژہ سپٕز یۄسہٕ زاہد آسنس سیٖتۍ سیٖتۍ "بیہ تہٕ کیٖنٛہہ" اَس۔ یِمن اندر سپٕز گوشہ نشیٖنی رَکھ پاُنٛی پانٕے غور تہٕ فکر کرنٕچ قوت بیدار تہٕ اَمی قوتن کٔر یِمن بعضٕ رَتھ تہٕ وجدان پاژہ۔ اَوٚت تام اوس فقرت اِختیار کرنُک مانے دُنیاوی دولت تہٕ حشمت ترک کرٕن۔ مگر وۄنۍ آو اَتھ " اَمہ ترکُک اَری زوٕے تہٕ ترک کرُن " کلٕہٕ، یہ گو اَتھ سیٖتۍ سیٖتۍ گژھہ دِل تہٕ خاٗلی [illegible] اسلٲمی زۆہدس اندر یہ دُپۍ یہ تہٕ تعمیری گوڈنیٚچ بُنیاد "فقر زاہد" تہٕ اَسہِ اِعتقاد تہٕ عمل کٔرٕکھ کٔرٕ مسلمان تہٕ پیٚنٛز نظرتہٕ اَمس تہٕ وُنہِ الاہیات تہٕ تصوفٕچ[2] سنے مرژ یا تور پیٚٹھ وٲژ مرژ۔

اَمہِ دورُک گوڈنیُک بزرگ اَسہِ حضرت ابراہیم بِن ادہم (وفات ۱۶۳ھ) یِم اَسہِ بلخ شہرُک شہزادہ

۱ ہجری سنہ [illegible] ۶۲۲ مطابق [illegible] عیسوی [illegible] مطلب [illegible] شخص

[illegible]

نتہٕ ساری شان تہٕ شوکت ترٲوِتھ کٔرکھ زُہدٕچ زندگی بسر۔ یِمَن درویشن

اَسی دوٚن زاہد گرٕہ بار ترٲوِتھ تنہا یا جمأژن اندر وأرانن تہٕ صحراوَن

اندر پھیران۔ البتہٕ سردی اندر اَسی گژھن خاص جایہ قرار کران، یتھہ بعد

خانقاہن ہنٛز بُنیاد پییہِ۔ اَمہِ قسمہ کیٖن خانقاہن ہُند سُراغ چھُ دمشق

(۷۶۷ء) تہٕ خراسان (۸۱۵ء) شہرن اندر میلان۔ یہ چھُ گوڈنیک شخص

یَمِس "اسمِ اعظم"[1] پتاہ چھُ لگان۔ اَمِس چھُ اَکھ آوارگی اندر کُس نام

یہ بادالن۔ اَمہِ ترٲو ادہمی خانوادٕچ بُنیاد۔ حضرت جُنیدؔ چھُ وَنان

"ابراہیم اَسی زُہدٕکین اصوٗلن ہنٛز اصوٗلن ہنٛز کُنٛز[2]۔"

دوٚیِم اَسی حضرت فُضیل ابن عیاض (وفات ۸۰۱ء) یِم اَسی

ڈاکون ہنٛدی سردار مگر پتہٕ تٔرو کھ سورُے تہٕ حسن بصری سٕندِس اکِس

شاگردٕ سٕندی بنیی پأروکار۔ یِموٚ کوٚر سیٹھاہ تصوفٕ درجہ حاصل پننین

شاگردن پٮ۪ٹھ کٔرٕ کھ زندگی گذارنک اکھ تنظیم۔ یہ اوس گوڈنیک

خانقاہی ادارٕ۔

ترٛیِیم انتہاٸی باکمال اَس حضرت رابعہ بصری۔ یہ اَس اَکہ غریب

گرٕچ کوٗر یوسہٕ شیٖن دِرہمن (روپیَن) اَکِ امیرن مَلے اَس ہیٚژمٕژ۔ مگر

---

1 یہ خیال چھُ بذاتِ یہوٗدی مرکبہ صوفیین نِشہٕ نِنہٕ آمُت تہٕ یوٚہے چھُ یتھہ عیسأے صوٗفی کلام وَنان چھُ۔

2 کشف المحجوب۔

اَہندِ خودا دوس آسنک اَکھ عجیب واقہٕ وُچھت کرٕن آزاد. حضرت عیسیٰؑ چھ اَمِس مُتعلق وَنان "اَمِس منز اوس محبتک تہٕ شوقک نار ژھٹہٕ ماران یہٕ اَمس خودایس تام واتنہٕ تہٕ تَس اندر فنا گژھنہٕ کھاطرٕ بےٚ تاب. یہٕ اَمس دوٚییم حضرت مریمؑ تہٕ اَکھ بےٚ داغ زنانؓ." اَہند یہ دُعا ہُو کرٕ خودایس سیٚتہٕ اَکھ آزاد تہٕ بے تکلف توٗلُق قائیم کرنچ وَتھ صاف. یہٕ اَمس پیٚزکہ پاٹھٕ مَس مولائی ہنٛز گوڈنیچ نومویہٕ. اَمہ دیٚت نمازٕ کھۅتہٕ دُعاہس (ذاتی عبادتھ) زیادہ تھوٚد درجہ. اَہندہِ زہٕ دُعا بوزِو[2]:-

"اے میانہٕ خودایہ! یتھ دُنیاہس منز یہٕ کینٛژھا مےٚ عطا کرِکھ، سُہ کرِنَن دشمنَن حوالہٕ، تہٕ یہٕ کینٛژھا مےٚ آخرتس اندر دِکھ تُس دِزِہٕ پننین دوستن. مےٚ چھُک ژٕہ گۅنٛے کافی."

"اے میانہٕ بآزی تالا. اگر بہٕ چانی عبادتھ جہنمکہٕ خوفہٕ کرہ مےٚ بُرِہِو زٕہ جہنمکس اَلاوس. ہرگاہ جنتکہٕ طمہ کرہ، مےٚ کڈِو زِہٕ تتہٕ نیٚبر دفا. وَیلا بہ محض چانہِ کھاطرٕ چانی عبادتھ کرہ. مےٚ نِشہٕ تھاوِو زِہٕ پننِ ابدی جمال ژٕدِرہٕ."

## صوٗفی ناو

اَتھ دوٚییمس دورس سیٚتہٕ چھُ زاہدن "صوٗفی" ناو پیوان.

---

۱ تاریخ الاولیا ۲ کشف المحجوب باب ترجمہ حضرت داتا گنج بخش رح

صوٗفی چھُ عربی لفظ صوٗف (کٲشرُ پیر) منٛزٕ دٕرامُت[1]۔ عیسائی درویش (راہب) ٲسہٕ پَنُن پان عام طورٕ زِنشہٕ بچاون کُنہ نہ نعمہ کُھمنٛل لاگان۔ یہ اوس فُقرٕ تہٕ دُنیا ترک کرنُک اکھ ظاہری نشانہٕ۔ دوٗیمہٕ صدی ہجری (عیسائی اُٹھومہ) منٛز ہیوٗت مسلمان زاہدو تہٕ مُنٛل لاگُن تہٕ اَکھ بیٚیٚھ پیٚیو یمَن "صوٗفی" (مُنٛل لاگن وٲلی) ناو۔ گوڈنیُک مُسلمان یمہٕ مُنٛل لوٚگ تہٕ یُس صوٗفی ناوٕ پیٚیو اوس ابوہاشم بن عثمان شرک کوٗفی، یُس ۷۷۶ اندر ریٚمہٕ عالمہٕ گُذریو[2]۔

اُوٚت تام اوس پیری مُریدی، ہُند سلسلہ تہٕ شوٗرٕ سٕپُدمُت۔ شاگرد ٲسہٕ باکمال زِہدٕس نِشہٕ زُہد چ تٲلیم رٹان تہٕ تتھ پیٹھ ستی سان عمل کران۔ مختلف پیشن تہٕ قبیلن ہُندی انسان ٲسہٕ زُہد کُس اَکھ دایرس منٛز آمتی تہٕ یہ اوس دوہہٕ کھہٕ تہٕ دوہہٕ بڑان۔ اگرچہ یہ ٲس محض پاکباز زندگی ہُنٛز اَکھ تحریک۔ یمیُک نظریہ کٲیناتس مُتعلق منفی تہٕ یاسیت بوٚرُت اوس۔ توٗتہٕ ٲسہٕ اَکھ اندر تمیہ نوٚہ کُنہ پاُدہ گامژٕ۔ باطنی فقرت۔ خانقاہی سلسلہ تہٕ ذاتی عبادتھ۔

---

۱۔ مگر حضرت قشیری (۹۸۸ء) تہٕ حضرت شہاب الدین سہروردی (۱۲۳۴ء) چھ وَنان زِ صوٗفی ناو سپُد دوٗیمہٕ صدی ہجری ٲخرس (۸۱۵ء) منٛز رٲیج۔ ۲۔ صوٗفی ازم (آربری)

## تصوفُک آغاز

نوٚہہ دورٕچ یہٕ تحریک زانہٕ تہٕ پھانٛپھرلییِ کوفس تہٕ بصرس اندر تہٕ اَتہٕ پیٛٹھٕ لگٕ سأری ہٕبہے اسلأمی دُنیاہس کُن پکھ وہراوٕنہٕ۔ لوٚکھہ تُکر کشیر تیداُس منٛز اَتھ اندر شأمِل سپدٕنہٕ۔ اَمہِ کہٕ عرب، عراق، شام تہٕ فارس تام ژھٔٹھ۔ خراسان بنیوو خاصکر اَکھ اہم مرکز۔ یہٕ شہر تہٕ بلخ (بلکہٕ سورُے مشرقی فارس) اوس اَمہِ برونٛہہ ہندوستان پیٛٹھ دُرامتہٕ اَکہِ مذہبکہِ اہم مرکزٕ بنِتھ۔ سُہ گوٚو بُدھ مت۔ یِمہ نِے اندرٕ آیہٕ مُسلمان زأہدن ہنٛز اکثریت تہٕ ووٚنی روزان۔ ابراہیم بن ادہم سٕندِ شہزادگی ترٛاونُک واقعہ چھُ مہاتما بُدھ سٕندِس مشہور واقعہس سیٛتۍ واریاہ کیٛنٛہہ رلان۔ بُدھ مت کِین درویشن (بھکشوٗن) نِشہٕ ہیوٚتُکھ مُسلمان زأہدو تسبی ہُند استعمال[۱]۔ اَمہِ علاوہ اَخلاقی خوٚد تربیتی، زأہدانہ مراقبہ تہٕ دانشمندانہٕ تجریدُک طریقہٕ تہٕ بنیوو کھہ بذأتی یِمہ نِے نِشہٕ (پننہٕ مذہبہ مُطأبق) ہُنا تبدیلی سان ووٚزُم۔

خراسانس اندر رےٚ آیہٕ ظألِم اُمیہ حکومتہ ختم کٔرِتھ عبأسی خلافت قأیِم کرنٕچ تحریک زیاد تہٕ ترٛاونہٕ۔ گویا یہ اوس مذہبی تہٕ سیأسی تحریکُک

---

۱ تسبی ہُند استعمال چھُ حضرت عمرؓ سٕندِس زمانس منٛز سپدمُت اَتھ چھُ بدعتِ حسنہ وَنان۔ (نازکی)

گٕژھ۔ عباسی خلیفہ مامونٕنؔ سٕندِس دربارس منٛز ٲسہ مختلف مذہبن ہنٛزٕ پانٕہ وٲنی بحث مجلسہ۔ یِمو سٟتۍ اَکھ اَکِس سٕندٕ اعتقاد تہٕ نظریہ واتھ گٔژھتھ بُرونٛہہ کُن آیہ۔ عباسی خلیفہ ہارونٕ رشیدٕ[1] سٕنٛزٕ تخت نشینی پیٹھٕ مُتوٕ کٕل سٕندِس موتس تام (٧٨٦ - ٨٦١) قریب ٧٥ ؤریس سٕپدی یونانی فلسفہ دان افلاطون، ارسطو تہٕ پٲرفاری سٕندین تخلیقن ترجمہ[2]۔ یِمہ سٟتۍ اسلٲمی خیالاتن اندر زبردس اَدلہٕ بَدلہٕ سپُد۔ اَتھ سٟتۍ سٟتۍ سپُد ایرٲنی (زرتشتی) ہندوستٲنی (ویدانت) تہٕ عیسٲیے تصوف (بار شُدیلی) تہٕ عام۔ اَمہ سارِکۍ نتیجہ دراو یہِ زِ خالص زاہدانہ زندگی اند ژاپہ مختلف نظریَن ہندۍ عناصر تہٕ گٕژھنہ لگیہ سپُد اَکہ باضابطہ تصوفک آغاز۔ زوٗہدہ بدلہٕ پھیوٗر وٕہنی عرٕ فانس کُن توجہ تہٕ زاہد بنیوو گٕژھنہ لگیہ عارف۔ خُدایس کھوژنہٕ بدلہ وۄتلیوو تٔمس سٟتۍ پانٕنیار تہٕ محبتک جذبہ۔ موت ہیوٚتن خوش یوٗن باسُن، جنّت تہٕ جہنم بنیوو سبزہ زار تہٕ نارہٕ اَلاوٕ، بدلہٕ خُدایہ سُند وصل تہٕ دوٗری۔ تھیاسفی، عرفان، وجدان تہٕ وحدت الوجود (ہمہ اوس) آیہ ننٛوٕ پٲٹھۍ بارس۔

**تصوفُک ترقی**

پیٚمو مختلف علمی نظریو زوٗہدس تصوفُک شکل دژ۔ تِمو ییٚمہ کرٕ بیٚیہ طرفہ عقلیت تہٕ شک پرستی تہٕ عام۔

---

١ خلیفہ ہارون رشیدٕ سُند نیٚچُو۔ ہارون رشیدٕ سُند زمانہ چھُ (٧٨٦ - ٨٠٨)

٢ ابو یعقوب ابن اسحٰق الکندی (موت ٨٧٣ء) چھُ گۄڈنیُک مسلمان یُس "فلسفی" ناو پیوو۔ یہِ اوس زیادہ پہن ارسطو سٕندین خیالن پیروی کران۔

یُس اَکھ لازمی خاصہ اوس۔ آتھ ہیکہ ہے وجدان تہٕ جذبٲتی بُنیاد
پیٹھے قایم کانہہ چیز شکس دِتھ۔ چنانچہ ﷲ اوس تصوفن ییتہٕ سید
تصوفس پھالنس اندہ مدد گٕژھ ثابت۔ اَتھ سیتی ییلہ نہٕ بیی خوش
اعتقادی تصوفس خلاف شدید اقدام کٔرۍ، اَمہ سیتی گیہ واریاہ
وٕسی دِل مسلمانن مُتاثر تہٕ تِم تہٕ بنے صوفی۔

یِمہ عدکہ تمہٕ عظیم صوفی اسۍ حضرت معروف الکرخی (۸۱۵ء)
حضرت ابو سلیمان الدارانی (۸۳۰ء) تہٕ حضرت شیخ ذوالنون مصری
(۸۵۰ء) حضرت معروف الکرخی یُس اکھ مشہور گنڈتی چھ زٕ "عارفن
چھ ترییہ نشانہٕ۔ خیال چھک خدایہ سند جاے چھکھ خدایس سیتی تہٕ کار
چھکھ خدایس منز۔" تصوفس اندر وجدان تہٕ عرفان فلسفہ داخل کرن
والۍ چھ حضرت ذوالنون۔ نو افلاطونی[1] عناصر تہٕ چھ اہندی دٕسۍ
اسلامس اندر وٲتی ہیتۍ۔ بڈ عالم آسنہٕ کمہٕ خۄتہٕ [illegible] پیٹھ آزاد خیالی
ہُنڈ شک۔ یمہ کرۍ خلیفن متوکلن قاد کٔم۔ ییتہٕ پیوس اہندہ روحانی
شخصیتک اثر تہٕ کمہ کھہ نہٕ صرف آزاد بلکہ کٔرن شیشطاہ عزت
افزایی تہٕ۔ حضرت جامی[3] چھ ونان "یہ اوس گوڈنیک شیخ[2] یمہ تصوفکہ
اصول مقرر کٔرۍ۔"

---

[1] نو افلاطونیت۔ افلاطونی خیالاتن منز مشرقی عرفانیچ ملاوٹ۔ [2] شیخ، مرشد رہبر، پیر [3] نفحات الانس۔

یِمن پتہ یِہنٛز چھہ اُتھ صٕدی اندر حضرت سلطان بایزید بسطامیؒ (وفات ۸۷۵ء) ووتھان۔ یِہنٛد بٔڑ بب اوس زرتشتی تہٕ یِہنٛد مورشد اوس حضرت بوعلی سندھی (ہندوستانی) یِمو دیُت گوڈنچہ لٹہ اسلامی تصوّفس فنا ہُک منفی تصوّر تہٕ اَمہ سِتی لیُٚج تصوّفس عملی طور ہمہ اوستچ شکل۔ یِہنٛد خیال بوزِو۔ "مێانِس یُتھ جُبٕس تل چھُنہٕ کینہہ صرف خُدا یے ... بے شک چھُس بہٕ خُدا، تہٕ مے وراۓ چھُنہٕ کانہہ خُدا۔ لہٰذا کٔرِو میٲنی پرستش"[1] فنا ہُک یہ تصوّر چھُ بٔڈ اُتی "ویدانت" فلسفہ، یُس یِمو پننِس ہندُستانی مورشدس نِشہٕ حاصل کوٚر۔ فرق سپُز یِتھٕ رٕ زہ "ویدانت" فناہس چھہ کرمس سِتۍ واٹھ تہٕ اسلامی فناہس، بقاہس سِتۍ۔ یِمو تہٕ اَو طیفوریہ خانوادُک بُنیاد۔ اَمِچ خصوصی تٲلیم چھہ شُکر (خُدایہ سِندِس محبتس منٛز بدمستی) تہٕ وجد یُتھ یِم گاٹہٕ جار یا انسٲنی ہوشس منٛز چھہ انسٲنی قوّت ڈٕلِتھ بقاوِنٛچ صنوٚرٕ رٕتھ یِوان۔ یہ چھُ خُدایس تہٕ انسانس درمیان اکھ پردٕہ یِنان۔ بدمستی منٛز چھہ یِم قُوّت ختم گژھان، ہٕکیا زِہ انسانس چھُنہٕ پننِس پانس پیٹھ قٲبو روزان۔ البتہ تِم طاقت چھہ برقرار روزان، یِم انسانہٕ سِندِ اختیارٕ نیبر چھہ۔ رتھمے چھہ صحی حواس تہٕ خُدایس تہٕ انسانس درمیان توٚلُق پادٕ کرنُکی ذٔریہ۔

---

[1] نفحات الانس (حضرت جامیؒ)

یہندِس اُلٹہٕ عقیدس بلکُل برعکس چھ حضرت ابوالقاسم الجنید البغدادیؒ (وفات ۹۰۹ء) آسان۔ وَنِنہٕ چھُ یِوان زِ یِمن صوٗفیین اندر چھ یِم سیٹھا ذی عزت تہٕ عظیم شخصیت اُسی مِہٕری حضرت داتا گنج بخشؒ چھ وَنان زِ یِہُند اصوٗل چھُ بسطامی عقیدس خلاف فرزانگی پیٹھ مبنی۔ یہ اصوٗل کوٚر تمام صوٗفی خانوادو تسلیم۔ خاہ باقیے کتھن منز تِہنز کوٚت تہٕ اختلاف اوس۔ یِہُند خیال اوس زِ خودایس سیتۍ تعلُق کھاٗرِتھ چھ روٗحانی حواس ڈٔنجہ تھاوِنۍ اشد ضروٗری۔ اَدے ییٚکہٕ منصوٗر یِمن نِشہٕ تربیت حاصل کرِنہٕ آو، یِمو کوٚرُس یہ وَنِتھ صاف جواب زِ بہٕ چھُس نہٕ "دیوانن" سیتۍ پان اولوٗدٕ کران۔ یِمو ترٲو جنیدی خانوادِچ بُنیاد۔ یِمہٕ اَندرٕ پوٚتُس سہروردی تہٕ کُبروی سلسلہ درٲے۔ اَمہ وِزِ فناکس نظریس بِییہ یِہنا ترقی تہٕ یہ بنیوٚو مسٔلہ تصوفٕچ ہُند ضروٗری حصہ۔

مگر سارِوے کھوتہٕ عظیم وحدت الوجودی چھ حضرت حسین بن منصوٗرؒ حلاجؒ (بادشاہ ۸۵۸ء) مانِنہٕ یِوان۔ یہ گوٚ منصوٗر ناوٕ مشہوٗر۔ حالانکہ یہ اوسُس مالی سُندناو۔ یہ پھیوٚر خراسان، ایران، ہندوستان، ترکستان تہٕ مکہ معظمہ پٔچار کران کران تہٕ پتہٕ تُس کوٚرُن بغدادس منز قرار۔ واریاہ شاگرد کٔرِن جمع، یہ اوس عظیم بالاذہن

جوشیلہ قوّت، سٕرٕون صوٗفی تہٕ باجوٗرتھ الاٰہیاتُک عالِم۔ اُمِس پٮ۪ٹھ وارِیاہ نادٕ۔ خطرناک سازِشی، نصرانی، بارٕ مُلحد، اَپز یور، پھندباز بیترِ یِہ آو اُلزامن وَرِیَن قاد تھاونہٕ پتہٕ ۹۲۲ء منز خرٕس لَدنہٕ، پھانسہِ کھارنہٕ، قتل کرنہٕ تہٕ زالنہٕ، اُمِس خلاف اوس یِہ الزام زِ اُمی دوٗن اناالحق (بہ چھُس حق یا خدا) اُمی سٕنز مشہوٗر کتاب چھِ کتاب الطواسین[1] اُمی یُس فلسفہ پیش کوٚر تتھ دِژ اُمِس پتہٕ اسلامی تصوّفس نوٚو شکل اُمی چھُ بنیس فلسفس منز حضرت عیسٰیہس سٕہ طاہ تھوٚو درجہِ دِتمُت اُمی چھِ ناسوٗت تہٕ لاہوٗت لفظ تہٕ تصوّر گوڈنی تصوّفس اندر اَنِنہٕ یِم دوشوٕے لفظ تہٕ تصوّر چھِ بذاتی شامی عیسائی تصوّفکی۔ یانے حضرت مسیح سٕنز انسانی تہٕ خدائی فطرت... ییمہ وِزِ یِہ پھانسہِ کُن نیوٚکھ تہٕ اُمی وُچھ صلیب تہٕ رٔکھ۔ یِہ وۅٚدتھ لوٚکن کُن: "یُتھ نہٕ تُہی میون یِہ حال وُچھتھ خدایہ سندِس مہربان آسنس مُنکِر سپدِو۔ خدایے چھُ مےٚ سیتی وُنی کیٚن شےٚ سٕتۍ لۆکھ کران، یُس دوس دوستس سیتۍ کرِ سہٕ چھُ مےٚ کُن اکھ سہٕ پیالہ پِلہٕ نادان، یُس تمہ گوڈنی پانہٕ چوٚو"۔

عجیب کتھ چھِ زِ منصوٗرس پتہٕ بدلیو مذہبی عالِمن ہنز صوٗفین

---

[1] منصوٗرس آیہ پتہٕ مختلف تاویل کرنہٕ، یُتھ تَس خلاف لاگنہٕ آمت الزام دوٗر سپدن۔

ہندس ہمہ اوسس مُتلق راے۔ تِہموٗ زاٗنی ییم کاٗفر تہٕ مُلحد بدٕلہ محض

بدٕ تی دِ ییم شرعس اندر خامخا تہٕ بے مانہ اضافہٕ چھہ کران۔) تہٕ پھاشسہ

چھوٗشسہ لدنک سِلسلہ گوٗ بشد۔ مگر یہٕ اوس حُجت الاسلام حضرت امام

غزالیؒ (وفات ۱۱۱۱ء) یِمو سٕندہ سٕتی تصوّفن گوڈنچہ لٹہ اِسلامس

اندر اکھ مضبوٗط تہٕ یقینی جاے لَب۔

حضرت غزالیؒ واتی پننہ عٕلمہ کنہ سلجوقی دربارس تام تہٕ

نظامیہ کالج بغدادس اندر سپدی ۱۰۹۲ء اندر اُستاد مُقرر۔ اتہٕ سنے تہٕ

ییم گوڈنچہ لٹہ عرفانس۔ یِموٗ کوٗر فلسفک مُطالعہٕ، تسہ آکھ بے فائدہ

دریننہٕ۔ یِموٗ لیچھہٕ واریاہ مذہبی کتابہٕ تہٕ آخرکار بنیہ صوفی۔ ۱۰۹۵ء

اندر ییلہ یِمن پننہٕ علم دُنیاوی دولت تہٕ شان تہٕ شوکت بخشن وول

اوس یِموٗ ترووو یہٕ دُنیا تہٕ بنیہ یہٕ قلندر۔ اتھ دورانس منز تہٕ رُودی ییم

پننین مذہبی تجربن ہندہ کہاے تہٕ اکھ نوٚ دلیل تہٕ عقلی صوٗرتھ دِوان

نتیجہ سپد یہٕ زِ پننہٕ تجربہ بنوو یِموٗ پننہٕ یقینچ بُنیاد تہٕ اتھی تل کوٗرکھ

پننہٕ فلسفہ تہٕ سورُے قیاس رکھو دلیل مرتب۔ "مشکات الانوار" یِرتھ

چھہٕ باسان زِ تصوّف چھہ تجلّی بغار واتھے ییمنز زیرک زندگی شک

پرستی پیٹھہ۔ یہٕ چھہ دنیا تک گئی بوڈ بارہ عالمس اِسلامن از تام

پاٗدہ کوٗر۔ یِموٗ دِژ پننین مذہبی کتابن اندر تصوّفس ٹاکارہ پاٹھی جاے۔

عیسائے دٕہمہ صدی اندر اُسہ احادیث البخاری (وفات ۲۵۶) تہٕ مُسلمؒ (وفات ۲۶۱ء) گومہ ڈیکھ لٹہٕ جماسپدیہ متہٕ تہٕ صوفیو اُسہ پننہٕ مطلبکہ وارِیاہ حدیثہ لبہٕ متہٕ۔ یہِمَن تِمَہ قرآن مجید کین آین یتہٕ واٹھ دِتھ، پننہٕ اوٗصولہ یِم یاد اُسہ بناوان۔ خاص تِمہ اوٗصول تِموٗ کُنیہِ تہٕ حاصِل اُسہ کرِمتہٕ۔ اَمہ چیٚرِن کورٗ تصوف بٔیییہَن مقبول تہٕ اکھ پیوٗ دوٗمنی باضابط اوٗصوٗلی شکل دِنک ضرورت روٗزِتھ۔ چنانچہ دٕہمہ صدی اندر لیجِ اکھ یہ شکل۔ ابوبکر شبلیؒ بغدادیؒ (وفات ۹۴۶ء) محمد بن عبدالجبار نفاریؒ (وفات ۹۶۱ء) حضرت ابوسعید ابن عربیؒ محدث (وفات ۹۵۲ء) حضرت قشیریؒ (وفات ۱۰۵۷ء) تہٕ حضرت داتا گنج بخش علی الہجویریؒ (وفات ۱۰۷۲ء) چھہ اَمہ زمانکہ بٔڈی بارہ بزرگ اُسہ متہٕ۔ حضرت قشیریؒ ین دِژ تصوفی پہلوکینہ صوفی عقیدس کلاسکی ترتیب۔

## تصوفک عروج

عیسائے ترٛوٗاہِمہ صدی اندر گوٚ تصوفک کلاسیکی دور شروٗع۔ ژورٕ بٔڈی شاعِر حضرت فریدالدین عطارؒ حضرت جلال الدین روٗمیؒ حضرت شیخ سعدیؒ تہٕ خواجہ حافظ شیرازیؒ گیہ پادٕ یِموٗ پننیو صوفی تخلیقاتو سیتہٕ اسلامی عقیدٕ زبردس پاٹھۍ متاثر کوٚر۔

فریدالدین عطارنؒ (وفات ۱۲۲۹ء) چھہٕ تذکرۃ الاولیاء (نثر)

تہٕ منظوٗم ۲۹ کتابہٕ تخلیق کرِٕ مرٕ. دٕیان چھِ زِ پننہِ زندگی ہِندین آخری دوہن منٛز آسو یِم "روٗحانیت کِس انتہاٚیی تھدِس مرتبس پیٹھ واتی ہیتی۔" اُہند موت سپُد چنگیز خان سِندِس حملس اندرکس تام منگول سپاہ سِندِ اتھہٕ. پندنامہ تہٕ منطق الطیر چھِ یِہندِ زٕ مشہوٗر منظوٗم کتابہٕ.

مولانا روٗمؒ (وفات ۱۲۷۳ء) چھِ پننہِ مثنوی معنوی تہٕ دیوانٕ کِنہ سیٹھا مشہوٗر تہٕ مقبوٗل. یِہِ علاوٗالدین قیقباد ثالث بے اولاد موٗد، یِم سپدی تہندِ سلطنتکی وارث. مگر یِم سپدِ عثمان سِندِس حملس منٛز دستبردار. ۳۸ وُہرِ عمرِ سمکھ یِم شمس تبریزی یَس تہٕ تہندِ نظرِ سیتی سپُد یِمن اندر بالا ذہنی تہند نار بیدار تہٕ اسلامی فقہ تہٕ قونیہٕک یہ عالم بنیو عظیم شاعر.

سعدی شیرازی (وفات ۱۲۹۱ء) چھِ پننہِ گلستان بوستان کِنہ شرین تام وِدی. یِم پھیری بطور حکیم وارِیاہن مُلکن تہٕ علاقن رنگہِ رنگہِ انسانن تہٕ حالاتن سیتی پرزِک زان. پتہٕ آسی یِم پرزِکِ پاٹھی تمام دٕنیٲہکی شہری ییمو کرٕ اُخری عمرِ منٛز مکمل زاہدانہ زندگی بسر. ییمو چھِ تصوف کِس اخلاقی پہلوس پیٹھ زیادہ یہَن زور دیُتمُت.

حافظ شیرازی (وفات ۱۳۸۹ء) چھ غائبی زیو (لسان الغیب) کنہ تہ مشہور۔ یمو چھ غزلن ہند اکھ دیوان ترووُمُت، یتھ منز صوفی تصوفکی اسرار لبان چھ، یمہ کنہ تمہ اُمس ترجمان الاسرار تہ چھ وَنان، لیکن مولانا شبلی نعمانیؒ چھ شعر العجم کتابہ اندر اَہنزہ شاعری منز تصوف آسنس بلکل انکار کران۔ تمہ چھ اُتھ اپی کیورس[۱] (لذت پرستی) سیتہ واٹھ دوان۔

عبدالرحمان جامیؒ (پیٗدایش ۱۴۱۴ء) اُسہ بوڈ عالم، شاعر تہ صوفی یمو چھ دیوان، مثنوی، تصوف، دینیات، عربی گرامر، عروض موسیقی تہ دوی مین مضمونن پیٹھ وارِیاہ کتابہ تخلیق کرہ مژ۔ اَہنزہ زندگی پیٹھ اوس تصوف مکمل پاٹھو غالب۔ بقول پروفیسر براون "ایرانکیو صوفی تہ وحدت الوجودی خیالاتھ چھ صاف تہ مکمل پاٹھو اُمہ سندِ کتابن منز دِرینٹھ یوان۔"

## تصوفک زوال

اُتھ صدی سیتی چھ تصوفس مزید ترقی ہنز وُتھ بند گژھان تہ اَمیُک زوال شروع سپدان۔ یہ چھ صحی زہ کُنہ کُنہ جایہ اُس اکھ بیاکھ بزرگ ہستی پیدہ گژھان

---

[۱] اپی کیورس (۳۰۰ قبل مسیح) اوس اکھ یونانی فلسفی۔ اُمی سُند خیال اوس زِ عائش تہ لذت پرستی چھ انسانہ سُند اصل تہ آخری مقصد۔

مگر سعہ اُس پرٛانٮ۪ن کٕنہٕ سلسلٕچ پیروکار آسان۔ الجنیدؒ، الغزالیؒ، ابن
الفریدؒ[1]، ابن عربیؒ[2] تہٕ مولانا روٗمؒ اُسہٕ فنکارٕی تہٕ نظریہٕ کِنہٕ تصوفکہِ عروجکہ
اٰخری تھٕنگہٕ۔ یِمن پتہٕ ہیٚوک نہٕ کانٛہہ تہٕ شخص اَتھہٕ مقامس پیٚٹھ
واتتھ۔ تمکہ کینٛہہ وجہ چھہ یِم :-

۱۔ اوٚت تام اُسہٕ صوٗفی بٕہلہٕ پایکہ مذہبی تہٕ باقی عٔلمن
اندر باکمال آسان۔ مگر وونٛی اُسہٕ عام صوٗفی اَمہِ نِشہٕ بلکل اَلگ چھٕلتھ

۲۔ پرٛانٮ۪ن صوٗفی اُسہٕ مذہبی، اَیخلاقی تہٕ پاکیزگی منٛز بےٚ مِثال
تھٕدہ بدلہٕ گیہٕ مِتہٕ، غٲر پاکیزٕ تہٕ بےٚ اَیخلاق صوٗفی شکلہ اندر پاٚدٕ۔

۳۔ گوڈنکین صوٗفی سلسلن اُسہٕ باکمال معہ رشد چلاوان تہٕ
باکمال شاگرد پاٚدٕ کران۔ یِتہٕ روٗد یہِ محض رسمی ادارٕ۔ معہ رشد
تہٕ ژھری تہٕ شاگرد تہِمہ تہٕ گرٛتھہِ تھے۔

عٔلمہ تہٕ عرفانہ بدلہٕ گیہٕ بےٚ بُنیاد وہم تہٕ بےٚ قلی قیاس ژھوٚ یارٕ

---

[1] ابن الفرید (وفات ۱۲۳۵ء) چھہ عربی ادبس اندر اَکھ عظیم صوٗفی شاعر
اوسمُت۔ اَوہند کلام چھہ سیٹھا مشکل، مبہم تہٕ لفاظی سیتہٕ بٔرتھ۔ "حقیقت
محمدیہ" عقیدٕ چھہ اَمہِ سٕنزِ شاعری منٛز پوٗرٕ پاٹھی میلان۔ [2] ابن عربی
(وفات ۱۲۴۰ء) یِم اُسہٕ محدث الاہیاتکہ عالم تہٕ قونوٗن دان۔ یِم اُسہٕ
منقوٗل سند فلسفکی وارہ قایل۔ یِہنٛز مشہوٗر کتاب چھہ طبقات النسق۔

رائج۔ جود گری، تاوِیزہ پَن تہٕ بیٚیِھ بابتھ تماشہ بنیوو باکمال صوٗفی آسنکہ نشانہ۔

البتہ اُتھ زوال کِس دورانس منٛز تہٕ گو عبدالوہاب الشعرانی (وفات ۱۵۶۵ء) ہیوٚ بالا ذہین ہیوٚ پاگِرہ۔ یِمو سٕنٛز زندگی تہٕ کتابہ اَمہِ دورٕچ تمام خرٲبی پان ناوِتھ تہٕ واریاہ کیٚنٛہہ تحریر بجر چھہٕ ہاوان۔

کیٚنٛہہ انسان چھہٕ اَمہِ زوالکہٕ ذمہ وار خاجہ حافظ شیرازی سٕنٛز شاعری قرار دِوان۔ چنانچہ ڈاکٹر اقبالؒ تہٕ اُسہٕ اَمی خیالکہٕ، بلکہ تمو دوٚپ تہٕ اُمِس متعلق "گوسفند از گوسفندان قدیم" تکیازہ اَمو سٕنٛز شاعری بیچھٕ چھہٕ لذت پرستی تہٕ جنسی عناصرن منٛز دھاے ڈرینٹھ پیوان۔ مگر کیٚنٛہہ چھہٕ اَتھ بلکل غلط بیانی قرار دِوان۔

بہرحال تصوفس یُس کمال اوس کرُن سہٕ کوٗرُن تہٕ شُرا اَمہِ صدی اندر سپدیوو اَمِچہ ترقی ہنٛدیوو بروٚنٹھ کُن دروازہ بند۔

# (ب) عرفان تہ طریقت

## تصوفک آغاز

صوفی عرفان تہ طریقت ویڑھ نادنہ برونہہ چھہ تمن کتھن کُن اشارہ کرُن ضروری۔ گوڈنیچ چھہ یہ زہ اگرچہ صوفی مذہب پننہ تصوفک ہم اورچ یور بران، مگر یہ کینژھاہ وٹان گیہ تمہ قدرس سیتر قرآنی آیتن تہ حدیث شریفن سیتر واٹھ دوان یتھو مطلب کم قلیل تبدیلی کران۔ امیک مقصد اوس یتے زتمہ اوسو گرشن تہ وعد زمہ تہ غار اسلامی باسہن۔

دوئیم کتھ چھہ یہ صوفی عقیدہ چھہ زِ تصوفکس سرچشمہ چھہ پانہ حضرت محمدؐ اسۍ مہتہ۔ تمن اوس دعہ یہ قسمہ وحی سپدان۔ اکھ گو کتابی وحی (علم سفینہ) یُس قرآن مجیدس اندر چھ تہ یتھ عالم تشریح چھہ کران۔ بیاکھ گو دلی وحی (علم سینہ) یُس تہندس دلِ مبارکس پیٹھ نازل اوس سپدان تہ یتھ صوفی ویڑھ نادان چھہ۔

ترئیم کتھ یہ زِ صوفی چھہ پننہ تصوفچ اصل بنیاد کینژن قرآنی آیتن تہ حدیث شریفن پیٹھ تراوان۔ اکھ گو یہ پاک حدیث (حدیث قدسی) زِ خدا چھہ ونان "بر اوسس اکھ پوشیدہ خزانہ۔ مہ سپیز

خاہِش زِ بہٕ گژھہ زانِنہٕ یُن ۔ تہٕ مہہ کرٕ پادٕ اِیش بوٗد ، یُتھ بہٕ زانِنہٕ یِمہٕ ۱ " ۔ بیاکھ حدیث شریف چھُ یِہ زِ حضرت محمد صلعمن پرٛژھ ابی داراَبن زِ خوداکہتہ اوس پادٕ اِیشہٕ برٛونٛہہ ۔ تِمو فرموٗدُس " سُہ اوس وُنلہٕ ( العما ۲ ) ہٕندِس حالتس منٛز ۔ یتھ تہٕ ہیٛرِ کُنہ ہوا اوس نہٕ بُنہٕ کُنہٕ ۔ ترٛیِیُم حدیث شریف چھُ زِ حضرت محمد صلعمن فرموو " شریعت چھُ میون حُکُم ، طریقت چھُ میانی عمل ، معرفت چھُ پرٛیتھ چیزُک سردار ، تہٕ حقیقت چھُ میون حال " ۔ ژوٗرِم چھُ یِہ قورآنی آیت ۔ " خدا چھُ زمین تہٕ اسمانُک نوٗر " پانٛژِم چھُ بائیبل ہُند یِہ آیہ ۔ خدایَن کوٗر انسان پننہٕ شکلہٕ صوٗرژ ہیٛتھ پادٕ ۳ " تہٕ شیٛیِم چھُ یِہ قورآنی آیت زِ " اَسہ سارِی چھِ خدایہ سٕندِہ طرفہٕ تہٕ تسٕے کُن چھُ اَسہ بییہ وااپس گژھُن ۔ " یِمن ترٛین کتھن ہٕندِس پوٚت منظرس منٛز ہیٛکہ صوٗفی ، عرفان تہٕ طریقت وارٕ پاٹھو فکرِ ترٛاوِتھ ۔

---

۱ اِنّی کُنتُ کنزاً مخفیا ۔ ۲ سورہ ۲۵ آیات ۳۵-۴۲ چھ تصوفس منٛز اہم مقام تھاوان ۔ ۲ اتھ مُتلق گژھہ یاد تھاوُن زِ اَتھ حالتہ منٛزہ نیرِتھ چھُ مادِہ مختلف ارتقائی درجہ کٕڈتھ دٕہ ، مایہ تہٕ دلو صوٗرژ رٹان ۔ ۳ بائیبل ہُند یِہ آیہ چھُ قورانکس یتھ آیس سیتہ رلاوتہ پران زِ " خلق الانسان فی احسن تقویم " تہٕ سیتی یتھ قورآنی ارشادس سیتہ زِ انسان چھُ " فطرت اللہ " ہیٛتھ بنیومُت ۔

## زندگی ہُند مقصد

صوٗفی ایتقادہ مطابِق چھُ انسان
خوداپہٕ سنٛدہٕ ظوٗہوٗرہٕ منٛزٕ اکھ ظوٗہوٗر

تسنٛزٕ تمام پٲداِیشہ اندر اکھ بہترین زوٗ ذات۔ چونکہ یہٕ کائینات
پٲدٕ کرنہٕ منٛزٕ اوس خوداِیس پننٕ پان زانٕنی راونہٕ (دوٗیمہِ مین
لفظن منٛز پانہٕ زانہٕ نہٕ) مقصد۔ لہٰذا چھُ انسان سنٛزٕ زندگی
ہُند یوٗہے مقصد زِ سہٕ زانہٕ خوداِیس [دوٗیمہِ مین لفظن منٛز سہٕ
بنہٕ خوداِیس پننٕ پان اکھ ذریعہ] یتھ پٲٹھۍ اُسہِ اکھ کٲریگر
پننس بہترین تخلیقس منٛز پرزناوان چھن، تتھے پٲٹھۍ چھُ خوداِیس
پننس بہترین شاہکارس (انسانس) منٛز پننٕ پان پرزناونہٕ امار۔
اوٗرہٕ کنہٕ پزہٕ شاہکارس نہٕ پننٕ کٲریگر ظاہر کرُن۔ نتہٕ کتھہ پٲٹھۍ ہیکو
اُسہِ تتھ شاہکارس ونِتھ۔ حضرت جامیؒ چھِ یہے کتھ یتھ پٲٹھۍ
ونان" خودا چھُ ابدی حُسن تہٕ حسنچہ فطرتہٕ منٛز چھُ پننٕ پان ظاہر
کرنُک ہاوس آسان۔ لہٰذا چھُ پٲداِیشہِ ہُند مقصد خوداپہٕ سُند حُسن
ظاہر کرُن" اَمہِ عقیدن کوٚر سہٕ شکل کرٕ اختیار۔ تمہِ ورتھنے کرنہٕ
بروٚنہہ چھِ خوداِیس متعلق تِم قیاس تہٕ نظریہ سمجھنہٕ ضروٗری۔ یِم ورزہٕ
ورزہٕ اسلامس اندر پٲدٕ سپدی۔ تِم چھِ ترٛیہ۔

۱۔ ایجادی۔ یہٕ چھُ سیٚوٗر سادٕ خوداپہٕ ستی ہُند نظریہ

یانے خودایی کرہ یہ کائینات بےؔ بوٗدٕ (عدم) منزٕ بوٗد۔ تِمنٕز ذاتھ چھ تِمندیو صفاتو (ظوٗہوٗرو) نِشہ الگ۔ تِس سِیتھ ہیکہ نہٕ کُنہ قسمُک وصل تہٕ حوٗلوٗل[1] سپدِتھ۔ اکہ دوٚہہ سپدِ نہٕ قیامتھ تہٕ سہ دِیہ بندن دُنی یاہچہ عملہ مُطاۭبق سزا تہٕ جزا۔

۲۔ وُجوٗدی (ہمہ اوس) یانے ابدی ذات چھ اکے سوٚے چھُ خودا یہ سٕنٛز۔ باقیے یہ کینٛژھا پادٕ سپدیوٚمُت چھُ تِمی ذاتُک ظوٗہوٗر۔ لہٰذا چھُ پرٛیتھ کانٛہہ چیز سوٚے ذاتھ تہٕ تِمی ذاتُک حصہ

۳۔ شہوٗدی (درسایہٕ وجوٗدی) یانے یہ کائینات چھُ اکھ آینہٕ یتھ منٛز ذاتھ پنُن پان وُچھنچ کوٗشِش چھ کران۔ ذاتھ چھنہٕ آینہٕ تہٕ آینہٕ چھنہٕ ذاتھ۔ اُمِس اندریُم پرتَو چھُ ہیوان سہ چھنہٕ اصل بلکہ نقل۔ مگر سہ نقل یُس نہ اصلہ نِشہ ڈٲلِتھ تہٕ چھُ۔ یمن ہیکو ہمہ از اوست تہٕ وٕنِتھ[2]

آخری زٕ نظریہ چھ اسلامی تصوّف وہاتہٕ کرِتھ تہٕ یمن چھنہٕ بانہٕ وائی آمہ ورائے بیٚیہ کانٛہہ تہٕ فرق زٕ اکھ چھُ درمیانہ نظریہ تہٕ دوٚیم چھُ انتہا پسند۔

| ذاتھ تہٕ پٲدایش | کائینات تہٕ تیٚمچ پٲدایش ظاہر گژھنہٕ |
|---|---|

[1] حلوٗل۔ حل گژھن، رلُن۔ [2] یہ فلسفہ آو شیخ رُکن الدین علاؤ الدولہ (۶۸۷ھ) سُنٛدِ ذریعہ

بُروٗنٛہہ یہِ کینٛژھا موٗجود اوس، سُہ ہیکہٕ نہٕ لفظَن منٛز وٕنِتھ۔ اَسہِ ہیکَو زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اَتھ ذاتھ وَنِتھ۔ یہِ ذاتھ اُس کُنہٕ شکلہِ صوٗرژ ناوِ، صِفتہِ، توٗلقہ یا بیٚیہِ کُنہٕ ییتہِ چیٖزٕ نِشہِ چھَلِتھ تہٕ چھَکِتھ۔ یہِ اُس وُنلہٕ ہِندِس حالس منٛز۔ صوٗفی چھِ وُجوٗدچہِ اَتھ حالتھ عقلہِ تہٕ بیانہٕ نِشہِ بالاکُنیر[1] (احدیت) وَنان۔

اَتھ ذاتس گو آسُنُک یا وُجوٗدُک وُقوٗف بیدار۔ اَمہِ وُجوٗدکہِ ... نہٕ ورائے ہیکہٕ ہے تہٕ نہٕ اَتھ بیٚیہِ کُنہٕ چیٖزُک شوٗعوٗر اَسِتھ۔ وُجوٗدکس اَتھ وُقوٗفس چھِ صوٗفی گُنیر (وحدت) وَنان[2]۔

اَمہِ وُجوٗدکہِ وُقوٗفہٕ منٛزٕ وُتھلیوو اَکھ اِحساس۔ یہِ اِحساس زِ "بہٕ چھُس موٗجوٗد" یہِ اوس وُجوٗدکہِ وُقوٗفُک اَکھ ارتقأیی نتیجہ، تہٕ گو دُنیچ "بُتا"[3] (انیت)۔ اَتھ چھِ صوٗفی "بُتا گُنیر" (وحدانیت) وَنان۔

بُتایہ ہِندِ اَمہِ اِحساسہ سیتیٚ کوٗر، یہِ دَپِزِ تہٕ ذاتَن پنٛنہِ جبلی طاقت یکجا۔ یانے اَکِس نُقطس پیٹھ کوٗرُن جمع۔ اَمہِ نُقطہ

---

[1] "بالاکُنیر" یہِ کوٗر مہ اَتھ کأشُر ناو [2] اَتھ چھِ نوٗرِ محمدی تہٕ وَنان تیٚمِچ ذِکر بُروٗنٛہہ کُن سپدِ [3] یہِ چھُ پرٛون کأشُر لفظ یتھ خوٗدی مانے چھِ۔ یانے I-NESS یا EGO۔ اَتھ پیٹھ ہیکو اَسہِ "تُتا" HE-NESS (ہوٗیت) تہٕ بنأوِتھ۔

یا مرکزہ پیٹھ درایہ سارے ہے ایحاطہ کرہ وُنہ نوٗرہ زٔرہ۔ صوٗفی چھ اَتھ
مرکزس " روٗحہ سۄدر " ( ارواح ) وَنان تہٕ ہیمن نوٗرہ زٔرن رُح۔ اَمہ
روٗحہ سۄدرن کرٕ پاٚدایشس دۄن صوٗرتن منٛز تقسیم۔ گاشہٕ تہٕ گٔٹہٕ [ یہ
تہِتس تھاوُن چھُ ضروٗری زِ گٔٹ چھُنہٕ بذاتی کانٛہہ تہٕ چیز۔ سِرٛس
یہ زٕنٛہہ موٗجوٗد۔ اَمیُک مانے چھُ صرف زیادہ گاشُس مُقابلہ کم
گاش آسُن ] اَمہ گاشہ تہٕ گٔٹہٕ ( نوٗر تہٕ ظُلمات ) سیٹھٕ سید اَکھ کٔرتھ
تیار ییتھ " آکاش[1] " ( سماوات ) چھ وَنان۔ اَمہ آکاشہ پیٹھ کرِ گاشہ
تہٕ گٔٹہ ہندی ظوٗہوٗرن بتبیہ تہٕ واریاہ آکاش پاٚدٕ۔[2]

ظوٗہوٗرکی اَمہ سِلسِلن بخشِ رنگہٕ رنگہٕ صوٗرتن وجوٗد۔ [ یہ
عمل سپیدٕ قٲنوٗنہٕ مُطابق یُس حرکتُک سر چھُ ] ہیمو صوٗرتو پیٹھ گیہ
درجہ درجہ جماداتو پیٹھ نباتات تہٕ حیواناتو پیٹھ انسان پاٚدٕ۔ ییتھ پاٚٹھی

---

۱ آکاش ( آسمان ) چھ صوٗفین نِشہ بدل مانے تھاوان۔ یانے عقلہ
تہٕ قیاسُس اندریمہ دۄل ظوٗہوٗر۔ ۲ الغزالی چھ " مشکات الانوار کتابہ
اندر اَتھ پیٹھ یہ حدیث شریف نقل کران " خُدایس چھ نوٗرکی تہٕ ژھایہ ہندی
ستتھ ساس پردٕ۔ ہرگاہ سہ ہیمن تھوٗد تُلہ تمی سندہ بُجتچ تجلی کرہ بلا
شک پرییتھ کانٛہہ وُچھ وِنِس جذب۔ " مرکزس اَندی کنی چھ گوڈٕ نوٗرکی
پتہٕ ژھایہ ہندی پردٕ یا آکاش۔ صوٗفی چھُ روٗحانی سفرہ وِزہ پرییتھ
مقامس پیٹھ دٕہ ساس پردٕ ژٹان۔ گوڈٕ ژھایہ ہندی ژنجہ ساس
پتہٕ نوٗرکو ژہ ساس۔ اَدٕ چھ ذاتھ دیدار وُچھان

آیہ ذاتہٕ کھاٮ۪تۍ۪ہ تمہٕ جسم (اجسام) وۄجوٗدس، ییم تَس اَکس نقطس پیٚٹھ پنٕنہٕ جبلی قوّت جمأ کرنہٕ وِزِہ بکار آسہ۔ تہٕ یِمہ پیٚٹھ تِمہٕ پننہٕ زٕژہ (روٗح) ژوٕہ پأرٕہ وَہراوِہ۔

گویا ذات[1]، وۄقوٗفِ[2] وۄجوٗد، بۄتا[3]، روٗحہ سۄدَر[4]، آکاشس[5] تہٕ جسم[6] چھہٕ شٮ۪یہ قدم ییم ذاتہٕ پیٚٹھ پأدأیشہٕ تام وُتھی۔ ییمو منزٕ چھہ گوڈنکین ژٕین قدمَن "اَزار"[1] (تنزع) تہٕ دوٚیمین "اِنہار"[2] (تشبیہ) وَنان۔ گوڈنکین ترٕین تام ہیکہ نہٕ عقل تہٕ قیاس واٮ۪تتھ مگر دوٚیمین ترٕین ہیکہ وِپرٕتھنے تہٕ فرق سَپدِتھ۔

ژح کہٕ اَمہ ہُنز یأدی جوہر ورأے چھہ بٮ۪یہ ژور "اناٮ۪سر" (لطائف) ییمو یہ کأینات وۄجوٗدس اندر اَنی۔ تِم چھہ آب، نار، ہٮ۪ئر تہٕ ہوا۔ ییمو اناٮ۪سرو کرٕ اَکھ اَکس سیتھ رٕلِتھ میلِتھ سہ کأم پوٗرٕ یوسہ خوٗدایہ سِندِہ ذاتک منشہٕ آس۔ ییم اناٮ۪سر آسہ پٮ۪یِتھ آکاشس منز اَکھ اَکس سیتھ نالہٕ متہٕ کرِتھ کَم یا زیادٕہ تیداوَس اندر موجوٗد۔ ییمو ژورو اناٮ۪سرو کرٕ یکہ وَٹہٕ رٕلِتھ پأنٕس منز کشش۔ ترقی ہنٕزِ اَمہ تدریجی عملہ سیتہٕ لوٗب تمام پأدایشہٕ وۄجوٗد۔ ذاتھ یِمہ وِزِہ وُنلہٕ منز چھہ سہ چھہٕ حق تہٕ یِمہ وِزِہ جسمَن ہنٕزِہ شکلہٕ منز آیہٕ، سہ

---

[1] "ازار" تھنہ بٕنیچ حالت۔ [2] شکل رٕٹنیچ حالت۔ کأشرٕ ناوچھ میأنی

بنیہ خلق، وُنلہِ پیٹھ جسمن کُن وسنچ اَتھ تدریجی عملہ چھ صوفی
''دساو''[1] (تنزلات) ونان۔ تہٕ یَلہِ صوفی روحانی سفرس اندر جسمہ
پیٹھ وُتلہِ کُن چھ کھسان، تتھ چھ ''کھساو''[2] (رفعات) ونان۔

## ملائیک تہٕ موت

یِتہٕ نتہٕ گژھن بنیہ نہٕ کتھ یاد تھاونٕہ
اکھ پہٕ ز ذاتہٕ چھ اکس مرکزس پیٹھ
جمع گژھت۔ گویا آفتاب بنان تہٕ ذرٕ ذرٕ وہراوان۔ یِمہ ذرٕ چھ
بتراژ ہندِس وجودس تام واتنہٕ برونہہ پٕریتھ کنہ اولادگی نشہ
پاکھ آسان تہٕ یمن چھ ملائیک ونان۔ لہٰذا چھ پرٕیتھ زرٕ ملائیک
یوت تام سہٕ بتراژ نیبر نیرہ یا آسہ۔ مگر بتراژ تام رژتک نہٕ واتن
چھ تمیک نابالغ روزان۔ انسانی وجودس تام واتنہٕ سیتی چھ بالغ
بیدان۔ آدے چھ انسان فرشتہٕ بندہ کھوہ تہٕ ھوٗد مانتہٕ یِوان۔
دوٚیم کتھ چھ یہ ز زرٕن ہنز فطرت چھ پہالن تہٕ بنیہ توٚری واپس
ژھُمن یِتہٕ دِرامژہ آسن۔ یوہے چھ انسانی زندگی تہٕ موتک راز۔ انسانٕ
سند موت چھ بذاتی زرٕ ہند واپس آفتابس اندر ژُھمن۔ یہ چھنہ
کانہہ کھوژہ وُن۔ بلکہ اکھ خوشگوار فطری خاصیہ۔ اَمہ حقیقتچ زان

---

[1] تہٕ [2] دساو تہٕ کھساو۔ دسُن تہٕ کھسُن مصدرٕ کی مشتق۔ یتھ
پانٹھ پاٹھن پیٹھ پاراو چھ بنان۔

چھہ اَصل عرفان ۔ اَتھ مُتعلق چھُ قرآنک یہِ آیہ تصوّفس اندر پرنہ یوان ۔ یَا اَیَّتُھَا النَّفْسُ الْمُطْمَئِنَّۃُ اِرْجِعِی اِلیٰ رَبِّكِ رَاضِیَۃً مَرْضِیَّۃً فَادْخُلِی فِی عِبَادِی وَادْخُلِی جَنَّتِی ۔ (والفجر)

## باغ، بہار، بُلبُل

چونکہ انسانی زندگی ہُند مقصد چھُ ذاتس پننِس پانس زانُنس اندر مددگار بنُن، لہٰذا چھُ زِندہ ہُند کمال انسٲنی وجودس تام واتُن ۔ ذاتھ کیاہ چھہ زانُن یُژھان؟ پنُن پان ۔ تِکیا گو؟ ظُوہوُر کتھ چھہ وَنان؟ یہ کینژھا ذاتہ زانُن چھہ یُژھان ۔ یہ کتھ پاٹھو چھہ سمہ زانان؟ نظرٕ ہندِ ذٕریعہِ ۔ نظر کتھ چھہ ژپان؟ یہ چھُ اکھ سِر ۔ کیتھہ ہیٚو سِر؟ گُنہ ہیٚو نہٕ ۔ یہ ہیکہ نہٕ لفظن اندر بیان سپدِتھ ۔ اکثر شاعرن چھہ یمہ تِرہ حالژ تزین لفظن منز بیان کرِہ مِژہ ۔ باغ، بہار، تہٕ بُلبُل ۔ بہار گیہ ذاتھ ۔ باغ گو تمیک ظُوہوُر تہٕ بُلبُل گیہ سمہ نظرِ یمہ سیتہ بہار پننِ کمال باغس اندر چھاوان چھُ ۔

## انسان، لوکٹ دُنیا

انسانہٕ سِنز کام چھہ پنُن پان تیوٗت بے زنگار بناوُن زِ سُہ ہیکہ خدایی کمالاتن ہُند ظُوہوُر یا اَینہ بنِتھ ۔ سُہ گژھہ بہارُک اکھ نُندبون تہٕ پھلیہ بوٗرت باغ آسُن ۔ انسان چھہ اکھ لوکٹ موکٹ دُنیا یا (عالمِ صغیر)

یِمو "حُکمہٕ دُنیا" (عالمِ امر) تہٕ "مخلوقہٕ دُنیا" (عالمِ خلق) دوشوٕنی ہٕشِنزٕ مِلہٕ مِشنہٕ سیٖتۍ ووٚجود لوٚب۔ حُکمہٕ دُنیا گوٚس بہٕ دُنیایُک خُدایِن مُبتا پہٕ ہندِس مقامس پیٹھ وأتتھ "سپد" (کُن) یہٕ اکھ لفظ سیٖتۍ پأدٕ کوٚر۔ تہٕ مخلوقہٕ دُنیا گوٚیُس پتہٕ یِمو اناصرو سیٖتۍ بنیوو، یِم "سپد" یہٕ لفظ سیٖتۍ برونٹھے پأدٕ آسۍ گأمتۍ۔ حُکمہٕ تہٕ مخلوقہ دُنیاہس چھِ یکہٕ وٹہٕ پأنہٕ "بوٚڈ دُنیا" (عالمِ کبیر) وَنان۔ انسانس اندر چھِ حُکمہٕ دُنیاہکۍ پانژھ اناصر "دِل" (قلب) رٗح، سِر، "بوٚڈ سِر"[1] (خفی) تہٕ "بارٕ سِر" (اخفیٰ) تہٕ مخلوقہٕ دُنیاہکۍ پانژھ اناصر نفس، آب، نار، میژ تہٕ ہوا موجود۔ گوڈنکۍ پانژھ اناصر چھِ خُدایس سیٖتۍ روحانی تولُق پأدٕ کرنس اندر تہٕ دوٚیِم پانژھ چھِ جسمانی زندگی گذارنس منز مدد کران۔ نفس چھُ ناف تل دِل چھُ کھوورِ کنہِ، رٗح چھُ سپنس دچھنہِ کنہِ، سِر چھُ دِلس تہٕ رٗحس منز باگ۔ بوٚڈ سِر چھُ ڈیکس منز تہٕ بارٕ سِر چھُ دیماغس اندر۔ صوفی چھِ یِمن اناصرن عملی طور خُدایہٕ سِنزٕ ذِکرٕ (یاد) سیٖتۍ بیدار کران تہٕ تجلّی لبان۔

---

[1] "بوٚڈ سِر" تہٕ "بارٕ سِر" گوٚو یِمن سِرکۍ صِفتِ تفصیل تہٕ صِفتِ کُل درجہٕ مطابق ناو۔

## رُوحانی سَفر

اِنسانہٕ سُند رُوحانی سفر چھُنہٕ کانٛہہ مادی سفر بَلکہ محض تجربچ تبدیلی۔ انسان چھُ ظاہری دُنیاہس اندر ساسہٕ بدی تجربہ کران، مگر تِم چھِ ساری مادی اناسرن ہِندی کمال۔ ظاہری ہوشن تہٕ حواسن ہِندی نتیجہ۔ باطنی اناصرن ہِندہ ذریعہ تجربہ کرنٕی چھِ ضروری۔ تہٕ یوہے چھُ رُوحانی سَفر۔ یہ سفر چھُ دوٚیہ طرفہٕ سَپدان۔ اَکہ اندہٕ چھُ خدا پکان تہٕ بیٚیہ اندہٕ اِنسان۔ یہ چھُ گویا اَکہ رٕکھہٕ ہُند دوٚیہ طرفہٕ مرکزس کُن ژھمنک طریقہ[1]۔ محبت، توٗزن تہٕ حُسنُک کمال حاصل کرنہٕ باپتھ زندگی ہُند تکمیل ژھارُن۔ اَتھ کامہ چھِ خدا حقیقت بناوُن پیٚوان تہٕ نہٕ محض وہم، خیال یا عقیدے یوت روزُن۔ کُنہ تجربس وَنو تیٚتھی تجربہ، یَیلہِ نہٕ صحی سامانہٕ ستیٚتر کرنہٕ ییہ۔ رُوحانی تجربچ سامانہٕ چھِ باطنی یا حکمہ دُنیاہکی اناصر نَزِہ مادی مخلوقہٕ دُنیاہکی اناصر۔ لیہٰذا رُوحانی سَفر کرنہٕ کھاطرٕ چھِ ژھوٚن چیزن ہُند ضروٗرت۔

۱۔ سالِک۔ یُس رُوحانی سَفر پراونہٕ کھاطرٕ تیار آسہ۔

---

۱ ڈاکٹر اقبال سُند شعر چھُ سہ

ما از خدائے گم شدہ ایم او بہ جستجو است

چوں ما نیاز مند و گرفتارِ آرزو است

تیار آسن گو پٲنٕتھ ہیوٚچھمت مُشراوُن۔ مُشراونُک ماننے چھُ یُتھے زہ اَتھ سفرس منٛز یہ کینٛژھا یِہ فِکرِ ترٲوِس، تیٚتھ گژھہ نہٕ یہ وٲنٛسھ انکار کرُن زِ یہ چھُ ہمیانِن تِہمَن تجربَن خلاف، ییٚمہ مہہ مادی اَنا سِروِستھ کرِکرِ ہیتھ چھِ۔

۲۔ پیٖر۔ کانٛہہ تیٚتھ وَتہٕ ہاوُک ہُرُن، یُس اَمہِ سفرُک واقِف کار آسہِ۔ ہِکیازِ پرٛیتھ نُوِس تجربس چھُ اُستادِ سُند لازِمن ضرورتھ پیوان۔

۳۔ طریقت۔ علمی زِنگس اندر پیٖرس نِشہِ علم تہٕ واقفیت حاصل کرِتھ تہٕ سیٖتی سیٖتی تیٚتھ عملی شکل تہٕ دِنۍ۔

۴۔ عرفان۔ یہ گو تجربہ یا سفر کامیاب سپدُن تہٕ اَمیُک نتیجہ گژھہ پانس اندر ییٚکھ زندگی سیٖتی محبت کرُن نیرُن۔ سالِک یُس وٕنۍ عارف چھُ آسان گژھہ زانُن زِ بہرچھس موصوم شرِہن اندر اَکھ بُزِ معہ ہنیو۔ شرِہن سیٖتی شرلاگِتھ تِہمَن ماٹھنیار تہٕ اَتھ لاے کرِدنۍ، نہٕ نفرت یا روب کرُن۔

## رُوحانی مُقام

ییٚمہ وِزِ سالِک پنُن باطنی سفر شروٗع کران چھُ، سُہ چھُ مختلف رُوحانی منٛز لو منٛزی گزران، یِہ زَن پرٛیتھ سفرُک خاصہ چھُ۔ یِم منٛزِل (مُقامات) چھ صُوفیو مختلف

پانٛٹھ بیان کرٕی میتہٕ۔ بیانن ہنٛز پہ فرق چھہٕ اَوہ معہ کھ زصوٗفی رچھ وٗنان زِ خوٗدایس تام واتنکہ طریقہ چھ بےٚ شمار۔ اَکو صوٗفی چھہٕ ووٗنمُت " طریقت چھ وَتہ چھہٕ تیزِنٛرہ یینہ وَتہ پکہ وُنی چھ۔ "ٹکیازہ طریقت چھُنہٕ مذہبکہ پانٛٹھ "پھٔٹجہٕ گنڈِتھ اوٗصوٗلن" ناو۔ عام طور چھ ہم سَتھ مُقام یِتھ پانٛٹھ بیان سپدان میتہٕ۔

۱۔ " بندگی " ( عبودیت ) اَتھ مُقامس اندر چھہٕ سالِک پنٛن رُح صاف کرٕنچ کوشش کران۔ غفلت چہ مرٕتہ نندرہ ہُشیار سپدِتھ پرٛانین گوہنن تہٕ غلط کارِی پیٹھ ندامتُک ایحساس پادٕ کران۔ سالکس چھُ اتھ ابتدائی منٛزلس اندر شریعت پالُن ضروٗری۔

۲۔ عشق ۔ رُح چھُ خوٗدایہ سٕندِ لولہ سیٖتھ بے حد سگہ با ایحترام صوٗرتس اندر سرشار سپدنہ لگان۔ تَسٕندِس یادس منٛز چھُ باقی تمام یادٕ زنشِہ بےٚ خبر گژھان۔ اَتھ مُقامس منٛز چھُ سالِک فطرت ایختیار کران تہٕ ذکر ورتاوان۔

۳۔ ترک ( زہد ) خوٗدائی عشقس منٛز چھُ سالِک ساری نفسانی ہاوس تہٕ اَمار پننِہ دِلہ منٛزٕ کڈان۔ اَکہِ قسمُک جمالہٕ بہوان یَمہِ سیٖتھ تَسنٛد دِل پیٖتھ اولادگی زنشِہ پاکھ چھُ سپدان۔

۴۔ عرفان (معرفت) اَتھ مُنزلس اندر چھُ سالِک خوداے سِندس ماہیتس، صفاتن تہٕ کامہِ پیٹھ کینژھا علمہٕ تہٕ کینژھا جذبہٕ[۱] سیتھ غور تہٕ فکر کران۔ عرفان گوٚ "خوداے سِندہٕ ذرِ یے دِلچ زندگی۔ پننہِ باطنی خیال ماسوا نشہِ پھیرُن"[۲]

۵۔ وجد۔ اَتھ مُقامس منز چھُ سالِک فِکرٕ تہٕ ذِکرٕ ہِندہٕ انتہائی کمالہٕ سیتھ وجدس اندر یوان تہٕ پنُن ذاتی وجود دراوتھ عالم گیر وجود لبان۔ قطرٕ بدلہٕ سوٚدر بنان۔

۶۔ حقیقت۔ اَتھ مُقامس منز چھُ سالِک خوداے سِندہٕ اصل ماہیتُک واقف سپدان تہٕ تمہ نورانہٕ مُنوّر گژھان۔ یہ چھُ خوداس پیٹھ توکل یا علم، حال تہٕ عمل یکجا گژھنُک درجہ۔

۷۔ وصل۔ سالِک چھُ اَتھ مُقامس پیٹھ ذاتھ دیدار وُچھان۔ یہ چھُ رضا یانے "خوداے سٕندِس مرضی خوشی سان قبول

---

۱ ترِن لفظن چھُ فرق کرُن ضروری۔ جذبہ (EMOTION) وجد (ECSTASY) تہٕ حال (STATE) وجد چھُ جذبُک کمال یا انتہا۔ جذبہ چھُ سہٕ کائفیت یتھ پیٹھ اختیار آسہ تہٕ حال چھُ سہٕ کائفیت یُس بے اختیارہ بُرآسہ۔ ۲ کشف المحجوب۔

کرنۍ مُقام[1]"۔ یا دوٚیمہِ لفظن منز "خۄدایہ سِندِس کرٛدس چھُ سالِک راضی تہٕ سالِک سِندِس کرٛدس چھُ خۄدا راضی[2]"

کیٚنہہ صوفی چھِ یِم مقام حرف ترٛیٚن شکلن منز یِتھ پٲٹھۍ پیش کران۔

۱۔ سفر بہٕ خۄدا (سیر اللّٰہ) سالِک چھُ مخلوٗقی دُنیا پیٹھہٕ حُکمی دُنیاہس کُن سفر کران۔ اَتھ اندر چھُ سہٕ گٔنٛسِہ تہٕ بُتاگنٛسِہ کیو درجو منزٕ گُذران۔ یہٕ سفر چھُ نوٗرِ محمدی مُقامس پیٹھ ختم سپدان۔

۲۔ سفر در خۄدا (سیر فی اللّٰہ) سالِک چھُ خۄدایہ سِندِس ذاتس اندر فنا سپدان۔ یہٕ چھُ بالا گٔنٛسِک مُقام۔ اَتھۍ مُقامس پیٹھ دِژاو منصوٗرَن "انا الحق" نعرہ۔

۳۔ سفر از خۄدا (سیر عن اللّٰہ) یہٕ چھُ مُکمل خۄدٲیی صفاتو سان مخلوٗقی عالمس کُن واپس یُن۔ یہٕ چھُ سہٕ مُقام یتھ بقا چھِ ونان عام طور چھُ قطب اَمہِ پایکہ انسان آسان۔

**روٗحٲنی حال**

یِم مَنزِل گُذان گُذان چھُ سالِک مختلِف موقن پیٹھ مختلف حال موٗحسوٗس کران۔ مُقامس تہٕ حالس چھُ پانٕہ وٲنۍ

---

[1] رسالہ قشیریہ [2] رضی اللّٰہ عنہم و رضوا عنہ (قرآن) اسرار التوحید از ابوسعید۔

فرق ۔ مقام گوٚ یہ کینژھا پننہِ عملہٕ سیتھۍ سالِک حاصِل کرِہ ۔ تہٕ حال گوٚ یہ کینژھا تس خدا بطورِ تحفہٕ پانہٕ عطا کرِہ ۔ سالِک یِم قدم خدایس کُن تُلہِ تِم گیہِ مقام تہٕ یِم خدا سالکس کُن تُلہِ تِم گیہِ حال ۔ تِکیازِہ سفر چھہ رکھ ہیندی دوٚ نوٚے انْد کران[۱] ۔ یِم حال چھہ ژوٚر[۲] :۔

۱۔ ناسوت ۔ یہ چھہٕ پٔزِتھ اِنسانہٕ سٕنز فطری جسمانی حالتھ انسانس چھہٕ مادی دُنیاہس اندر مختلف حدبندی ۔ یِمہٕ کِنۍ تٔمۍ سٕند تجربہ تہٕ اظہار پابند چھہ روزان ۔ نتیجہ چھہٕ یہ زِ رُح تہٕ چھہٕ یِمنے حدن اندر گرفتار روزان ۔ نماز ، تلاوت ، اوراد تہٕ باقے شرعی حُکم پالنہٕ سیتھۍ چھہٕ اِنسانس اِرادُک قوت پٲدٕ سپدان ۔ تہٕ خدائِکس اکھ سہ حال طاری کران زِ سُہ چھہٕ یِمو حدو نیرنس قابِل بنان ۔

۲۔ ملکوت ۔ یہ چھہٕ خیال تہٕ تصورچ حالتھ ۔ یہ سہ جسمانی دُنیا کھوتہٕ وسیع چھہ ۔ اتھ منز چھہٕ آزادی زیادہ تہٕ پابندی کم ۔ یِمہٕ کِس اتھ دُنیاہس منز چھہٕ سارے کائنات وُچھتھ تہٕ جاے خالی روزان ۔ روحانی سفر چھہٕ اتی پیٹھ شوروٗ سپدان ۔

---

[۱] سفر چھہ دوٚ نوٚے کران مگر کران چھہٕ اکے [۲] اسرار الطریقت (اردو ترجمہ) از شاہ محمد غوث ۔

٣- جبروت۔ اَتھ حالَس اندر چھُ رۄحس سۄکوٗن میلان
تہٕ خۄدا چھُس پننہٕ ذاتکہ عملی صِفات عطا کران۔ مثلن زندہ کرُن
مارُن، پاَدٕہ کرُن۔ یہ چھُ مور فتک کَنٛ۔

۴- لاہوت۔ یہ چھُ ذاتَس اندر فنا گژھنٕچ حالَتھ۔ سالِک
چھُ حقیقتھ لبان تہٕ سہ چھُ زندگی، علم، بینایی، باٗری زان، گوٗیایی
بیترِ سارٕی ﭙنٕنہٕ یادی صفاتھ حاصل کران۔[١]

## رۄحانی سلطنت

ظاہری دُنیاہس اندر یِتھہٕ پأٹھۍ انسانَن ہِنٛزِ اکھ حکومَتھ چھےٚ آسان
مختلف محکمہ تہٕ تِہند حاکم مُقرر چھہ سپدان۔ یِم مختلف کامہ اَنٛد چھہ
واتہٕ ناوان۔ یِتھے پأٹھۍ چھہ اکھ رۄحانی حکومَتھ تہٕ یتہٕ دُنیاہس
اندر مۄجود۔ یمیُک صدارت قطب چھُ کران۔ اَمِس چھہ زٕہ حاکم
باش آسان، یِم عالمِ ناسوت تہٕ عالم جبروتٕچ نگرانی چھہ کران۔ یہ سِلسلہ
چھُ رۄحانی درجہ مطابق یِتھہٕ پأٹھۍ:-

١- قطب۔ رۄحانی حکومتُک زِیٹھ۔

٢- اوتاد۔ (سۄتون) یِم چھہ ژور آسان

---

[١] کینٛہہ چھہ اَمِس غوث تہٕ وَنان، مگر کینٛژن ہُند خیال چھُ غوث چھُ
نائب صدر آسان۔ کینٛژن چھہ پننہٕ مقابلہ جبر آسان کینٛژن چھہٕ۔

۳۔ اَبدآل ۔ (بَدلہٕ وٕنی) تیداد ژٕتجہ

۴۔ عمَد (سوٗتوٗن) تیداد پانژٕ تھ [ کینہہ چھ وَنان عمَد چھ ابدالَن مقدس ]

۵۔ نجیب (شریف) تیداد ستتھ (۷۰)۔

۶۔ نقیب (سردار) تیداد ژٕور ہتھ (۴۰۰)

۷۔ اولیا۔ (دوس) ییم چھ بے شمار آسان۔

یہ روٗحانی سلطنت چھ سانہ ظاہری دُنیاہچ نگران تہٕ ہرگاہ یہ نظام اَکِس ژٕہس تہٕ کام کرنی تراوِہ، یہ سورُے دُنیاہ سپدِہ فنا۔

اگرچہ اسلامی تصوف کوٗر واریاہن فلسفو متاثر مگر "ناکارٕ تراوِو تہٕ رٕٹو" اُصوٗلس پیٹھ عمل کرُتھ ییمَن سارنے ہندِ ہتھبٕزہ ملہٕ ہمیشہ کمی بیشی تہٕ شیرِ ژٕارِہ سیتی یُس روٗحانی فلسفہٕ تہٕ نظام مُسلمان صوٗفی بُزرگو پیتولاکن پیش کوٗر، تتھ مُتعلق چھ وَننہٕ یوان زِ "تصوٗفچ عظیم تحریک یوٗنانی تہٕ ہندُستانی ڈانجکس تہٕ اصطلاحن پیٹھ تیار سپدنہٕ باوُجود، چھ انسانی دُنیاہکس روٗحانی تجربس اندر انتہائی اہم تہٕ خالص اسلامی اضافہٕ۔

# (ج) ژور صوفی سِلسِلہ

## خانواد تہٕ سِلسِلہ

زُہدکہِ آغاز پتہٕ کینژرہٕ کالہٕ سپُد پیری مُریدی ہِند سِلسِلہ شورُع۔ باکمال زٕہدٕ اُسی نوٚین تہٕ نوجوان شاگرٕدن زُہدکہِ آداب تہٕ اصوٗل ہیچھناوان تہٕ مختلِف پابندی عاید کران۔ پتہٕ پاٹھۍ گیہٕ مختلِف خانواد پادٕ۔ وارٕ وارٕ بیلہِ عیسائے باہِمہٕ[12] صدی اندر تصوٗفچ تحریک سارِسی اسلامی دُنیاہس اندر قایِم سپٕز، یِمن خانوادن آیہٕ باضابطہ تہٕ مُکمل پاٹھۍ تنظیمی شکل دِنہٕ۔ تالیم تہٕ عملہٕ ہندِ لِحاظٕ آیہٕ پرٛیتھ خانوادٕچ امتیازی خصوٗصیت الگ کڈنہٕ تہٕ پتہٕ پاٹھۍ گیہٕ مختلِف سِلسِلہ پادٕ۔ یِمن سِلسِلن اندر چھُ پرٛیتھ اکھ پنُن شجرٕ حضرت محمد صلعمن تام واتہٕناوان۔ تکیازِ صوٗفی چھِ تِمن تصوٗفکۍ سرچشمہ مانان۔ یِمن پتہٕ چھِ تمام سِلسِلہ حضرت علیٖ یَس تہٕ کینژٕرے حضرت ابوبکرسؓ دوٚیِم جانشین گنزراوان۔ تکیازِ حضرت محمد صلعمن چھُ فرموٗمت "بہٕ چھُس عِلمُک شہر تہٕ علیؓ چھُ تمیُک دروازٕ" حضرت علیؓ یَس پتہٕ چھُ حضرت حسن بصریؒ سُند ناو یِوان تہٕ تِمن پتہٕ چھِ وارِیاہ خانواد وجوٗدس[1] آمتۍ۔

---

[1] کینہہ خانواد چھِ یِم: زیدی، عیادی، ادہمی، ہبیری، جنیدی، کرخی، سقطی، طیفوری، جنیدی تہٕ طرطوسی۔

یِمَن تمام خانوادَن ہِنٛز وِہرِ ھنٛے اوٚک طرف تٔرأوِتھ کرٕ

بہ صِرف ژُوَن بٔڈِین سلسِلَن ہِنٛز مُختصر ذِکر، یِم کشیرِ اندر رأیج

چھِ، تہٕ یِمَن سیٚتھاہ سانِین شأیرَن توٚلُق چھُ رُودمُت۔

۱۔ چِستی سلسِلہ۔ اَمہ سلسِلُک بأنی چھُ حضرت خواجہ ابو

اسحاق شامی چِستی (  ) أسمُت، یِم حضرت علیؓ سِندی

نوٚم رُوحأنی جانٛشیٖن أسی۔ یِمو ژِھوو شام تہٕ خراسان کِس

چِست قصبس اندر کٔرکھ سوٚکوٗنت اِختیار۔ یہ چھُ گۄڈنیُک اہم

سلسِلہ یُس ہِندُستان ووت۔ یور آو یہ حضرت خواجہ معین الدین

چِستیؒ سنجری (وفات۔ ۱۲۳۶ء) سِندِ ذٔرِیے۔ یِم أسی اَمہ

سلسِلُک أٹھِم جانٛشیٖن۔ یِہُند نسب نامہ چھُ مٲلِ سِندِ طرفہٕ حضرت

حسینسؓ تہٕ ماجہ ہِندِ اَندہٕ حضرت حَسنسؓ سیٚتی رَلان۔ یِم آیہ

پننِس مورشِد خواجہ عثمان ہارُونی سِندِس اِرشادَس پیٹھ ہندُستان

تہٕ اجمیر شریفس اندر کوٚرُکھ قرار۔ یِتیٚتہ یِہنٛز درگاہ تمام مُسلمانَن ہِنٛز

بٔڈ بارگاہ چھِ۔ اَمہ سلسِلہ کیٚن مانَن والیٚن ہِنٛز خاص خصوٗصیت چھِ

چِلہٕ کڈُن تہٕ موسیقی ہُند عاشق آسُن۔ یِم چھِ موسیقی (سماع) چہ

محفلہ لاگان تہٕ وجدس یِوان۔

۲۔ قادری سلسِلہ۔ اَمِکی بأنی أسی حضرت عبدالقادر

جیلانیؒ ( پادشاہ ۱۰۷۷ء ) ییم تہٕ اُسی حسن الحسینی ( ماجہ طرفہٕ حسینؓ ، مالٕہ طرفہٕ حسنؓ ) یہندۍ مورشد اُسی ابوسعید مبارک مخزومیؒ گذرییہ ۱۱۶۶ء بغدادس منز۔ ییم اُسی پٔریتھ رتہٕ کٲہمہ'' حضرت محمد صلعمن یندہٕ ناوہ فاتحہ کران، یتھ پیٹھ یہندین پیروکارن اندر کٲہم پالنک ( چاے بنیرہٕ خٲراتھ کرنک ) رواج گو۔ ییمن چھ ۹۹ القاب ، ییمن منز پیر پیران ، پیر دستگیر تہٕ غوث الاعظم زیادہ مشہور چھ۔ ہندوستانس اندر ووت یہ سلسلہ سید محمدؒ غوث ( وفات ۱۵۱۷ء ) سندہٕ ذریعہ۔ ییم اُسی اَمہٕ سلسلکۍ دہم جانشین۔ اَمہٕ سلسلہ منزٕ دراییہ بییہ واریاہ خانواد۔ اَتھ سلسلس اندر چھنہٕ موسیقی ( سماعس ) کانہہ تہٕ جاے۔

۳۔ سہروردی سلسلہ۔ اَمکۍ بانی چھ حضرت ضیاء الدین نجیبؒ سہروردی ( وفات ۱۱۶۷ء ) اُسی ہتی۔ یہنز اکھ مشہور کتاب چھ " آداب المریدین " یہنزٕ زندگی متعلق چھنہٕ پورہٕ حالاتھ موجود۔ یہندین کینژن شاگردن ہندہٕ ذریعہ پھٲلیوو یہ طریقہ۔ گوڈنکۍ اُسۍ حضرت شیخ نجم الدین کبریٰ ( وفات ۱۲۲۱ء ) یمو پتہٕ کبروی ( فردوسیہ ) خانوادٕچ بنیاد ترٲو۔ ییمن چھ " ولی تراش " لقبہٕ تہٕ ییم اُسی حضرت شہاب الدینؒ سہروردی ( وفات ۱۲۳۴ء ) ییم اُسی

تصوفکو بڈو بارٕ مُبلّغ "عوارف المعارف" چھ یہنٛز اکھ مشہور کتاب، یمہٕ تمام سلسلن ہنٛدی صوفی قدر چھ کران۔ حضرت سعدی شیرازی تہٕ چھ یہنٛدی مُرید آسمٕتی۔ ہندوستانس اندر ووت یہ سلسلہ حضرت بہاؤ الدین ذکریا مُلتانی (وفات ۱۲۶۸ء) سٕنٛدہ ذریعہ۔ اَرچ تائیلم چھ انتہائی تصوفی اَمہ کِنہ روٗد یہ فلسفہ زیادہ تہٕ سلسلہ کم۔

۴۔ نقشبندی سلسلہ۔ اَمِکۍ بانی چھ عام طور حضرت بہاء الدین نقشبندی (وفات ۱۳۸۹ء) مانٕنہٕ یوان، یم زایہ تہٕ قصر عارفان بخاراہس اندر تہٕ وفات تہٕ لیکھہ تتی۔ اَمہ سلسلن ترووا اسلامی خیالن تہٕ سیاستس پیٹھ زبردس اثر تہٕ اَمیُک مُطالعہ چھ باقے سلسلن ہنٛدہ کھوتہٕ زیادٕ دلچسپ۔ اَمہ کِن اُصولن منٛز چھ اکھ ترقی پسند تبدیلی نظرِ یوان تہٕ یہ چھ زیادہ تہٕ صحی اسلامی تائیمہ لرِ لوٗر پکان۔ یہ چھ نمہ کینٛژو وے طریقو منٛزٕ اکھ یُس پنُن شجرہ حضرت ابو بکر صدیقس رضؓ تام چھ واتہٕ ناوان۔ اَتھ طریقس پیٹھ پکن والین چھ کہہ "اُصول پیٚاوٕنی پیوان"¹۔ یہ طریقہ ووت تہٕ پھالیوو ہندوستانس اندر خواجہ باقی باللہ بیرنگ تہٕ تہنٛدِس شاگرد حضرت احمد فاروقیؒ

---

¹ وُچھو بٕروٗنہہ کُن نقشبندی ذاتی شبد۔

سرہندی سِینٛدِ خوٚدی ہے حضرت احمد سرہندی اَسی اَکھ ۔ ییٚمِس رُوحٲنی تہٕ سیٲسی طاقت ۔ ییٚمہٕ کوٚر پننین پیٛروکارن موسیقی ، مور شدس سجدٕ یانمنس ، زیارتن تہٕ اولیاہن پرستش کرنس ، تہندین روضن پیٹھ زوٗل زالنس منانہٕ ، ییٚمہٕ کرٕ صوٗفی اصوٗلن تہٕ نظرِ ثٲنی یِتھہٕ تِم صحی اسلامی تالیمہٕ نزدیک آیہٕ ۔

# کینہہ صوٗفی زانٛئی شبد

یِہ چھُہ اسلامی تصوٗفُک تہٕ سلسلن ہُند اَکھ خاکہ۔ اَتھ خاکس چھہ بسیار رنگ آمیزی تہٕ تفصیل آرائی۔ یتھ سیٹھاہ غرض چھُہ ہتکیاہ سون مقصد چھُہ صوٗفی شاعرن ہندہ مطالہ کھاطرٕ محض اَکھ پوٚت منظر پیش کرُن۔ اگرچہ یِہ چھُہ اَکھ دٔسی تہٕ سرُن سمندر، یتھ ییہِ ڈُبکہ دِتھ تہِ یِن نوٚو نوٚو جواہر اَتھہ۔ مگر یِہ کرٛنٛدلس منٛز سمندر وٕیپراونچ کوٗشش۔ اما پوٚز کینٛژن عام صوٗفی زانٛئی شبدن، ییم ساٛنٛی شاعر ورتاوان چھِہ، چھُہ مختصر وضاحت سپدان۔

(الف) پیٖر تہٕ مُرید

(۱) توجہ۔ شہ باطنی اثر یا نظر ییمہِ سیتہِ مورشد پننس شاگردس اندر تبدیلی چھُہ انان۔

(۲) فنافی الشیخ۔ مورشد پنٛدس خیالس منٛز مسلسل غور تہٕ فکرہ سیتہِ روٗحانی طور محو گژھن۔ یُس بان مُشرقسے کُیوت ذرہ پنٛنٛہ چھُن۔

(۳) فنا فی الرسول۔ مور شد یلہِ شاگردس پننہِ توجہ سیتۍ حضرت محمد صلعم سنز تام واتہٕ نادان چھُ، یِدِ شاگردس پنن پانہٕ بِپرس منز بہِہتۍ نظرہِ ژ بینہٕ یوان۔

(۴) فنا فی اللہ۔ مور شد سنزِ رہبری سیتۍ ییلہِ شاگرد خدایس سِندس ذاتس اندر فنا چھُ سپدان تہٕ پتہِ یتھ چیز بس منز چھس خدایہٕ سنز ذاتہٕ بوزنہٕ یوان۔

(۵) بیعت۔ مور شدس مکمل تابیداری کرنک وادہ۔

(۶) تسبیح۔ سبحان اللہ (خدا چھُ پاک) مور شد سندہِ وننہٕ مطابق پرُن۔

(۷) اوراد۔ روزانہٕ پرنہٕ کھایتہٕ کیہنہ مقرر دعا۔

(ب) ذکر[1] (تسبیح ورزنہٕ سیتۍ تہٕ نفس قابو کرتھ خدا یاد کرُن) اَمکۍ کیہنہ طریقہ چھِ یِم :۔

(۱) ذکرِ جلی۔ سالک چھُ عام طریقہ بہان تہٕ کھوورہ طرفہ اندرۍ کنہٕ اللہ آواز کھالان تہٕ ہِیہٕ ضربۍ کڈان۔ اتھ چھِ ذکرِ یک ضربی تہٕ وَنان۔

(۲) نمازہ آیہٕ بِہِتھ بُرونہہ کھوتہٕ تھدِ اللہ آواز کڈٕنۍ۔

[1] یم چھِ ذکرُک ہندیو اصل طریقہ۔ یِمَن اندر ہیٚکہِ موقعہ کیہنہ تبدیلی آسِتھ۔

گوڈٕ پننہٕ دچھننہٕ کوٹھ منزٕ، پتہٕ کھوورہ طرفہ اندرٕ رکھنہٕ۔ یہ گیہِ ذکر دو ضربی۔

(ع) امہ کھوتہٕ تہٕ تھدٕ امی حسابہٕ اللہ ونُن۔ یہ گیہِ ذکر سہ ضربی

(کم) امہ کھوتہٕ تہٕ تھدٕ اللہ ونُن۔ گوڈٕ کھوورہ ادہٕ دچھنہٕ کوٹھ منزٕ۔ گژھہِ پتہٕ کھوورہ طرفہٕ تہٕ اخرس برونٹھہ پاسہٕ اندرٕ رکھنہٕ۔ یہ گیہِ ذکرہ چہار ضربی۔

(گم) نمازہ آیہ قبلس کُن اچھ وٹِتھ بہتھ کرون تہٕ لا آواز نافہٕ پیٹھہٕ کھوورس پھیکس تام کڈنی۔ امہ پتہٕ دچھنہٕ منزٕ الا آواز کڈنی تہٕ اخرس کھوورہ طرفہ پورہ طاقتہٕ سان اللہ آواز کڈنی۔ یہ گیہِ پنج ضربی ذکر۔

(۲) سلطان اذکار۔ [ تھزٕ ذکر ] یلہ پیرہ سندہ توجہ سیتہ سالک پننہٕ ساری باطنی اناصر خدایہ سند ناو ہیتھ شہہ کہ ذرس حرکتس منز چھ انان۔

(۳) حبس دم (شہہ بند) سالک چھ شہہ بند کرتھ دلہٕ منزٕ لا الہ الا اللہ پھران۔ وارہ وارہ چھ تس شہہ بند کرنک رتبہ طاقت گژھان زٕ سہ چھ ساسہ بدہ لتہ یہ تکبیر پھران۔

(۴) پاسِ انفاس (شہہ رٹُچھ) ساٗیک چھُ تصوُرس منز (مَنس اندر) پننہِ دِلچ شکل انان۔ یتھہ منز عربی پاٗٹھۍ ژِژِلوِن اللّٰہ لیکھت پانس چھُ باسہ نادان۔ اَتھ سیتہِ چھُ یہِ خیال کران زِ ہر چھُس شُہہ کھالنہِ وِزِہ اللّٰہ تہٕ ترٛاونہِ وِزِہ ھوُ آواز کڈان۔ وارِہ وارِہ چھُ تَس یہِ مستقل صوُرت بنان۔

(۵) نفی اثبات (نکار آنکار) ساٗیک چھُ قبلس کُن بُتھ کرِتھ نمازِہ آیہِ بیہان تہٕ نافہِ پیٹھ لا الٰہ کھالان۔ اَوِہ پتہ گُنہ یِل دِرِتھ اَتھ وٗچھِنِس پیٹھِکس کُن لایان۔ اَمہ پتہٕ چھُ یہِ الا اللّٰہ وٗانتھ پنُن کلہِ پننِس دِلس کُن لایان، زِنتہٕ یمن لفظن ہند تتھ پیٹھ ٹھپہ چھُ ترٛاوان۔

(۶) ہفت دربند۔ اَتھ اندر چھُ انسان شُہادزٕ ہَنزِہ زِہ اونگجہ کنن منز، سیتہٕ واجنہِ زِہ اونگجہ اَچھَن پیٹھ نیٹھ کھہ رکس اَسس پیٹھ تھاوان۔ باقی دوِہ اونگجہ سیتہ چھُ نکہ وٗارٕ بند کران۔

(ج) نقشبندی اصطلاح

[ اَتھ سلسلس منز چھنہِ ذکر جلی بلکہ ذکر خفی آہستہ آوازِہ منز کران ]

۱۔ ہوش دَر دم ۔ خودایس پننده یادٕ ورائے نہ کانہہ شہہ کھارُن یا ترأوُن۔

۲۔ نظر بر قدم ۔ پکنہٕ وِزہ خوداے پننِد توجہ نہ ڈلنہٕ باپتھ کھوٕرن پیٹھ نظر تھأوِتھ پکُن۔

۳۔ سفر در وطن ۔ یٔہ اکس گژھہ ہر وِزہ یہ خیال تھاوُن زِ سُہ چھُ انسأنی مُقامہٕ پیٹھ ملکوٗتی مُقامس کُن سفر کران۔

۴۔ خلوت در انجمن ۔ دُنیاوٕی کارن اندر مشغوٗل اُستھ تہٕ خودأیی یاد کران روزُن۔

۵۔ یاد کرٕ ۔ مقصد چھُ مُشراوُن تہٕ ذکر برابر جأری تھاوُن

۶۔ بازگشت ۔ ذکر کران کران مُنزٕ مُنزٕ ٹھہرُن تہٕ کینہہ گَنڈِتھ دُعا منگنہٕ۔

۷۔ نگہ داشت ۔ بُرٕ خیالو نِشہٕ ہمیشہ دِلس رأچھ کرٕنی۔

۸۔ یادداشت ۔ لفظو تہٕ خیالو ورأے خوداے پننِس حاضر ناظر آسنس پیٹھ یکہ کرٕنی۔

۹۔ وقوفِ زمانی ۔ مُنزٕ پہ سوچُن زِ میہ کیتھہ پأٹھی کوٗر (اَزٕ کہ دُہک) وقت خرچ ؎

---

؎ ۔ (۹۔ الف) مراقبۂ قبر ۔ شونگن وِزہ خیال کرُن بہٕ چھُس قبرِ منز۔ زِ اَزٕ یہ دُہک حساب چھُس نکیر منکرن دوان۔ (غلام رسول نازکی)

۱۰۔ وۄقوٗفِ عددی۔ یہ سوچُن زِ میہ کرا ذکر نیتہِ لیٚٹھ پۄرہٕ یہ پیرہٕ شند ارشاد اوسُم۔

۱۱۔ وۄقوٗفِ قلبی۔ مَنس منز عربی پاٹھۍ اللہ کھنیتھ دِلچ شکل انیٚنۍ۔

(د) الیقین (پَزھ)

(۱) علمی پَزھ (علم الیقین) محض عقید یا علمہ کنۍ پَزھ کرنی (خودایس) مثلن دہیہ وُچھت وَنُن ز نار آسہ۔

(۲) دیدمانہ پَزھ (عین الیقین) اَچھو سیتۍ پَزھ کرنی (خودایس) مثلن نارس نشہ وأتتھ دیہہ وُچھنۍ۔

(۳) کامِل پَزھ (حق الیقین) حواسو سیتۍ پَزھ کرنی (خودایس) مثلن نرِچ زالَن خاصیت وُچھنۍ۔ تھز پَزھ چھ یہے۔

(ھ) نفس

[انسأنی حدن اندر گرفتار خودأیی زِژ یا رُح۔ یہ چھ تمام خرأبین ہُند مۄل۔ یوٚت تام نہ یہ آزاد سپدِ۔ ذکرہ سیتۍ چھ یہ بتدریج قوبوٗ تہٕ پاک سپدان۔ درجہ چھ یمتھ پأٹھۍ:]

۱۔ آوارہٕ نفس۔ (نفسِ امارہ) اَتہٕ نیرِتھ چھ یہ دوزان صرف (۲) ہانزِل نفس (نفسِ لوّامہ) اَتہٕ نیرِتھ چھ یہ بنان (۳)

الہامۍ نفس (نفسِ مُلہمہ) اَتھ ہیرِ تھ چھُ یہ سپدان (۴) ساکن نفس (نفسِ مُطمعنہ) اَتھ ہیرِ تھ چھُ بنان (۵) راضی نفس (نفسِ راضیہ) اَتھ ہیرِ تھ چھُ بنان۔ (۶) صاف نفس (نفسِ صافیہ و کاملہ)

(و) موت

[ نفس قوبو کرِتھ پننہِ پانہٕ نِشہِ "زندہٕ مرُن" یا نے تمام بُدی تہٕ بدی تراونہٕ۔ اَتھ چھ ترٕیہ درجہ۔]

(۱) "سفید موت" (الموت الابیض) غذا ترک کرُن (فاقہٕ دِنی) یُتھ بیہ چھہ تہٕ لذتہٕ نِشہٕ نفس صاف سپدِہ۔

(۲) "سبز موت" (الموت الاخضر) پٔژانہٕ وار لاگِتھ نفس ہاوِہ ہاوِہ نِشہٕ صاف کرُن۔

(۳) "سیِہ موت" (الموت الاسود) زٲنِتھ مُصیبتھ تُلِنو تہٕ تکِہ گیلنس سال کرُن۔

(ز) تجلّی

[ سالکس کُن خودٲیی نوٗرانہٕ تہٕ خودایس کُن سالکہ سُند نوٗرانہٕ۔ اَتھ چھہ ترٕیہ درجہ ]

(۱) مخلوٗقاتی تجلّی (تجلّیِ افعال) سالکہ سُند خودٲیی

مخلوٗقی عملی ہُند نوٗرانہٕ ظاہر کرُن۔ تہٕ خُدایس سُند بنیہٕ مخلوٗقی عملہٕ ہُند سالکس کُن نوٗرانہٕ سوزُن۔

٢۔ "صفاتی تجلّی" (تجلّی شہوٗدی) سالکہ سُند خُدائی صفاتن ہُند نوٗرانہ ظاہر کرُن تہٕ تورٕ تہٕ پیٚھکے پاٹھۍ۔

## (ح) حقیقتِ محمّدی (نوٗرِ محمّدی)

اکھ چھہ تصوّفس اندر سیٹھا تھٔز جاے۔ حضرت جیلی (پٲدٲیش ١٣٦٥ء) چھہ پننہٕ انسانِ کامل کتابہ منٛز وَنان — "خُدایَن بجو تمام وۄجوٗدن ہُند اکھ گرٛنٛڈ یُس یمن اندی اندی پھیرِ۔ یم بنٲوِن گردِش کَرِتھ تمام کاینانکہ اکہ ہیٚ" اکھہ بیٚیہ چھہ صوٗفی وارِیاہ حدیث شریف تہٕ پیش کران: "مثلن بر چھُس خُدایس سُند نوٗر تہٕ سارِی چیز چھہ میانہ نوٗرکہ ظہوٗرٕ"۔

حضرت ابراہیم شطاری چھہ "حقائق نامہ" کتابہ منٛز لیکھان زِ دۄنی ہُنٛدین رُوحن تہٕ جسمن ہنٛز حقیقت چھہ دراصل اکھ تفصیل حضرت محمد صلعمن ہنٛزِ رُوح تہٕ جسمچ حقیقژ ہُند۔ "یمن تمام واتنہٕ ورائے ہیکہ نہٕ کانٛہہ تہٕ سالک بُرونٛہہ پَکِتھ تہٕ فناکِس مقامس واتِتھ۔

## تصوفٕ اصطلاح

۱۔ فنا ۔ سو حالَتھ یُلہِ ساَنِکہ سۭنٛز ذاتھ، تِہنٛدی صِفاتھ تہٕ تِہنٛز عمل، خُدایہِ سۭنٛز ذاتھ، صفاتھ تہٕ عمل چھہٕ بنان۔[1] "یہ چھُ بندگی (عُبُودیت) ہِنٛدہ اِحساسُک تہٕ شعوُرُک خاتمہ"[2]

۲۔ بقا۔ " فنا پتہٕ خُدایہِ سِنٛدِس تفکرس اندر باقی روزُن۔"[3]

۳۔ فنائی فنا (فناء الفنا) فنا گژھہٕ پتہٕ سو حالَتھ یُلہ فنا گژھنُک اِحساس تہٕ فنا سپدِ۔

۴۔ واجب وُجوُد (واجب الوجود
۵۔ مطلق وُجوُد (مطلق الوجود
} ذات دُوِنوَ ہِنٛدِس حالتس منٛز)

۶۔ جمع
۷۔ فصل
} وصل، فنا

۸۔ اغیار ۔ بدی، حسد، غائبت، شہوت تہٕ نفرت

۹۔ کسرت ۔ ذِکرہ تہٕ نفس مارنہٕ سیتھ باطنی ریاضت

۱۰۔ ہادی ۔ غائبی آواز (اتھ چھہٕ مُلکان تہٕ خضر تہٕ وَنان)

---

[1] مطالعہ تصوّف (انگریزی) خواجہ خان [2] [3] کشف المحجوب

# کتاب نامہ

(اسلامی تصوفس پیٹھ پرنس لایق کینٛہہ کتابہٕ)


| | |
|---|---|
| کشف المحجوب | علی الہجوٲری رح |
| رسالہ | قشیری |
| دی صوفی میسیج (انگریزی) | پیر عنایت علی خان |
| تذکرۃ الاولیاء | فرید الدین عطار رح |
| طبقات النسق | ابن عربی |
| اسرار الطریقت | شاہ محمد غوث |
| صوفی ازم | جان، اے، سبحان |
| اسرار التوحید | ابو سعید |
| آداب المریدین | ضیاء الدین نجیب |
| مطالعہ تصوف (انگریزی) | خواجہ خان |
| صوفی ازم | اے، جے، آربری |
| کتاب الطواسین | منصور حلاج |

# نیب

## (ویدانت)

# پ

# نیب

## (ترکا شاستر)

## ک، کھ



## گ



## ل



## م



## ن

## و



## ی

# نیب

## (اِسلامی تصوّف)

# صوٗفی شاعِر

(ترٛیُم جلد)  ترتیب : امین کامِل

کاشرِ ہن صوٗفی شاعرن ہندِ کلامُک انتخاب۔ اِسلأمی تصوٗف، ویدانت تہٕ ترٛکا شیوازم فلسفن پیٹھ مُفصل بحث۔

جلد اَکھ : ۴ روپیہ ۸۳ پونسہ (۲۱۶ صفحہٕ)

جلد زٕہ : ۵ روپیہ ۲۰ پونسہ (۳۳۲ صفحہٕ)

جلد ترٛیٚیہ : ۳ روپیہ ۷۰ پونسہ (۲۵۱ صفحہٕ)

جموں و کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ
کلچر اینڈ لنگویجز
سرینگر

# نورنامہ

صفحہ : ۱۹۰ ترتیب :- امین کامل

کأشرِس ادبی توارِیخس اندر حضرت شیخ
نورالدین ریشی سندین شعروکین ہُند
گوڈنیُک مجموعہ۔
دیباچس منز حضرت شیخ سنز
زندگی تہٕ ریشی سِلسلس پیٹھ مفصل بحث۔

جموں و کشمیر کلچرل اکاڈمی
سرینگر

# اَسَن ترٛاپہٕ

ترتیب : امین کامل

کأشرِ ظرافتی ادبچ اَکھ سعہ برٕن
یُتھ اندر للہٕ دیدِ ہندِ پیٹھٕ از تام کین ظرافت
نگار شاعرن تہٕ نثر نگارن ہندِ بہترین
تخلیقن ہِنٛز ژارٕ چھٕ دِتھ۔

جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی
سرینگر

